# کُلیات حکیم محمّد عظیمؔ

و

# منشی محمّد یوسف

ترتیب کار

**مقبول ساجدؔ**

ناشر

حضرت امام حسینؑ ریسرچ سنٹر سرینگر

(جملہ حقوق محفوظ)


کتابہِ ہُنْد ناو ........................ کلیات حکیم محمد عظیم و منشی محمد یوسف

ترتیب ........................ مقبوٗل ساجد

(ریسرچ سکالر شعبۂ کشمیری کشمیر یونیورسٹی سرینگر)

پریس ........................ جے کے آفسیٹ پرنٹرس نئی دہلی

تیداد ........................ ۱۰۰۰

سرورق ........................ معراج ترکوٗی

کتابت ........................ ولی محمد میر محموٗد آبادی

کمپیوٹر کمپوزنگ ........................ محمد یوسف میر ٹینگن

مول ........................ عام ایڈیشن ۱۱۰/ Rs.

لائبیریری ایڈیشن ۳۵۰/ Rs.

سالِ اشاعت ........................ جولایی ۲۰۰۰ء

نائشرہ:-

حضرت اِمام حُسینؑ ریسرچ سنٹر سرینگر

بسم اللہ الرَّحمٰن الرَّحیم

# انتساب

شاہمردان، شیر یزدان، حیدر کرار، مولائے متقیان، امام الانس و جن،

قسیم النّار والجنۃ ،مظہر العجائب والغرائب، اسداللہ الغالب علیٰ کُلِ غالب

**حضرت علیؑ ابن ابی طالبؑ**

ہِندی ناؑوی

گر قبول افتدز ہے عزوشرف

یا علیؑ ساجدؔ چھُ اَکھ چون ادنیٰ ساغولام

میوٗن آقا مرتضیٰؑ ، میوٗن بوٚڈ رہبر علیؑ

مقبول ساجدؔ

# فہرست مضامین

ط

# دۆیِم ڈآلی

مقبۆل ساجد صآب چھِ اَکھ نوجوان اَدیب، محقق تہٕ نقاد۔ یونیورسٹی منز اعلیٰ تعلیم حاصل کران سیٹھاہ ذہین، بُتھہِ تلے ننان زِیہ چھُ واریاہ شریف، حیادار تہٕ کم گو۔ باسان زن تہٕ دُنی یاوی سہولیتو نشہِ واریاہ محرۆم۔ییلہِ اَمی ہِندس ووجۆدس وارِ سئو، یہِ وُچھون، پرِ کھاوون تیلہِ چھُ عیان سپدان زِیہ چھ عزم وعملہِ ہُند تہٕ غآرتک پیکر، نہٕ تھکہِ وُن تہٕ نہ ہارِ وُن اَکھ سیٹھاہ باہمت انسان۔

اَمی تہٕ نیوٗ عام اَدیبن ہِندی پآٹھی گوڈ مشاعرن منز حصہٕ۔ واریاہ مضمۆن لیکھِن، سیمینارن، ریڈیو تہٕ ٹی، وی پیٹھہِ پرِن۔ مقبۆل ساجد چھُ اکہِ لوکٹہِ محلہٕ خۆشی پورِ (ایچ۔ایم۔ٹی) سرینگرُک روزن وول۔ییتہِ شاید اَمس تم سہولیات بہم چھِنہٕ یمن ہُند اَمس ضرۆرتھ اوس تہٕ نہٕ چھس سوسوسایٹی ییتہٕ یہِ پُن اظہار کرِ ہے مگر اَمی باہمت اَدیبن ہآر نہٕ ہمت اَمی کرِ کشیرِ ہِند بن بڈین اَدیبن شاعرن تہٕ ووستادن ہِنز شاگردی تہٕ جحت بقول مہجور۔

دلیرن ہتی تھاوکھ خوے گژھی دِل تے جگر پیدا

یہِ دِل تہٕ جگر گوٲمِس جواں سال أدیبس پوٗر پأٹھی حاصل ۔ یہِ روٗد مرثیہِ ادبس پٮ۪ٹھ کأم کران ۔ أمی کوٗر رنہٕ مرثی ہندس ابتداہس پٮ۪ٹھ تحقیق تِکیازِ سُہ چھُ وونی یَر گومُت ۔ بلکہِ أمی کوٗر تِمن مرثین پٮ۪ٹھ تحقیق شروٗع یِمہٕ مرثیہِ رات دوہ مجلسَن منٛز پرنہٕ چھےٚ یوان چھِ ۔ مگر یہِ چھُ سٮ۪ٹھاہ کم پرَن والین مولوٗم زِ یِم مرثیہِ کُم مُصنفَن چھےٚ ونہٕ مَژٕ تہٕ کرٕچھَن ونہِ مژٕ ۔

پرُس آو مقبوٗل ساجد صأب مےٚ نشہِ اَکھ سٮ۪ٹھاہ مأری منٛز کتاب ہٮ۪تھ یٮ۪میُک ناو ''کلیات منشی صفدر'' اوس ۔ مےٚ زٕٹ کتاب سٮ۪ٹھاہ زٕژ کتابت تہٕ طباعت، سٮ۪ٹھےٚ مأری مند گبٹ اَپ اوسُس ۔ یہِ أس میانہِ باپتھ نو ڈٲلی ۔ سٮ۪ٹھاہ تحقیق کوٗرمُت زِ مرحوم منشی صفدرن کتہِ چھےٚ یِمہٕ مرثی ونہٕ مَژٕ ۔ لکھنو، امرتسر وغأر ۔ مرثی چھےٚ سٮ۪ٹھےٚ جدید طرزس پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمٕژ ۔ یٮ۪مہِ ہتی سوو شوأری چھےٚ دوٗر گأمٕژ یوسہٕ أکس تِمس شخصس یٮ۪می نہٕ مرثیہِ بوزمٕژ چھےٚ پیش أس یوان افسوٗس چھُ زِ یِم مرثین رات دوہ بڈبن اجتماہن منٛز پران چھِ تِمو چھنہٕ زانہہ تہِ یہِ تکلیف کوٗرمُت زِ تِم کرٕہن یہِ مولوٗم زِ یہِ مرثی کُمی شاعرن چھےٚ تخلیق کٔرمٕژ، سُہ کُس اوس، کتیُک اوس کتہِ زاوتہٕ کتہِ چھُ دفن ۔ تِمی سند چھاوونی کانٛہہ زرباقی رِکنہٕ نہٕ ۔ اَتھ برعکس چھُ مقبوٗل ساجد صأبن یہِ عظیم منصوٗبہٕ سٮ۪ٹھاہ مُبارکس لایق تِکیازِ أمی بے سروسامان نوجوانَن چھُ عزم کوٗرمُت زِ یہِ کرِ اَکہِ اَکہِ تمام مرثی نگارن ہُند کلامہٕ تِہنٛز سوانح عمری ہٮ۪تھ جمع تہٕ تِژاو تجزیأتی مطالعہٕ باپتھ اَسہِ بروٚنٛہہ کُن ۔ ''کُلیات منشی صفدر'' اوس امیُک آغاز ۔ اَتھ منٛز چھےٚ فأضل مصنفہٕ ہنٛز سارے مرثیہِ موجوٗد ۔ کشیرِ ہُند کانٛہہ حصہٕ چھُنہٕ یِیتہٕ نہٕ تِمہٕ مرثی پرنہٕ چھےٚ

یوان منٛزن مضموٗن رعد جنگی، دل، نصرت، سکندری بیتر۔ یمہٕ چھےٚ سٮ۪ٹھاہ
معروٗف تہٕ سٮ۪ٹھاہ پرنہٕ ینہٕ واجنہٕ مرثیہٕ۔ مگر خال کانٛسہِ اوس پتاہ زِ یمہٕ کہٕنٛد کلامہٕ
چھُ، سُہ کُس اوس، کرٕ گوو تہٕ کتیتھ چھُ لرتراوِتھ۔ کیٛنہہ دوہ برونٛہہ آو یہ بےلوث
نوجوان تہٕ معصوم صوٗرت ادیب بیٚیہ مےنِش تہٕ ہاو نم کتابت گرِتھ اکھ کتاب۔
یہ کٲشرٕ ہنٛدس سٮ۪ٹھاہ بلند پایہ مرثی نگار مرحوم مُلا حکیم عظیمس پٮ۪ٹھ تحقیق تہٕ اَتھ
منٛز روانہٕ تہٕ باقی اوزان ہیٚتھ تمہ سٕنٛز تمام مرثیہ جمع کرمٕژ۔ مےٚ روٗٹ نالہٕ متہٕ تہٕ
کوٗرمس ڈیکس میوٗٹھ۔ مےٚ ییلہِ مضموٗن ''کتاب'' یوسہٕ سٮ۪ٹھاہ مشہوٗر تہٕ
مقبوٗل مرثیہٕ چھےٚ، تیٚمیُک مُصنف میانہٕ ذہنہٕ رٕوٗ دُمت اوس مےٚ پیوٚ یاد لاہورُک
مرحوم امداد علی صاب۔ یہ اوس ساری ہے برصغیرس منٛز مشہوٗر۔ تھدِ پایک
ذاکر مےٚ چھُ بڈ گامہِ کُس امامبارس منٛز ساسہٕ وادلوٗکن منٛز اَمی سٕنٛز مرثیہٕ
بوزمٕژ۔ امداد علی اوس نواب، سٮ۪ٹھاہ قیمتی پوشاک اوس لاگان۔ کٲشری پاٹھی
اوس نہٕ ہیکان صاف پاٹھی کتھ کرِتھ مگر مرثی اوس صحی تلفظس منٛز پران۔ پتہٕ
اَتھ اردو دانن ہنٛدِ باپتھ ترجمہٕ تہٕ کران۔ یہ اوس لاہورُک تہٕ علامہ اقبالس ستی
اوسس ووتھن بہن۔ اَمی بوزِ نوو علامہ یُوہے مضموٗنِ کتاب تہٕ تمہ سپدی حدٕ
رٕوس محظوٗظ تہٕ فرموٗوُک زِ کٲشرٕ منٛز چھا اَمہِ پایک ادب۔ ''یہ بشر کا کلام ہو نہیں
سکتا۔ بلکہ اس میں روح القدس کارفرما ہے'' تہٕ اشکبار سپدی۔ مےٚ چھُ اَمس
بہلہِ پایہ ذاکرس نشہِ مضموٗن سکندری بوٗزمٕژ۔ تتھے کُنی چھُ مےٚ تقسیمہٕ برونٛہہ
راول پنجہِ امام بارہ باقریس منٛز اکھ پشاورُک سیدیُس اَمہِ امامبارُک مجاوِر اوس
کٲشرِ پاٹھی مضموٗن شمع سٮ۪ٹھاہ صحی تلفظس منٛز پران وُچھمُت حالانکہِ سُہ
اوسنہٕ کٲشری پاٹھی کتھ ہیکان کرِتھ۔

بہر حال ہو کیاہ کرِیمِہ عظیم کارنامس پیٹھ مقبوٗل صأبس نذر ع

جُز دعاے نیک جو ہے بے بہا پھولوں کا ہار

مرثیہِ عاشقن ، عزادارانِ حضرت امام عالیمقام ہِیٚہ سأری ہے قومس پزٕ اُمس

ادپس سبٹھاہ قدٕر کرِنی عزت کرن ۔ حوصلہٕ ہُرٕ راوُن تہٕ اَتھ میٖٹھو داد دیٖن ۔

یمہٕ کتابہٕ گوھن پرٕتھ مرثیہِ عاشقہٕ سٕندِس گرٕس منٛز بطور تو برُک آسنہٕ ۔ اَتھ چُھنہٕ

کانٛہہ شک زِ مقبوٗل ساجد صأبن ییٚگاہ چھُ یُو روشن تہٕ تابہٕ وُن زِ سأری وَنن

عنقریب بیٚہ چھُ سون ، بیٚہ چھُ سون ، بیٚہ چھُ سون ۔

ٹاٹھِہ ساجد صأبہٕ میوٚن وژھہِ وأنجہِ کرتہٕ مُبارکباد قبوٗل ۔ صد آفرین

وومید چھےٚ زِ تِھے پأٹھی واتہِ جلدٕ ے حضرت مرزا ابوالقاسمؒ صأبٕنی کُلیات تہٕ اَسہِ

تام تہٕ ییٚہٕ باقی سارٕنے تمن مرثی نگارن ہٕندی ، یِہنٛز مرثی یوٚ دوے پرٕنہٕ چھےٚ

یوان اماپوٚ زشأعر چھِنہٕ ویٚدی ۔ جزاک اللہ

مقبول ساجد صأبہٕ چون سبٹھا قدردان

۲۰۰۰ء ۶ /جولایی فارق بڈگامی

بمطابق ۳ /ربیع الثانی ۱۴۲۱ ھ بڈگام کشمیر



# گوڈٕ کتھ

''کلیات منشی صفدرؔ'' پتہٕ چھ مشہوٗر مرثی نگار حکیم محمد عظیمؒ تہٕ منشی محمد یوسفؒ سٕنٛز کلیات حاضر۔ ''کلیات منشی صفدرؔ'' ترتیب دِنہٕ پتہٕ ییٚمہِ انمانہٕ مےٚ کلہم قومس منٛز قدر افزأیی سپٕز تہٕ کتابہِ علماءِ کرامن، ادیٖبن، شأعرن، ذأکرن تہٕ خاصکر عام لُکن نشہِ پذیرأیی میج تمہِ ستیٚ بڈیوٚ مےٚ حوصلہٕ تہٕ مےٚ لأج فورن درِدس کلیات ترتیب دِنٛی۔ تہٕ تمہِ ژُووہ مرثی کوٚرم رٕژھراونک عزم ییم ییمو دویو بہلہِ پایہِ گونماتو تخلیق چھےٚ کرِمٕژ۔ ییمہٕ مرثی بدِ کڈنس منٛز پیوٚ مےٚ سخ جدوجہد کرن تہٕ قدیم ترٖین نسخن ذألی دِنٛی تِکیازِ ییمو منٛز چھےٚ سال وماہ، کوہ، مار، تسبیح، آفتاب، درخت طوبیٰ تہٕ کأبیترِ تژٕھہٕ مرثیہِ ییم ووٚنی شاید کنہِ تےٚجایہِ چھنہٕ پرنہٕ یوان۔ خاصکر سال وماہ، کاسہٕ نٔہ مار ہشن مرثین ہٕنٛدی نقل نام چھِ مفقوٗد سپدٕ یمتیٚ۔ لہٰذا یژھن مرثین ہٕنٛدی نقل رٕژھراون چھُ مےٚ باسان جہاد اکبر تہٕ کأشرادبچ تہٕ زبأنی ہنٛزٕ اکھ بڈٕ بارٕ خدمت۔ تِکیازِ ییم چھِ پٔزی پأٹھی بہلہِ پایہٕ

ادب پارٕ تہٕ یہنٛدِ تلف سپدنہٕ ستی ہیکہِ کأشرِ زبأنؠ تہٕ ادبس بوڈ بارٕ نقصان سپدتھ
حکیم عظیم تہٕ منشی یوسف صأبن کوسہٕ کوسہٕ مرثی چھےٚ ؤنی موٗ؟ تہٕ آیا تم
آسیا یکوٹہٕ مرثی لیکھان کنہٕ یمہٕ مرثی چھےٚ عظیم صأبن تن تنہا لیچھمٕو؟۔ یم چھِ تم
زٕ سوال یمن پیٹھ از تام کأشرِ مرثی پیٹھ قلم تلَن والین ادیبن درمیان زبردس
اختلاف چھُ روٗدمُت۔ مےٚ کوٚر اَتھ سلسلس منٛز پننہٕ بترِ حسابہٕ تحقیق۔ حکیم تہٕ
منشی خاندانچین بیاضن ذٲلی دِنہٕ علاوٕ وُچھی مےٚ تِمن خاندانن ہٕنٛدی آبأیی نسخہٕ
یمن یمہٕ مرثی ونہٕ مَنٛز چھکھ تہٕ اصلیت ژٕنی راوٕنٕچ کٔرم کوٗشش۔ خاصکر مسلٔہ
اشتراک حل کرنٕچ کٔرم پورٕ کوٗشش اَتھ سلسلس منٛز کتھ حدس تام چھُس بہٕ
کامیاب سپدمُت تہٕ ہیکو توٗہی فأصلہٕ کٔرتھ۔

یتھےٚ کٔنی کوٚر مےٚ سُہ مسلہٕ تہٕ حل کرنٕچ کوٗشش زِ عظیم صأبنؠ تہٕ یوسف
صأبنؠ کوسہٕ کوسہٕ مرثی چھےٚ۔ بدقسمتی کٔنی چھُ از تام مختلف محققو ہنا متضاد فہرست
ہأوی متٕ۔ یہِ کلیات ترتیب دِنس دوران روٗدی مےٚ منشی محمد صادق، حکیم صفدر
ہمدانی تہٕ منشی غلام مصطفیٰ مرحومن ہٕنٛدی ترٛےٚ مختلف لسٹ پیش نظر۔ تأجب چھُ زِ
اکے خاندانٕکی تہٕ ہم عصر آسنہٕ باوجوٗد چھُ یہنٛدِین فہرستن منٛز تضاد لبنہٕ یوان۔
مثالے حکیم صفدرُن فہرست چھُ یہ ۱۔ در۔ ۲۔ رو۔ ۳۔ شبیر۔ ۴۔ شیر۔ ۵۔ موسیٰ۔ ۶۔ کتاب
۔۷۔ آفتاب ۔۸۔ پیری ۔ ۹۔ سال و ماہ۔ ۱۰۔ درخت طوبیٰ ۔۱۱۔ صرأفی
۔۱۲۔ چاہ۔ ۱۳۔ سفر۔ ۱۴۔ لشکر۔ ۱۵۔ خیمہٕ۔ ۱۶۔ نمک ۔ ۱۷۔ کوہ۔ ۱۸۔ زنجیر۔ ۱۹۔ تسبیح
۔۲۰۔ خواب۔ ۲۱۔ کاسہٕ۔ ۲۲۔ برادری۔ ۲۳۔ ہوا۔ ۲۴۔ قفس۔

منشی غلام مصطفیٰ صأبن چھُ ”اپیل مع فہرست مراثیہ“ پمفلٹس منٛز یہِ لسٹ دِتھمُت۔ [۲]

---

[۱] شیعان کشمیر [۲] اپیل مع فہرست مراثی

۱۔ در ۔۲۔ رو ۔۳۔ شیر ۔۴۔ شہر ۔۵۔ کتاب ۔۶۔ آفتاب ۔۷۔ چاہ ۔۸۔ خاک ۔۹۔ مار ۔۱۰۔ سر ۔۱۱۔ برادری ۔۱۲۔ پیری ۔۱۳۔ قفس ۔۱۴۔ نمک ۔۱۵۔ زنجیر ۔۱۶۔ کاسہٕ ۔۱۷۔ ہوا ۔۱۸۔ تسبیح ۔۱۹۔ موسیٰ ۔۲۰۔ درخت طوبیٰ ۔۲۱۔ کوہ ۔۲۲۔ خواب ۔۲۳۔ شاعری ۔۲۴۔ ولی المومنین یُہے لسٹ چھِ من وعن منشی نذیر احمد صأبن "صدا قفس" منز نقل کۆرمُت ۔البتہٕ اغلاط نامس منز چھُن پتہٕ مضمؤن "صرأفی" تہٕ یمن گُن منسوٗب کرِمُت ۔ ییٚلہِ زن مشہور مرثی نگار منشی محمد صادقؒ صأبن یہِ لسٹ چھُ ہوومُت ؎۳۔

۱۔ در ۔۲۔ کتاب ۔۳۔ پیری ۔۴۔ آفتاب ۔۵۔ شہر ۔۶۔ شیر ۔۷۔ نمک ۔۸۔ زنجیر ۔۹۔ خاک ۔۱۰۔ چاہ ۔۱۱۔ سال وماہ ۔۱۲۔ صرأفی ۔۱۳۔ خواب ۔۱۴۔ کوہ ۔۱۵۔ مار ۔۱۶۔ تسبیح ۔۱۷۔ موسیٰ ۔۱۸۔ برادری ۔۱۹۔ کاسہٕ ۔۲۰۔ سر ۔۲۱۔ خمہٕ ۔۲۲۔ درخت طوٗبیٰ ۔۲۳۔ قفس ۔۲۴۔ رو ۔ مےٚ ہیٚو یمن ترشوٚنی فہرستن ہمکال رکارڈ مدنظر تھاوِتھ سام تہٕ بہٕ ووتُس یتھ اَنجس زِ منشی صادق صأبن فہرست چھُ اکہِ مرثی سوا بلکل صحیح تہٕ مستند ۔تس چھُ مضموٗن "ہوا" مُشِتھ گومُت ۔تہٕ تتھ بدل چھُن مضموٗن خمہٕ ہوومُت ۔یہِ مرثی یۆ دوے حکیم صفدرن تہٕ یمن دون گونماتن گُن منسوٗب چھےٚ کرِمژ ۔اماپوٚز علی محمد فقیر (اول) چھُ تتھے کنہٕ اَتھ منشی شاہ محمد صأبنہٕ ہاوان ۔تتھٕ کنہٕ صاحبِ "ابیل" تہٕ "صداقت" ہاوان چھِ ۔نمبر ز یہِ مرثی چھےٚ اکہِ شاہ فقیرس وننہٕ آمژ تہٕ تس چھُ منشی شاہ محمدٕ ے مرثی دِوان اُوسمُت تہٕ حکیم عظیم تہٕ منشی یوسفن چھنہٕ تس کُنہی مرثی وٕنی مژ ۔لمہِ علاوٕ چھُ کلامہٕ کہِ اۆسلوبہٕ ، زبأنی تہٕ تلہٕ ترٛاوتلہٕ یہِ مرثی سیٚوٚد منشی شاہ محمدٕنی باسان۔

"ابیل" تہٕ "صداقت" والیٚو چھ اَتھ فہرستس برعکس ز مرثیہ مضموٗن

---

؎۳ مرثیہ جات منشی صادق ریسرچ لایبریری سرینگر اندراج ۳۰۷

''شاعری'' تہٕ مضمونِ ''ولی المومنین'' اِسہٕ بلہٕ صأب تہٕ عظیم صأبنس کھاتس منز
ترٛاوِہو۔ییٚلہِ زن ''صرأفی'' تہٕ ''سال وماہ'' چھکھ نظر انداز کرٕہو۔البتہٕ پتہٕ چھُ منشی
غلام مصطفیٰ صأب کتاب البکا کس دوٚیمس حصس تہٕ منشی نذیر احمد اغلاط نامس منز
مضموٗن صرافی باضأبطہٕ یِہنز ے ہاوان اماپوٚ ز ''سال وماہ'' کس بارس منز چھِ
خاموش۔مضموٗن سال وماہس چھُ ''گلشن مراثی'' منز حکیم محمد علی تہِ عظیم صأب تہٕ
یوسف صأبنٛ مشترکہ تخلیق ہاوان۔ییٚلہِ زن مضموٗن ''شاعری'' تہٕ ''ولی المومنین''
کس بارس منز منشی عباس، حکیم محمد علی، خواجہ امہ کوٚل، علی محمد (فقیر)، سید مصطفیٰ
رضوی، آخوند صفدر میر، حکیم صفدر تہٕ منشی صادق بیترِ سان تمام مرثیہِ نگارٕ ذأ کر تہٕ
ادیب متفق چھِ زِ یم مضموٗن چھ حکیم عبداللہ صأبنٛ۔

یتھے کٕنی چھُ حکیم صفدر ہمدانی صأبن مضموٗن ''سفر'' ''لشکر'' تہٕ خمہٕ عظیم
صأبنٛ تخلیق ہأوِہو۔ییٚلہِ زن تہنز ے آبأیی بیاضہِ یوسہٕ مشہور مرثی نگار منشی احمد علی
غازی صأبن ۲۶۔۱۳۲۵ ہجری منز لیچھمٕژ چھےٚ منز چھُ ٹاکارٕ مضموٗنِ ''سفر'' منشی شاہ
محمدٕنُ ہاونہٕ آمُت۔کتاب البکا کس گوڈنکس جلدس منز تہٕ چھ یہِ مضموٗن درج۔
تتہِ تہِ چھُ یُہے صورتحال۔ییٚلہِ زن مضموٗن ''لشکر'' کس بارس منز مےٚ متضاد
روایتہٕ درٛنٛجھی گیہٕ۔مثلن ۱۲۹۱ھ منز لیکھنہٕ آمِژ منشن ہٕنز آبأیی بیاضہِ منز چھُ سیوٚ دیہٕ
مضموٗن منشی مصطفیٰ علی تہٕ اِسہٕ بلہٕ صأبن ہاونہٕ آمُت۔یَتھ منشی عباس، منشی صادق
تہٕ منشی غلام مصطفیٰ تأید چھ کران اماپوٚ ز خواجہ احمد علی عرف امہ کوٚل چھُ دون بیاضن
منز اَتھ عظیم صأب تہٕ اِسہٕ بلہٕ صأبنٛ مشترکہ تخلیق ہاوان۔یہِ مرثی وچھُ مےٚ خوجہٕ
جعفر، علی محمد (فقیر) تہٕ سید جعفر رضوی کربلأیی صأبنین نسخن منٛز تہٕ اماپوٚ ز تمو چھُ
چھرا یوسف صأبنٛ یوت تناوِ لیو کھمُت۔ییمہٕ کٕنی چھِ گٕنہ نتیجس ہیوٚ کس نہٕ وأتتھ۔

یتھے کُنۍ چھِ لمہٕ کُلۍ مضموٗن ''سخن خالق الکلام'' تہٕ یہٕندس کھاتس ترووُمت۔ یتھ ''ہکہٕ تہٕ ووش'' کتابہٕ منز انیس کاظمی تہٕ تایٔد چھُ کران۔ اماپوٚ زٕ منشی صادق تہٕ حکیم صفدر بیترِ چھِ اَتھ رد کران تہٕ یہ مرثی منشی مصطفیٰ صاٮ۪بنۍ تہٕ اِسہٕ بلبہٕ صاٮ۪بنۍ مشترکہ تخلیق ہاوان۔ اماپوٚ زٕ قدیم ترین نسخن منز چھُ محض اِسہٕ بلبہٕ صاٮ۪بنۍ یوت ناو درج۔

یٖمہٕ حسابہٕ ہم عصر رکاڈس پیٹھ اکثر مرثین چھ را یوسف صاٮ۪بنۍ یوت ناو درٕ ینٛٹھۍ چھُ گوٚھان تمہٕ ستی چھُ یہ گُملنہٕ کاڈ کڈان زِ یمہٕ اکثر مرثی گوٚھن تسٕنزِ بلا شرکت غیرے آسنہٕ۔ تہٕ یَتھ شکس چھُ توثیق سپدان آیاٚ تھ وٕ رِ شہٕ وأنسہٕ دوران لیٚچھا تموفقط زٕ ے مرثیہ تنِ تنہا۔ حکیم محمد رصا بتہٕ چھُ پننس ''چہ دلاور است دُزدے کہ بکف چراغ دارد'' ناوی مقالس منز یتھی نے خیالن ہُنز باوتھ کران۔

''پھر جیسا کہ ہم نے بار بار ذکر کیا ہے کہ یہ بات انتہایی طور پر مضحکہ خیز ہے کہ انہوں نے اپنے طور صرف تین ہی مرثیہ کہے ہیں۔ جبکہ زندگی کے سو سال دوسروں کے ساتھ وہ صرف مرثیہ ہی مرثیہ کہتے رہے......ظاہر ہے بہت کچھ تحریف ہوئی ہے ہم سمجھتے ہیں کہ اس میں تحقیقات کی ضرورت ہے تاکہ منشی یوسف کی اپنی تصنیف کردہ مرثیوں کی صحیح تعداد متعین کردی جائے۔ فاضل اور اہل سخن حضرات اچھی طرح اسکا تعین کر سکتے ہیں کیونکہ ہر شاعر کا اپنا اپنا رنگ ہے اپنی جداگانہ انداز ہے اور ایک واضح وجود ہے۔ اس میں ایک گہرے تجزیے کی ضرورت ہے..........''

بہر حال یہ کأم چھس یہ ینہٕ والین محققن ہنٛدِ باپتھ تھاوان۔ یتھ زن صحی صورت حال واضح سپدِتھ ہیکہٕ۔ تہٕ امس عظیم المرتبت مرثی نگارس ستی انصاف سپدِ۔

بہر حال یہ چھس تمام تو مک مشکور یمو مے زبردس حوصلہٕ افزآیی کر۔ خاص کر ڈا کٹر خواجہ احمد علی ( گنڈ خواجہ قاسم ) پروفیسر شفیع شوق تہٕ سید انیس کاظمی صاٹبن یٚہند بے لوث لول تہٕ پُر خلوص رہنمائیی مےٚ قدمس قدمس پتھ شامل حال روٗز۔ تتھےٚ کٔنژ تمن حضراتن ہُند یمو مےٚ پننہِ آبائی بیاضہٕ آیتن تھاوِ مثالے منشی نذیر احمد، ڈاکٹر محمد شفیع، حکیم طاہر حسین، ڈاکٹر تصدق حسین صوفی، ڈاکٹر خواجہ غلام مصطفیٰ، محمد جعفر بٹ ( گونی ما گام ) تہٕ سید حیدر رضوی ( ڈڈنہ ) بیترِ۔ خصوصن منشی نذیر احمد، حکیم طاہر حسین تہٕ انیس کاظمی صاٹبن تھاوی مےٚ کینہٕ نادر تہٕ نایاب تواریخی دستاویزات پیشکش یمو ڈسی مےٚ حکیم محمد عظیم تہٕ منشی یوسف صاٹبس متعلق اہم تہٕ مولل مواد توہہ تام واتناونس منز مدد میوٚل۔

یہ چھس منشی بشیر احمد، منشی مقبول حسین تہٕ صوفی احمد حسین صاٹبن وژھہِ وانجہِ شکریہ ادا کران یہند دستِ تعاون مےٚ ہمیشہِ آیتن روٗد تہٕ برابر حوصلہٕ بڑراوان روٗدی۔

**اَکھ ضروری عرضداشت** :- یہ کتاب اُس کتابت کین اخری مرحلن منز زِمیائی قبلہٕ گاہ والد محترم غلام رسول علائی صاٹب سپدی ۲۴ رجون ۲۰۰۰ء بمطابق ۲۱ ربیع الاول ۱۴۲۱ھ صبحس پانژِ بجہِ رحمت حق انا اللہ و انا الیہ راجعون مرحوم و مغفور اُسی حدِ روٚس محبِ اہلبیتِ اطہار تہٕ دٕہندار۔ تمن اُس عربی، فارسی زبانن ستی ستی اسلامیاتس پیٹھ ٹٔنی نظر۔ یہ یہ کینژھا چھس تہٕ چھُ تہند ے مرہوٗنِ منت تہٕ یم مرثی نگارن ۂندی کُلیات توہہ بروٚنہہ کُن پےٚ درپے ینہٕ لگی۔ یہ چھُ سورُے تہند ے بے مثال تالیم و تربیتگ ثمر۔ لہٰذا یہ چھس یمہٕ کتابہِ ڈسی فیضیاب سپدن والین تمام مومن استدعا کران زِ تم پرن تہندِ ایصال ثوابہٕ خاطرِ

سورٕہ فاتحہ۔خاص کرذٲ کرن چھُ التماس زِتم کرن مجلسَن منٛز ضٕو رٕ تَس یادٕ کرِتھ تَسنٛد باپتھ طلبِ مغفرت۔

یَتھے کُنٛز سپد دوٚیمہٕ جوٗن گنڈِ خواجہ قاسم ماگمہٕ اُکس مجلس حسینیؑ منٛز بارودی سرونگہِ ہنٛد دماکہٕ ییتھ منٛز اَکھ درجن پیٛٹھی مومن شہید سپدی یِمن منٛز سید حیدر رضوی، خواجہ قاسم علی تہٕ خواجہ غلام احمد وانی تہِ شامل اُسی۔سید حیدر (ڈڈنہ بڈگام) اُسی احمد پورِکین تِمن ساداتن ہٕنٛدی زُری یِمو منٛز کالس منٛز کاشرِ مرثی سبٹھے عروٗج دیُت۔خواجہ قاسم علی اُسی سلطان الذاکرین خواجہ احمد علی عرف اَمہِ کلہِ نس نیچوٗس ذٲکر خواجہ رضاہنٛدی فرزند۔یِہنٛدی خاندانن کاشرِ مرثی وہ تہٕ بوٗدِنس منٛز خاص رول ادا کوٚرتہٕ خواجہ غلام احمد وانی اُس خوش الحان ذٲکرِ اہلبیت۔مے رٕوُد وزِ وزِ یِہنٛد دست شفقت تہٕ دستِ تعاوُن آیتن۔لہٰذا چھُ مومن اکہِ لٹہِ بیٚیہٕ التماس زِتم پرن یِہنٛدِ ناوٕ تہِ سورٕہ فاتحہ۔

خوشی پورہ ایچ ایم ٹی سرینگر — مقبول ساجد

۷ ر جولایی ۲۰۰۰ء — ریسرچ سکالر شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی سرینگر

خوشی پورہ ایچ ایم ٹی سرینگر



# حکیم مُلا محمّد عظیم

حکیم محمد عظیم چھُ کٔشیرِ ہُنٛد سہٕ باگہِ بوٚرُت تہٕ خوش قسمت مرثی نگار یَس دُنیاتہِ حاصل سپُد تہٕ دین تہِ۔ أمس ڈیکہٕ بڈس میوٚل پننہِ زندگی منٛزٕ حدرۆس قبوٗلِ عام تہٕ أمۍ واتنوو کأشرِ مرثی ہُنٛد فن معراجِ کمالس۔ یہُنٛد ناو توأرتخس منٛز "حکیم محمد عظیم، مُلا محمد عظیم، حکیم عظیم، رئیس کشمیر عظیم الدین صأب" ناوۍ مشہور تہٕ معروف چھُ۔ تہٕ یمن أسۍ ٹاٹھیار کنۍ عُظم صأب ونان۔ یم أسۍ حکیم جواد صأبنۍ أچھ گاش، حکیم جواد صأب اوس پننہِ وقتہٕ شأہی دربارُک طبیب تہٕ محکمہ صحتُک انچارج۔ أمیُک تذکر چھُ مورِخ پیر حسن شاہ تہِ تاریخ حسنس منٛز کران مگر تعصبہٕ کنۍ چھُ حسن تِمس بُرٕ الفاظو یاد کران یُس حسن شہس بیٚین اقلیتی مسلک خاصکر شیعہٕ علماہن تہٕ اولیاہن نسبت وٕطیرٕ روٗدمُت چھُ۔ أمہِ خاندانُک جد امجد چھُ مُلا محمد سعید الدینؒ ہمدانی یم گوڈٕ نکہِ پھرِ حضرت میر سید علی ہمدانی علیہ الرّحمہ ہس ستی ۷۸۲ ھ ہمدانہٕ پٔتھ کٔشیرِ آے۔ تمو چھُ یِیتہِ اسلام تہٕ ایمانکس تبلیغس منٛز کارہاے نمایاں سرانجام دتۍ ٕمتۍ۔ تمن اوس میر سید علی ہمدانی علیہ الرّحمہ سُنٛد خلیفہٕ آسنُک شرف تہِ حاصل۔ تہٕ تم أسۍ خانقاہ معلیٰ تعمیر سپدنہٕ پتہٕ تمِکۍ اولین متولی تہٕ یُس باقی مورخو علاوٕ مورخ حسن تہِ تسلیم کران چھُ[1]۔

میر سید محمد ہمدانی رحمتہ اللہ علیہ أسۍ تہند ناو گوٚل بُرتھ ہوان تہِ

---

[1] تاریخ حسن جلد ۲ پیر غلام حسن کھویہامی

تِمن ''برادرارشد'' (بأی صأب یا بأی لالہٕ) ونان۔

تِہندِ تبلیغہٕ ڈٕسی چھِ اکثر لوکو دین اسلام قبوٗل کٔرِتھ زُنّار ژٔڈۍ مِتۍ تہٕ ابدی نعمت پرأوِتھ کلمہ لا الـہ الاالله ہِکۍ ایمان افروز نغمہٕ گیوٗۍمٕتۍ تہٕ ۳۷ ساس لۆکھ چھِ اکے دوہ مسلمان بنے مٕتۍ۔

| | |
|---|---|
| اندران دم زمُردم کفار | شد ہدایت بسی و ہفت ہزار |
| ظلمت کفر شد بنور جدل | بہ سعادت رسید سعید ازل[۲] |

اَمہِ خاندانُک شجرہ نسب چھُ یِتھہٕ کٕنۍ۔

مُلاّ محمّد سعید الدین ہمدانیؒ

مُلاّ عبدالرّشیدؒ

مُلاّ محمّد صادقؒ

مُلاّ طالبؒ — مُلاّ غالبؒ

مُلاّ محمّد طاہر غنی کشمیری مشہور شاعر و ادیب — مُلاّ عبدالغنی (شارق) — مُلا محمد زمان نافع — مُلاّ محمّد مہدیؒ

مُلاّ ابوالخیر — مُلاّ صفی الدین — مُلاّ علی اکبر

منشی عباس — منشی احسن الله — منشی سعید — منشی مصطفیٰ — مُلاّ حکیم محمّد جواد

منشی محمّد یوسف — منشی محمّد علی — مُلاّ حکیم محمّد عظیم

احسن الله — غلام علی — منشی محمد علی — طالب — منشی شاہ محمد — قاسم — عبدالله

منشی عبدالغنی — منشی محمّد عباس — منشی مصطفیٰ علی — مُلاّ حکیم عبدالرّحیم

منشی غلام محمد — منشی محمّد صادق — منشی حسین علی — مُلاّ حکیم حبیب الله حبیب

منشی بشیر احمد — منشی غلام مُصطفیٰ

منشی نذیر احمد — منشی مقبول حسین — وغیرہ

---

۲۔ کاشر مرثیہ ہنز تاریخ.................. انیس کاظمی

امے خاندانکو نسبی تہٕ سبی شاخو چھ کٲشِرِ منز کاشُرِ مقام بند مرثیہٕ ہُند فن معراج کمالس واتنووُمت یِمن منز حکیم شاخ تہٕ منشی شاخ قٲبلِ ذکر چھِ۔

مرحوم حکیم غلام صفدر ہمدانی صاحب چھ ''شیعانِ کشمیر'' ناوی تواریخس منز لیکھان زِ کٲشیرِ منز اوسنہٕ شیعہ مسلکہ کہ تبلیغہ باپتھ کانْہہ قٲبلِ ذکر عالم اوے آو مُلّا سعید الدین ہمدانی کٲشیرِ سوزنہٕ مگر باقی مورخ تہٕ وقایع نگار چھنہٕ اَتھ قولس تصدیق کران تہٕ کیازِ تِتھو وقتس منز اٲسی حضرت میر سید حسین قمیؒ، حضرت سید محمد مدنیؒ، سید شہاب الدین حید رمحمود موسوی اردبیلیؒ، سید باقرؒ تہٕ باقی بزرگوار کٲشیرِ منز گاشہٕ تارکن ہندی پاٹھی نہٕ کران تہٕ کفروالحادچ قلاے مسمار کٔرِتھ دین اِسلامُک ژونگ زالان۔ حضرت سیّدنا سید محمد مدنیؒ چھِ گوڈنِکِہ پھریِیِنہٕ امامی مکتبک تعمیر کران نظرِ گژھان یِمیک مدرس اعلیٰ سید شہاب الدین حیدر اردبیلیؒ بناونہٕ آو علامہٕ ابن رضاؒ تہٕ چھُ اَتھ صداقتس توثیق کران [۳]۔ یِمنے دوہن چھُ سید باقر صاحب نُورناوی رسالہٕ لیکھان یُس شیعہ عقایدن پیٹھ مبنی چھُ، سید باقر صاحب چھِ تحصیل بیروٗکِس مُلہٕ شُل گامس منز ابدی آرام کران۔

مُلّا سعید چھ خانقاہِ معلیٰ کِس صحنس منز دفن تِہندی ژُری چھ پتہٕ اَتِہ پیٹھ باباپورچہ کٔدل بسنہٕ گاٲمتی اتے چھُ حکیم محمد جواد صاٲبنہٕ گرِ حکیم عظیم تہٕ اَچھ منز راوان۔

واریاہ تفصیل لیکھنہٕ باوجوٗد تہٕ چھنہٕ ''شیعانِ کشمیر'' وول یاپیٹھ کانْہہ مرثی پیٹھ قلم تُلن وول ادیب یُہند زا سنہٕ لیکھنس یا سرِ کرنس منز کامیاب سپُد مُت۔ البتہٕ مرن سنہٕ چھکھ ۱۲۶۹ ہجری لیو کھمُت۔

---

[۳] گُلِ الجواہر (طبع لاہور)

کُلیات حکیم حبیب اللّٰہٕس مَنٛز چھ انیس کاظمی یِہُند مرن سنٛہ مادہٕ تاریخ بحوالۂ کلام حکیم حبیب اللّٰہ صاب "غمِ بزرگ" لیکھان۔ امیُک ابجدی مول چھُ ۱۲۶۹ھ بنان اَمہِ برونٛہہ اکھ ؤری چھُ حکیم حبیب اللّٰہ زامُت آسان۔ تِہُند زٕنٛگ سال تاریخ چھُ تِمو پانہٕ وونُمت

گر بجوئی تو سال تولیدم خاک پاے ابوتراب حبیبؔ

اَتھ چھُ ابجدی حسابہٕ ۱۲۶۸ھ مول بنان

انیس کاظمی صابنس کُتب خانس منٛزیُس رسالہٕ سیفی حکیم عظیم صابن پنٛنہِ اتھہِ لاہورِ لیوکھمُت چھُ سُہ چھُ علمِ عروضس منٛز اکھ نادر تہٕ نایاب رسالہٕ امیُک کاشُر ترجمہٕ چھُ انیس کاظمین کاشرِ زبانی منٛز کوٚرمُت تہٕ امیُک اصل مادٕ چھُ۔ "فیض ہا" یُس ۸۹۶ ہجری چھُ بنان مطلب یہ رسالہٕ چھُ ۸۹۶ ہجری یَس منٛز سیفی ناوی عروضکی عالمن لیوکھمُت تہٕ تمیُک نقل چھُ حکیم عظیم صاب ۱۲۴۶ ہجری لاہورِ کران تہٕ آخرس پیٹھ چھُ لیکھان۔ "دردار السلطنۃ لاہور بید حکیم عظیم کشمیری۔"

حکیم غلام صفدر ہمدانی مرحوم چھُ لیکھان "ییٚلہِ مہاراجہ رنجیت سنگھن کٔشیر فتح کٔرتھ منگہٕ نوو کٔشیر بیٹھہِ حکیم عظیم صاب لاہورٕ پننس دربارس منٛز ......[۱]

مہاراجہ رنجیت سنگھن چھُ لاہور ۱۲۱۳ ہجری مطابق ۱۸۵۶ بکرمی فتح کوٚرمُت ییٚلہِ تمی سنٛز وانٛس صرف کُنہ وُہ ؤری اُس۔ امہِ پتہٕ چھُ مہاراجہ رنجیت سنگھ ۱۲۲۰ ہجری پتہٕ کٔشیرِ فتح کران یہ چھُ حسن شاہ مورخ سِندِ مطابق ۱۸۶۸ بکرمی مطابق ۱۸۱۲ عیسوی آسان تہٕ باضابطہ چھُ کٔشیرِ رنجیت سنگھنس تسلطس منٛز

---

[۱] شیعانِ کشمیر از حکیم صفدر ہمدانی ص ۲۵۰

۱۲۴۸ ہجری مطأبق ۱۸۱۸ عیسوی آمژ۔

چونکہ سِکن ہنٛز راز دأنی أ س لاہور یتھ کنٛ حکیم عظیم صأب رسالہٕ سیفی کِس أخرس پیٹھ دردارلسلطنۃ لاہور لیٛکھتھ اَتھ کتھہِ تصدیق چھُ کران۔

مطلب چھُ یی زِ حکیم صأب چھُ ۱۲۲۸ھ پتہٕ لاہور رازِ دربارس منٛز واتان اَمہِ ساتہٕ گوٚڈ حکیم عظیم صأب اَکھ بالغ النظر، سیاسی تہٕ سماجی سود بود تھاون وول آسُن اوسُمت تیٚلیے تہِ بلو وسہ مہاراجہ رنجیت سنگھن پنہٕ نِس دربارس منٛز۔ میانہِ قیاسہٕ گوٚڈھہِ اَمہِ ساتہٕ ییہ ترٛ ہہ ژتجی وٕ ہر آسُن اوسُمت۔ توتہِ ہکو نہٕ اَمہِ ستی یُہُند زاسنہٕ تحقیقن لیٛکھتھ۔ اماپوٚز توتہِ نیر کتھہِ پُھٹ زِ أمی سُند زاسنہٕ گوٚڈھہِ ۱۱۹۰ھ پور پور آسُن تہِ کیازِ ۱۲۶۹ھ ییٚمہِ عالمہٕ گذرنُک تِہُند سنہٕ چھُ مُسلّم۔ امہِ ستی بنہٕ یہنٛز وأنس شیٖتھ وٕری۔ تاہم چھنہٕ اَتھ کانٛہہ تحقیقی کارنامہٕ ناوتھاونُک جواز۔ تِکیازِ تِہُند جداعلیٰ مُلّا عبدالغنی چھُ ۱۱۶۹ھ ییٚمہِ عالمہٕ گذریومُت۔ وُہن وٕری ین منٛز ترٛ ے پیرِ گذرنہِ چھُ ناممکن۔"

بہرحال حکیم عظیم صأب چھِ علم حکمت پنہٕ نِسے مألس نشہِ ہیٚچھان۔ علمِ رمل، تنجیم تہٕ باقی عِلم ہیچھنس منٛز چھُ تمو زبردس کمال ہومُت۔ تہٕ یم سأری عِلم چھِ تمن بدرجہ کمال حأصل أسی متی ذہن ذکاتہٕ فہم وفراستہٕ کنی چھُ ییمن گٲشیرِ ہُنٛد "بوعلی سینا" ونہٕ یوان۔ أمی ہندس وقتس منٛز چھُ باباپورس یونان کشمیر ناو دِنہٕ آمُت[۱]۔ تِکیازِ تتہٕ أسی بہلہِ پایہٕ پایکی، شأیر، ادیب، خوشنویس، خطاط، مُنجم، عأِلم تہٕ فأضل بسان۔

بہرحال حکیم غلام صفدر مرحوٗم چھُ لیٛکھان ییلہِ ڈوگرِ خاندانُک تسلط

---

[۱] "شیعانِ کشمیر" ص ۲۵۰

کٔشیر پٮ۪ٹھ سپُد تہٕ مہاراجہ گلاب سنگھن بَنٛوٕ حکیم عظیم صأب شأہی طبیب تہٕ دربأری مُشیر تِکیازِ تِمی اُسی پانہٕ مہاراجہ رنجیت سِنگھ نس دربارس منٛز حکیم صأبنۍ کمالات تہٕ علمی فضأیل وُچھمتۍ ۔ مہاراجہ گلاب سنگھ چھُ ۱۲۶۳ھ ہجری مطأبق ۱۸۴۶ء عیسوی کٔشیرِ ہُنٛد حکمران بنان ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ حکیم عظیم صأب باضابطہ مشیرِ دربار بنان ۔ اَمہِ پتہٕ ستہٕ وٕہری چھُ حکیم صأب تورُک عالم سران[۱] ۔

## عظیم صأب تہٕ کأشر مرثیہ

مرحوم ومبرور منشی محمد صادق چھُ أکِس مضموٗنس[۲] منٛز تہٕ حکیم صفدر مرحوم بیٚیس مقالس[۳] منٛز خواجہ حُسین میر مرحوم سٕندۍ حالات لِکھان ونان زِ خواجہ حُسین میراوس مرثی نگار آسنہٕ باوجوٗد ٹھیلس منٛزلو برگامہٕ پٮ۪ٹھ شہر کُنہٕ رِوان اَسٕندِ مرثیہ وننک شوہرِ اوس گام شہر گومُت ۔ اکہِ دوہہٕ لُجس حکیم عظیم صأبنہِ گرِ کِنۍ وتھ لو برٹھیلہٕ اوسُن پننہِ گامہٕ ہبکہٕ پٮ۪ٹھ شہر کُنُن اَنٛونمت ۔ یہٕ سودا کوٗرُن حکیم عظیم صأبنہِ گرِ خألی ٹھیلہٕ تھوٗن نکھس پٮ۪ٹھ ، حکیم عظیم صأبس پیٚیہِ نظر تہٕ وٚونُس یہٕ کیا چھِی ؟

دو پنکھ ''وتھرِن ورِن تہٕ وتھرِن'' ۔

یو ہے ملاقات گوکھ للہِ ہُنٛد واکھ تہٕ وژن تہٕ بنیٚ یہٕ اَکھ أکس قریب لتہٕ پرٛوژھکھ عظیم صأبن کأشر بن مرثین ہٕندس تُلہٕ تراوس متلق تِمو وٚونکھ اَمیُک فارمولا ۔ حکیم صأب اُسی لامثال ذیٚہن وفراستکی مألک تِمو زأنی راتسے منٛز اَمکی سأری رموز تہٕ اشارات تہٕ کیازِ تِمو چھِ کینہٕ سبق پرٕی تھے علمِ نجوم تہٕ رمل

---

[۱] کأشر مرثیہ ہنٛز تأریخ (انیس کاظمی) ۔ [۲] ماہنامہ الارشاد بڈگام [۳] ''یادِ رفتگان'' یہ مقالہ تہٕ اوس ماہنامہ الارشادس منٛز شایع سپدان

تہٕ ہیچھمُت تیچ ذکرِ حکیم صفدر مرحوم تہٕ چھُ کران ۔ اَمہِ پتہٕ کوسہٕ مرثی چھہٕ تمو گوڈ تخلیق کٔرمٕژ تتھ متلق وَنُن چھُ مشکل ۔ کینٛہہ چھہٕ مضموٗن مدرسہ (کتاب) وَنان تہٕ کینٛہہ مضموٗن درگوڈ انوارِ ثلاثہ مگر یمہٕ گیہ گیلہٕ لاینہٕ اَمہٕ ستی چھنہٕ تحقیقس کانٛہہ بانہٕ برنہٕ یِوان تکیازِ تمو چھےٚ مدرسہ ناوی مرثیہِ ۱۲۵۳ھ ہجری یَس منٛز وٗنی مٕژ[۱]

## حکیم عظیم تہٕ انصاری خاندان

انصاری خاندانکی آباواجداد اَسی گوڈ براُٹھ سوپورِ تہٕ پتہٕ تانترے پورِ بسان ۔ یِہنٛدِ خاندانُک اَکھ عظیم عالم دین مُلّا فضل علی علیہ الرّحمتہ اوس اَتھ دوٗرِ اُفتادٕ گامس منٛز روزان یِیتہٕ تِہنٛد حلقۂ ارادت سبٕٹھاہ محدوٗد اوس مگر حکیم عظیم صأبنٛو جوہر شناس نظرو پرکھو سہٕ یِیلہٕ پٔرتھ طرفہٕ سُہ زرِ خالص نظرِ آکھ تمو دِیُتکھ شہر وسنک مشورٕ یِیتہٕ تس ماتا مالک اِقتدار تہٕ بروٗنہہ پکناونس منٛز مددگار ثأبت سپد ۔ چنانچہ سپدٕ تی زِ آقا سید حُسین موسوی دولت آبادی سُنٛد اقتدار سپد تسُنٛد مسند خأل آسنہٕ موکھہٕ مُلّا فضل علی صأبس حأصل تہٕ کیازِ آقا سید حسین موسوی سُنٛد نیٚچو سید ہادی فاخر[۱] اوس وقتہٕ کیٚو حأکمو دیوسر علاقس کُن شہر بدر کٔرمُت تہٕ تسُنٛد نیٚچو آقا سید رضا اوس ژودہن ؤری یَن عتبات عالیاتن منٛز زیرِ تعلیم ۔ لہٰذا سپد یِہنٛد سوٗرے اقتدار اَمس خوش قسمت عالم دین مُلّا فضل علی صأبس حأصل تہٕ لوٗگ عظیم صأبنہٕ وننہٕ نِیہٕ کٔدل خانقاہ سوختہ تہٕ مجلس منٛز بسنہٕ ۔ یہِ چھُ بقول علامہ ابن رضا ۱۲۵۵ ہجری آسان[۲] ۔

---

[۱] بحوالہ بیاض مملوکہ مرحوم غلام محمد صوفی ماگام کتبہ سید جعفر رضوی کربلایی ۱۲۶۸ھ [۱] سید ہادی فاخر چھُ سہٕ باگہِ بٔزُرت گو نماتھ ۔ یمی کأشرِ زبأنی منٛز غزل متعارف کوٚر ۔ اُنٛہُند کلام چھ ۱۲۲۷ھ مطأبق ۱۸۱۲ منٛز لیکھنہٕ آمژِ اُکس بیاضہِ منٛز تہٕ لبنہٕ آمُت ۔ (کأشرِ ادبٕک تواریخ ۔ شفیع شوق، ناجی منور ص ۹۷) [۲] عبد صالح از علامہ ابن رضا ۔

مورِخ حکیم صفدر تہٕ چھُ سنہٕ ہاونہٕ ورأے یہِ واقہٕ ''شیعانِ کشمیرس''

منز لکھان[1]۔ یتھہٕ کنٔی بنیوٚ وأمے خاندانکہِ اقتدارٕ انصاری خاندان تہٕ اقتدارُک

سرچشمہٕ یُس از تام برابر جأری چھُ۔ أمی خاندانن کٔری پتہٕ کم کم علما فضلاتہٕ

مرثی نگار پأدٕ۔ یمن منز مولوی عبداللہ انصاریؒ، مولوی حیدر علیؒ مولوی جوادؒس

ہیوی جید عالم تہٕ فأضل قأبلِ ذِکر چھِ۔

گامہٕ پیٹھٕ شہرٕیُن پتہٕ شہرے بسُن چھُ اَتھ خاندانس بروٚنٹہہ پکنُک اَکھ

خاص سبب بنیو مُت۔

ہر کہ آمد عمارتے نو ساخت رفت منزل بہ دیگرے پرداخت

چھُ أتی نسے شرح لبان تہٕ خدایہ سندِ عظمتکی ترانہٕ ولیہ ناوان۔ ۱۲۵۵ھ پیٹھ از

تام یانے اَکھ ہتھ تہٕ شہأٹھ وٕری گٔے اَتھ خاندانس کشیرِ منز أکس بڈس حلقس

سرن تہٕ دِلن پیٹھ حکومت کران سو تہٕ بے لاوٕ لشکرٕ۔ امہِ خاندانکی زٕ چشمہٕ چراغ

چھِ از کل مولوی افتخار حسین انصاری تہٕ مولوی محمد عباس انصاری ناوٕ لوٚکن

وینْدی۔

عظیم صأبس متلق چھِ شکایت کرنہٕ یِوان زِ تٔمی چھےٚ مشہور عالم دٕین

آغا سید مہدی موسوی علیہ الرحمس ستی زیادتی کٔرمٕژ۔ اماپوٚز یہِ واقعہ چھنہٕ صحیح

تہٕ کیازِ حکیم صأب چھُ ۱۲۶۹ھ یمہِ عالمہٕ گذرے مٕتی تہٕ آغہٕ صأب چھِ ۱۲۹۶ھ

ستوٚوٕ وٕہری عتبات عالیاتہٕ درجہ اجتہاد حأصل کٔرِتھ کشیرِ آمٕتی۔ یِہُند سمکھن

چھنہٕ ہرگز قأبلِ قبوٗل۔ اماپوٚز عظیم صأبنے خاندانُک مورِخ حکیم صفدر ہمدانی

صأب چھُ أکس ایرأنی عالمہٕ سُند اَکھ واقہٕ یتھہٕ کنٔی لکھان۔

---

[1] تاریخ ''شیعان کشمیر''، ص ۱۹۲

"......یہندس (عظیم صأبنس) زمانس منز آوسید ابراہیم نأوی اَکھ اپرأنی عالم تہٕ فأضل کٔشیرِ تہٕ زڈی بل بنوٗون پننہٕ تبلیغک مرکز لوکھ اُسی جوق در جوق نماز جماعت پرنہٕ تہٕ وعظ بوزنہٕ یوان اَتھ زمانس منز اوس شالبأفی ہُند کار بارٕ شہرس منز عروٗجس پیٹھ تہٕ کارخانہٕ دارن ییلہِ کامہِ کارس خلل گو تمو لاجہِ سید ابراہیم صأبس خلاف ژویہ تہٕ سأزشہِ کرنہِ۔ حکومتس نشہِ واتہٕ نس اُس نہٕ یمن کانٔہہ وتھ تم گئے حکیم عظیم صأبس نشہِ تہٕ غلط تہٕ بے بنیاد الزام لأگکھ سید صأبس خلاف حکیم عظیم صأبن زون یہند وُنن صحیح تہٕ مشیر دربار آسنہٕ موٗجب کوٗرُن مہاراجس گوشگذار، سید صأب آے فورن کٔشیرِ منز کڈِتھ ژھننہٕ۔ امہِ ساتہٕ ووٗن سید ابراہیم صأبن زِ "شیعان کشمیر حسینؑ رامی دانند وخدارانمے شناسند......" تہٕ ژوٗل ورمُلی وَتہٕ واپس۔

امہِ پتہٕ ییلہِ حکیم عظیم صأبس تہُند بے قصوٗر آسُن معلوٗم سپُد تم گئے سخ پشیمان تہٕ اُسی عُمرِ اَتھ واقعس پیٹھ افسوٗس کران[۱]۔

## ذأتی کمالات:

یہندی ذأتی کمالات لیکھان چھ سوانح نگارونان زِ یمو چھ گوڈٕ پننہٕ نس علمی خاندانس منز علم حأصل کوٗرمُت پتہٕ گرا مُلا مقیم قدس سرہٗ تہٕ گرا علامہ زمان سید محمد ہادی فأخر صأبس نشہِ علمی کمالات پرأوی متی۔ خداین اوس یمن کمالک ذہن وذکاتہٕ فہم وفراست بخشمُت یمہِ موکھہٕ تمو سبٹھاہ کم وقتس منز سارنے متداول تہٕ مروجہٕ مضموٗنن منز امتیاز حأصل کوٗر۔

---

۱۔ شیعان کشمیر ۲۵۲ و بیاض (سید حسن معمر کوٗل)

گرس منز علمی ماحول آسُن چھُ اَکِس خوش قسمت انسانس تھدی تھدی درجہ تہٕ منزل پڑاونس منز مددگار ثابت سپدان ۔ حکیم محمد جوادس ہیُو عالم ،فاضل تہٕ افلاطوٗن صفت حکیم مول آسُن بنیو حکیم عظیم صابس عروج وکمال حاصل کرُنک بوٚڈ بار سبب ۔شاہی دربارُک طبیبِ خاص تہٕ ستی رازٕ دربارس منز ایڈوایزر ( مشیر ) بنُن چھُ تیٚلے ممکن ییٚلہِ کانٛہہ علمی ، سیاسی یا سماجی کمال کانٛسہِ منز آسہِ ۔

وننہٕ چھُ یِوان زِ خداین اوس حکیم صابس دین و دُنیا سورُے پھِری پھِری زٕ ھنُمت ۔دُنیا اوسُس کھورن میٹھی کران مگر تو تہِ بنیو وننہٕ دُیہک بندٕ ۔ سُہ اوس حد درجک عابد، زاہد تہٕ پرہیز گار ۔پتہٕ مہٕ پرارِو وتھن ۔آفتاب کھسُن تام عبادت کران روزن تعقیبات پرٕنی اوس تس وظیفہِ حیات بنیو مُت ۔

غارت تہٕ مروتک اوس یہ عالم زِ آشنہِ گوس دماغ تیز ۔وٕری یَس تام علاج کرنہٕ پتہٕ تہِ ییٚلہِ نہٕ فرق گیس انگ اَشناو ووٚنُس دوٚیم ییتھر کرنہٕ باپتھ ۔ جواب ووٚننکھ ۔یہٕ ہیکہٕ نہٕ پننہِ نِس خاندانس منز یتھ بے مروّتی نہٕ بے غیرتی ہنٛز مثال قایم کرِتھ[1] ۔

یہنٛدی زِ خط یمو جومہِ پیٹھ مولانا محمد صادق علی انصاری طاب ثراہ سٕندِ ناوٕ عربی زبانٔی منز لیکھمٕتی چھِ ۔تہنٛد نقل چھُ مرحوم ومبرور سید حسن رضوی (لبر تلی )صابن ''نخبہ'' ناوی کتابہِ منز پھیُر مُت ۔یہِ کتاب چھِ انیس کاظمی سٕندس کُتبخانس منز موجوٗد ۔یم عربی خط زِ چھِ حکیم صابنہِ اعلیٰ ادبی تہٕ علمی کمالاتن ہنٛدی مظہر ۔

---

[1] تاریخ شیعان کشمیر ص ۲۵۳

انیس کاظمی چھُ لکھان زِ اَتھ خاندانس چھُ ۲۷۷ ھ پیٹھے دینی وقارتہٕ دُنیٲوی اقتدار لرِ لوٚر پوٚکمُت۔ یہندِ خاندانکی سرکردٕ اشخاص روٗدی ہمیشہٕ علم وفضلکین حلقن منٛز مُشارٌ اِلیہم۔ یمن منٛز مُلا عبدالرّشید، مُلا محمد صادق، مُلا طالب، مُلا غالب، مُلا عبدالغنی، مُلا محمد طاہر غنی کشمیری تہٕ مُلا محمد جواد حکیم خاص طور قاٲبلِ ذکر چھِ۔ یمن بزرگوارن اوس پننہِ پننہِ وقتہٕ میرزا حیدر ملک، علی مردان خان ابراہیم خان، فاضل خان، کفایت خان، امیر خان جوان شیر تہٕ پتہٕ سکھ تہٕ ڈوگرن ہٕندس دربارس منٛز اَکھ خاص مقام حاصل[1]۔

غرضیکہِ حکیم عظیم صابُن خاندان چھُ پتہٕ وَتھ یزتہٕ وول، حشمتہٕ وول تہٕ باگہِ بوٚرُتھ اوسمُت۔ یَیلہِ زن ازتہِ اَتھ خاندانس منٛز ذی عزت شخصیژ موجوٗد چھے۔

## حکیم عظیم صاب بحیثیت رئیس:

عظیم صاب چھُ مسلم الثبوت رئیس اوسمُت تہٕ یہ اوس غیر متنازع ذی عزت تہٕ قاٲبلِ احترام شخصیت ماننہٕ یِوان۔ یَیلہِ کینٛژھن بزرگن کشیرِ ہٕندس مشہور و معروف خاندان معرکہ دارن ستی بلاوجہ اختلاف وۄتھ، معرکہِ دار اٲسی ۹۲۴ ھ پیٹھ زٕ ڈی بَل کہِ قدیم امام بارکی متولی تہٕ معرکہ دار۔ پتہٕ گو ۱۲۵۶ ھ پیٹھ اَتھ متلق اختلافات پٲدٕ۔ یِمو اختلافاتو ۱۳۰۰ ھ یَس منٛز زبردس زور لوٚب یہ قفیہ ووت عظیم صابس نشہِ تہٕ تمۍ چھِ حقس حمایت کران کران معرکہ دارن ہٕندس حقس منٛز فیصلہٕ دِوان تہٕ یہ نیاے خوش اسلوٗبی سان انٛزراوان۔ یہ فاصلہٕ چھُ اَکِس قدیم چھاپی پمفلٹس منٛز درج۔ بہٕ تہِ کرن یہ سوٗرُے مِن وعَن نقل۔

---

[1] کاشرِ مرثی ہٕنز تاریخ از انیس کاظمی (جدید ایڈیشن)

"......نقل تحریر حکیم عظیم الدین مرحوم مزیّنہِ حُکم علمائے کشمیری"

برضمایر مومنین ودوستداران آل یٰسینؑ کہ ساعیان وبانیان تعزیہ جناب سید الشہد اصلوات اللہ علیہ مباشند مخفی مبادکہ ازقدیم الایام معرکہ داری معرکہ جڈی بل نسلاً بعد نسلٍ بذمہ وارثان غفران پناہ میر محمد رضا مرحوم ومغفور بودہ است برخدمت چراغ سوزی وغیرہ معرکہ موصوف ازطرف وارثان مذکور ہرکہ لایق وقابل خدمت میدانستند مقرر میداشتند۔ الحال بدستور قدیم اختیار مقرر کردن کسی برخدمت موصوف تعلق وارثانِ سیادت پناہ مرحوم دارد ودیگرے رااختیار نیست کہ خود بخود یعنے بغیر از اجازت وارثان مستور کس دیگر رابرہمیں خدمت مقرر سازد۔ ۱۲۶۷ھ

عظیم الدین ۱۲۵۶ مہر حکیم عظیم الدین مرحوم

## حکیم عظیم صابن سفرِ آخرت:

حکیم صفدر مرحوم چھُ شیعان کشیرناوی تارٖکھس منز لیکھان زِ حکیم عظیم صابن گُذرن تہٕ چھُ اکھ عجیب واقعہ اوسمُت۔ جوٚمہٕ اُسی تہٕ بدنس پیٹھ دزا کھ سرُخ رنٛگکی نقشہٕ (سُرخ چھاپ ہیو سپد کھ) یکدم گے مہراج صابس نشہٕ تہٕ ووٚنہس مے اُسن روخصت، بہٕ گوٚ ھہٕ ہمیشہٕ خاطرٕ توہہٕ نشہٕ جُدا۔ رٕہتہٕ علاوٕ چھنہٕ وونی میأنی زندگانی باقی بہٕ گژھہٕ واپس کشیرِ۔ دوستن احبابن ہمہٕ بخشش، پننہٕ نین تقصیراتن منگہٕ رب العلمینس معأفی۔ مہاراجہ صابن دِتس تسلی زِ توہہ ہوِس حکیم حاذقس نشہٕ کوسہٕ کتھ چھےٚ یہ موموٗلی تکلیف دوٗر کرن۔ (حکیم صابس اوس پورٕ مرنن یقین) ووٚن ہکھ موت چھُ اٹل۔ یہ چھ کھبلہٕ منز زاُرتھ کٹس کڈان۔

بالآخر آے سرینگر دوستن رفیقن ، انگن اُشناون گیہِ خبر تہٕ آے ، لأن لُج ، اُسکھ تسلی دِوان دلاسہٕ مدارٕ کران مگر تم اُسی تورٕ کہِ عالمک سٔنز کران ، بخشش منگان ، لوٗتس گوٗبس مأفی منگان ۔ اکہِ دوہ وۄنن پننین عزیزن زِ قبر کھنن والین (ملہٕ کھأشن ) سوزِو شیچھ زِ تم تھاون قبر کھٔنتھ ، ژأنگی شمع تہٕ باقی چیز تھأوو تیار ۔ غسالس سوزِو نفر ۔ اُتھی منز دۄپکھ زِ جناب جواد[1] صأب انأویو کھیٚوٗری ۔ تم ییٚلہِ آے ۔ دعاے توبہٕ ، دعاے عدیلہ تہٕ باقی عقائدٕ ی اِقرار تہٕ سورہ یاسین پرنوٗوُکھ شاندس پیٹھ پانہٕ اُسی ستی ستی پران ۔ تہٕ وۄننکھ جواد صأبس زِ ووں ماچھُ کینہہ پرن باقی فرموٗد ہکھ نہٕ ۔ حکیم صأب رۄٗدی سیدٕ قبلہٕ کلمہ شہادت پرِتھ دِتکھ امانتھ ۔ انا للہ وانا الیہ راجعون ۔

یہُند سال وفات چھُ ۱۲۶۹ھ ۔ حکیم حبیب مرحوم (یُس یہِند زُراوس) چھُ "غم بزرگ" ؤنتھ یہُند سال وفات واضح کران "غم بزرگ" قبیلک تہٕ قومُک عظیم غم ، عظیمن ہُند زُراوُن چھُ عظیم قومس بلا شک عظیم غمے آسان امہٕ غم بزرگہِ منز چھُ ۱۲۶۹ھ نیران ۔

یہُند مقبرٕ چھُ حسن آباد امام بارس نہرٕ کنہٕ دیوار بندی کرِتھ قبلہٕ پاسہٕ اژوٗن کھووُرکُن اُتھی مقبرس منز چھِ یہُند خاندانکی نسبی تہٕ سببی عزیز واقارب تہٕ دفن ۔ یتھ منز مشہور ادیب ، مرثی نگار مُلا طاہر غنی ، مُلا حکیم محمد جواد ، منشی محمد یوسف ، منشی مصطفیٰ علی بیترِ قابلِ ذکر چھِ ۔

خدا رحمت کند ایں عاشقان پاک طینت را

---

[1] کشیرِ ہُند اکھ ملہٕ ناز عالم یُس دراصل اخوند مُلا محمد جواد ناوٕ مشہور اوس تہٕ انصاری خاندانس منز اوس اُمی سُند درجہ تیتھے یتھ تارکن منز زوٗنہِ چھُ آسان ۔

# منشی محمد یوسف بابا (طاب ثراہ)

نقل نوِیسو چھُ منشی محمد یوسف بابا، منشی یوسف، عیسیٰ باباتہٕ اِسہٕ بابہٕ
صاب ناوٕ ستی منشی مرحوم موسوم کرٕ مِتی مگر حقیقت چھےٚ یہ زِ تِمن اوس منشی محمد
یوسف ناو تہٕ بزرگ آسنہٕ سببہٕ اَسِکھ لُکھ احترامن اِسہٕ بابہٕ صاب ونان۔

بابہٕ پۄرحبہٕ کدلس منز اوس مُلا خاندان بسان۔ یِہنٛد جدِ امجد حضرت
مُلا سعید الدینؒ چھُ۔ یِمن اَس بنیادی طور ملا ذات۔ اما پۄ زیہِ خاندان گوٚ پتہٕ
دون لنجن منز تقسیم اَکھ شاخ گو حکمت پیشہٕ اختیار کرنہٕ کِنی حکیم خاندانہٕ ناوی
مشہور تہٕ بیٛیہٕ لنجہ پرٲ وانشاپردٲزی، خوشنویسی تہٕ خطاطی پاناونہٕ کِنی شہرت
تہٕ یُہے لنٛڈ بنیہ منشی خاندان۔ حکیم عظیم چھِ حکیم لنجہِ ہُنٛدی ثمر یِیلہِ زن منشی
یوسف اسے منشی لنجہِ ہُنٛد مشک ادفر ژھٹہٕ وُن گلاب چھُ۔

منشی صاب پیہے اَتھی بابہٕ پۄرس منز ۵/ماہ صیام ۱۲۱۲ھ یوٚم وارِدٕ یہٕ
تھنہٕ تہٕ اَرکسِ علمی ادبی تہٕ مذہبی ماحولس منز پرٕ تھیہ تہٕ پلییے یِہنٛدس مٲلس اوس
منشی محمد عباس ناویُس مُلا ابوالخیرؒ بن مُلا عبدالغنیؒ یِنٛد بوٚ زُربو منز اوس۔ یِمو
کرٕ ابتدٲیی تعلیم تہٕ تربیت گرے پننس بابہٕ صابس نشہٕ حاصل تہٕ فقہٕ تہٕ باقی
مذہبی علومن پیٹھ کرِکھ سبٹھے دسترس حاصل۔ فارسی تہٕ عربی زبانہٕ ہیچھکھ تہٕ طب
ہتھ پرووکھ تمہِ زمانہٕ کین باقی مروجہ علومن پیٹھ زبردس عبور۔

یوسف صاب اَسی سبٹھے بڈی عالم، عابد، متقی تہٕ محبِ حسینؑ۔ خاندٲنی
مجلسن منز اَسی پانہٕ تہِ ذاکری کران۔ روایتھ چھےٚ زِ یِیلہِ یِمہ واقعہ کربلا پران

یا بوزان اُسی یمن آسہٕ اُچھن جوٕیہ لگان ۔ یِہنٛد ٹھینٛچہٕ اوٚش وُسن چھُ ازتہٕ مشہور ۔ یمن اوس اللہ تعالیٰ لحنِ داوٗدی عطا کوٚرمُت ۔ یِہنزِ آوازِ منٛز اوس حدٕ روٚس سوزتہٕ گداز ۔ یمن دوہن اُسی اَتھ خاندانس منٛز واریاہ شخص مرثی ونان یم درجہ پتہٕ درجہ اُسی بہان ۔ منٛزِ بنہِ ہے نہٕ یمن کانٛسہِ اَکس بیٛہن ۔ یم بزرگ تہٕ یِلہِ مرثین نیران اُسی یِہند باپتھ اوس زٕ ڈی بٔلی امام بارس منٛز اَکھ طرف مخصوٗص ۔ شیرتھ پاَرتھ تھاونہٕ یوان ۔ ونہِ چھےٚ اِسہٕ بابہٕ صأبنٕ کانٛی گیٛڈ مشہور[۱] ۔

اِسہٕ بابہٕ صأبس چھُ مشہور روایتہٕ مؤجب حضرت شہر بانو سلام اللہ علیہان ملاقاتُک شرف بخشُمت ۔ عام روایتھ چھےٚ زِ حضرت شہر بانو چھےٚ واقعہ کربلا بروٚنٛہہ اکوٚوُہ وٗری یِیمہِ عالمہٕ گأمژ ۔ مگر مرثی نگار اُسی تمن میدان کربلاہس منٛز مؤجوٗد ہاوان یتھ پٹھ تمن خلاف زبردس اعتراض کرنہٕ اوس یوان ۔ یِیمہِ کِنی یوسف صأبن تہِ پتمین مرثین منٛز تسنٛز ذکر کرٕنی بنٛد کر ۔

دپان دوہہ اکہِ دراَیہِ پتہٕ مہِ پرارِ منشی یوسف صأب نمازِ تہجد پرنہٕ کہِ غرضہٕ وضو کرنہِ یارٕبل ۔ یتھےٚ وضو لوگُکھ کرٕن تام وُچھکھ آسمانہٕ نوٗر زٕ اُنپانہٕ وسان ۔ اِسہٕ بابہٕ صأب باغبریوتہٕ ہیوٚتکھ پوٚت کھورِ گرٕ زٕلن مگر اَمہِ منٛزٕ گیہ آواز یوسف صأب کھوژ مہٕ بہٕ چھس ژےٚ نشہِ اَکھ گراو کرنہِ آمژ ۔ اگر ےٚ ژےٚ سارنٕے بیٛن تہٕ اُسیرن ہُنٛد واقعہ ووٚنتھ بہٕ کیازِ گےٚ سےٚ مُشتھ ۔ منشی صأبن یِیلہِ ناو پروژھنکھ یمو ووٚنس درجواب بہٕ گیس حضرت شہر بانو ۔ منشی مرحومن کوٚرکھ عرض زِ توہی نحض اُسو نہٕ کربلاہس اندرتہٕ بہٕ کتھہٕ پأٹھی ونہٕ ۔ تمو دوٚپس ژٕ ون تتھہٕ پأٹھی زِ اگر بہٕ تتہٕ آسہِ ہابو کتھہٕ پأٹھی کرٕہا پنہٕ نبن لولہٕ گوٚبرن لبل ۔“

[۱] ابکٕ تہٕ ووش

منشی یوسف آے واپس گرتہٕ وۄنکھ مضمون چھو ٹُک درد۔ یُس سبٹھے دردانگیز چھُ تہٕ جذبات نگاری ہند اَکھ اعلیٰ نمونہٕ۔ یَتھ کتابہِ منز وچھو مضموٗن خواب تہٕ نتہٕ وُچھو کینھہٕ باُٹھی چھِن تمتھ مَنز بیب شہر بانو سُند بوٗنہٕ ددد بوٗمت۔

منشی یوسف اُسی جید عالم انتہائی پرہیز گار تہٕ دیندار آسنس ستی ستی اَکھ بوٚڈ بارٕ حکیم تہٕ طبیب تہِ۔ تم اُسی مہاراجہ گلاب سنگھن گلگت صوبس وزیروزارت یعنی حاکم اعلیٰ متعین کٔری متی اتہِ اُسِن، عسکردوک رازٕ تام کاشُرِ مرشیہِ پرناوٕنٕ ہیچھناوی متی۔ یِم پتہٕ برابر منشی عباسس تام اُمی سُند بن زربن نشہِ جبہ کٔدل یوان اُسی۔ عسکردو چھے منشی صاٗبنی لوکٹ باُے منشی عزیز صاٗبن زٕ کتابہٕ لیچھمٕ یہندی قلمی نسخہٕ وُنہِ تہندبن زُربن نشہِ موجوٗد چھِ۔ منشی یوسف صاٗبس پتہٕ اُسی تَسُند فرزند منشی محمد علی صاٗب تہِ کُلہم لداخ صوٗبکی چیف میڈیکل آفیسر تعنیات کرنہٕ آمتی۔ مگر پننہِ عبادت گزاٗری تہٕ پارسائی کُن نظر کٔرِتھ ترٲوِ تمو سوکاٗم جلدی تہٕ آے کٔشیرِ واپس تہٕ لگی تورِکس عالمس کیٛت جھکنہِ

منشی محمد یوسف صاٗبن چھے نہٕ صرف حکیم عظیم صاٗب سے یاٗ ژٕ ستی یکوٹہٕ رٕلِتھ مرثی لیچھمٕ بٔلکہ حکیم عبداللہ، منشی شاہ محمد تہٕ منشی مصطفیٰ علی صاٗبس ستی نہٕ اُمی چھیپے بمِن سارنے ہندِ سس اشتراکس منز تقریباً ہتھ مرثی لیچھمٕ۔ مگر تِن تنہا چھن صرف زٕ ے مرثی بینائی (نوٗرِ ہدایت) تہٕ تصویر (صورت) تخلیق کرِمٕ۔ منشی نذیر صاٗبن چھے (صاحب دود) مرثی تہٕ یہندس کھاتس منز ترٲوِمو مگر سُہ چھنہٕ اَکھ مکمل مضموٗن بٔلکہ کمہِ تام مضموٗنک وزن دوٚیم۔"

بہرحال یوسف صاٗب چھُ تمن خوش نصیبن منز شامل یمن اللہ تعالیٰ ن زٕٹھ عمر عطا کٔر۔ تم موٗدی نمتہٕ ؤرشہ واٗنسہ منز ۲۴ رصفر ۱۳۰۲ھ بزٕ یسوارِ دہ ہہ۔

یہِندی پِتر بأے مُنشی مصطفیٰ علی صأبن چھُ یہِندِس وفاتس پٹھ یہِ قطعہ تاریخ وۅنمُت یُس تِہنٛزِ قبرِ ہِندِس لوحس وُنہِ نمودار چھُ۔

داشت یوسفؑ چو حزنِ یعقوبیؑ | عمرے از یادِ ظلم شمر و یزید
بود کارش چو ماتم شہدا | شدہ از گریہ چشمہایش سفید
ساز خالی دل از خلل پس گو | بے بدل ذاکرِ حسینؑ شہید
(۱۳۰۲ھ)

تہٕ بیاکھ قطعہ تاریخ چھ یِتھہٕ کٔنۍ

یوسف از سجن خلاص شد ۱۳۰۲ھ

یہُندٕ آخری آرامگاہ چھُ حسن آبادٕکِس امام بارِس کھوورِ پاسہٕ پننہِ نِس آبائی مقبرس منٛز۔

## مسئلۂ اشتراک

کتابہِ منٛز درج مرثین متلق چھِ حکیم تہٕ مُنشی خاندان زٕ الگ الگ نظریہِ تھاوان حکیمن ہُند دعوا چھُ زِ یِمہٕ مرثی چھےٚ حکیم عظیمن انفرأدی طورٕ وَنہِ مۆ یمیٚلہِ زن مُنشن دعوا چھِ کران زِ یِمہٕ مرثی چھےٚ حکیم عظیم تہٕ مُنشی محمد یوسفن مشترکہ تخلیق کرِمۆ۔ جنوری ۱۹۷۷ء منٛز یمیٚلہِ دارالاشاعت مراثی حبہٕ کدلہٕ ڈٔسی کتاب البکا (حصہ زٕ) چھپاونہٕ آو۔ تتھ منٛز اوس گوڈٕ سیٹھ دیٚمن دونہٕ ؤنی شاعرن ہُند ناو لیکھِتھ اشتراک ہاونہٕ آمُت۔ اما پۆز پتہٕ چھُ مُنشی یوسف صأبن ناو نِہناونہٕ آمُت یِمہٕ کنہ اکھ بۆڈ بحران پأدٕ سپد۔ اَمہِ انجمنکی چیرمین مرحوم مُنشی غلام مصطفیٰ صأبن کۆر اتھ اقدامس خلاف ''اپیل مع فہرست مراثیہ'' ناوُک پمفلٹ شایع۔ یَتھ منٛز تمو حکیم تہٕ مُنشی خاندانکین شاعرن ہُنٛزن مرثین ہِند فہرست دِنہٕ علاوٕ حکیم خاندان کین تمن نفرن خلاف احتجاج کۆر یمو مُنشی یوسف صأبن ناو نِہنو و۔

ییمہِ کس ردعملس منز دارالاشاعتکی جنرل سیکرٹری حکیم غلام حسین مخمور صابن تہٕ
اَکھ پمفلٹ ''چہ دلاوراست وزدے کہ بکف چراغ دارد'' لیوٗکھ۔ مگر تِمیٲے
مزید وَتھنہٕ موکھ آونہٕ سہ شایع کرنہٕ۔ یَتھ منز تِمی منشن ہُند دعوا ردٕ کرِتھ حکیم
خاندانٕکس دعوہس مزید توثیق تہٕ تائید چھےٚ کرمژ۔ اَمہِ برونٹھ آیہ ۱۹۷۰ منز
حکیم صفدر ہمدانی صابن ''شیعان کشمیر'' معرکس منز یَتھ منز حکیم محمد عظیم تہٕ حکیم
عبداللہ سنز مرثیہ بلاشرکت غیرے ہاونہٕ آمژ چھےٚ۔ مخمور صابن فہرست چھُ امہِ
کےٚ ہرتر۔ییلہِ زن تمہِ بروٗنہہ ۱۹۵۲ منز کتاب البکا جلد اَکھ بازراوس
پیومُت۔ یُس منشی عباس، منشی صادق، حکیم علی رضا تہٕ حکیم مخمور صابنہِ نگرانی منز
شایع سپُد۔ اَتھ منز تہِ چھُ ''مضموٗن درتہٕ پیری''، حکیم عظیم تہٕ منشی یوسفنہٕ
مشترکہ تخلیقہٕ ہاونہٕ آمژ۔ اَمہِ پتہٕ چھاپہٕ منشی صادق صابن دون پمفلٹن منز
ترجمہ ہیتھ کینہہ کاشرِ مرثیہ یمن منز مضموٗن ''موسیٰ'' تہٕ شامل اوس۔ تِمی تہِ چھُ
باضابطہٕ سوتہنز مشترکہ تخلیق ہاوِمژ۔ صادق صابنی اتھہٕ چھُ ریسرچ لایبریری
سرینگرس منز ۳۰۲۷ اندراج نمبرس تحت اَکھ فہرست۔ یَتھ منز تُہنہ باضابطہٕ اشتراک
چھُ ہاوان۔ بہرحال یمن پتہٕ تیمی تہِ ہمعصر أدیبن مرثی پیٹھ قلم تُل نوٗ وکاتھہ
تحقیق کرنہٕ روٗس بنوواڈیوٗ ''شیعان کشمیر'' ماخذ تہٕ اڈیوٗ ''اپیل'' تہٕ منشی نذیر صابنٚی
''صداقت'' مثالے شاہد بڈ گامی چھُ ''شیعان کشمیر'' ماخذ بناوِتھ حکیمن ہٕنٛدس
موقفس تائید کران ییلہِ زن نشاط انصاری ''اپیل'' تہٕ ''صداقت'' پیش نظر
تھاوِتھ منشن ہٕنٛدس نظریس توثیق چھُ کران۔ منظوٗر ہاشمی مرحوم تہِ چھُ یمہٕ نے
Source بناوان اماپوٗ زِ کُنہِ نتیجس چھنہٕ ووتمت۔ ییلہِ زن انیسؔ کاظمی سُند
گف چھُ زِ عظیم صابن چھا اَجہِ مرثیہ یوسف صابس ستی ضروٗرٕ لِتھ ونہِ مہٕ مگر

اَجہِ چھنہٕ بلکل انفرادی طورونہٕ مژ۔

بہرحال اَتھ مسلسل کُھر کڈنہٕ باپتھ گوس بہٕ دُشوٕنی خاندانن ہُندتہٕ تِہنٛز قدیم بیاضہٕ کرٕم حاصل۔ حکیمن نشہٕ گیہِ مےٚ مشہور مرثی نگار منشی احمد علی غازیؔ سٕندِ اتھہٕ ۲۶۔۱۳۲۵ھ منز لیکھنہٕ آمژ اکھ بیاض حاصل اماپوٚز تِمی چھنہٕ اشتراک ہِووُمت بلکہِ چھُن چھرا حکیم عظیمن تہٕ حکیم عبداللہ نٕے یوت ناو لیوکھمُت۔ یِلہِ زن منشن نشہِ یمہٕ بیاضہٕ مےٚ حاصل سپزٕ تمن منز چھ سیٖو دٕ دشوٕنی شاعرن ہُند ناو دِتھ اشتراک ہاونہٕ آمُت۔ یمو منز چھ اکھ مسودٕ ۱۲۹۱ھ منز لیکھنہٕ آمُت مگر لیکھن والی سُند ناو چھنہٕ دٕرج۔ البتہٕ بیا کھ بیاض چھےٚ ۱۲۹۶ھ منز منشی حیدر، منشی محمد علی تہٕ منشی غلام علی صابن لیچھمٕژ۔

بدقسمتی کِنی چھنہٕ حکیم عظیم، منشی یوسف یا حکیم عبداللہ سٕندِ دٕسی لیکھنہٕ آمژ کانٛہہ بیاض بہم یتھ زن صحی صوٗرت حال واضح سپد ہے بہرحال حکیم تہٕ منشی خاندان یکطرف ترأوِتھ لاریوس بہٕ اصلیت زانٕنہٕ موکھہٕ تِمن خاندانن کُن یِہنٛدٕ بن اسلافن یمن مرثین ہٕندِ پرٕنکی حقوٗق بخشنہٕ چھِ آمٕتی ۔ تہٕ ہمعصر رکارڈس ہیٚنٛو م سام ۔تِکیازِ ساروے کھوتہٕ صحی پے ہیکہِ یاتہٕ پانہٕ شاعرس أستھ ۔ یاتِس ذاکرس یَس متلقہٕ مرثی دِپنہٕ آسہِ آمژ۔ اَمہِ موکھہٕ زِٕنسی چھُ پتہ آسان زِتس کمی شاعرن دِژ سو مرثی تہٕ ہمکال رکارڈ چھُ تحقیقس منز ساروے کھوتہٕ زیادٕ معتبر تہٕ مستند زانٕنہٕ یوان ۔ اَتھ بارس منز کوٚر مےٚ گوڈٕ خوجن کُن رجوٗع ۔ مےٚ وُچھ ذاکر خواجہ احمد علی صابس نشہٕ خوجہ اکبر، خوجہ جعفر، خوجہ امہٕ کوٗل تہٕ بیٚین ذاکرن ہٕندی قدیم ترٕہن مسودٕ ۔ خاصکر خوجہ جعفرنہٕ اَتھٕچ ۱۲۶۶ھ منز ترتیب دِنہٕ آمژ بیاض ۔ تہٕ امہ کلہِ نہٕ اتھہٕ چہ ۱۳۰۸ھ تہٕ ۱۳۱۰ھ

منز لیکھنہٕ آمژ کیٚنہٕ بیاضہٕ ۔ یتھے کنۍ خواجہ غلام مصطفیٰ سندِ گرِ تسنز بیٚیہ کیٚنہٕ قدیم بیاضہٕ یمن سارنے پیٹھ چھُ سیٹھ داشتراک ہاونہٕ آمُت ۔ اَتھے کیٚنژمن مرثین چھُ منشی یوسف صابنۍ یوت ناوتہٕ عظیم صابن نہٕ کہنۍ مثالے مضموٗن کاسہٕ، مار بیتر۔

اَمہِ پتہٕ ؤچھ مےٚ فقیرن ہٕنزِ قدیم ترین نسخہٕ خاصکر ذاکر علی محمد (اول) صابنہٕ اَتھکی یَس یمو مرثی نگاروسُتھ مرثیہِ ونہٕ موٗ چھےٚ تہٕ بیٚیہ ؤچھم ذاکر محمد عباس مرحوم سندس فرزند محمد صفدر صابنہٕ ڈسی ۱۲۷۱ ہجری منز لیکھنہٕ آمژ اَکھ بیاض بمنہٕ ذاکر محمد شفیع صابنس کتب خانس منز یم ساری چھ متفق زِ عظیم صاب تہٕ منشی یوسف صاب اُسی یکوٹہٕ مرثی لکھان ۔ اَتہِ تہٕ ؤچھ مےٚ باضے یوسف صابنۍ یوت ناو ۔ یہے حال چھُ متی پورِ مرحوم حسین علنبن تہٕ بڈی بگہٕ ذاکر برکت علی صاب نبن آبائی بیاضن پیٹھ تہِ دژیٚتھی گژھان ۔

مرحوم ذاکر غلام محمد صوٗفی صابنہٕ ؤچھ مےٚ کیٚنہٕ بیاضہٕ ۔ یمہٕ سید محمد جعفر رضوی کربلایی ۔ سید مصطفیٰ رضوی تہٕ باقی بزرگو چھِ لیچھمو ۔ تم تہٕ چھِ ساری اشتراکی قائیل ۔ آکھوتہٕ سید محمد جعفر رضوی صابن تہٕ چھُ باضے منشی یوسف صابنۍ یوت ناو لیوکھمُت ۔ یہ بیاض چھےٚ ۱۲۶۸ ہجری منز تمہ ساتہٕ لکھنہٕ آمژ یٚیمہِ ساتہٕ یم دونوے شاعر حالے حیات اُسی ۔

یتھے کنۍ ؤچھ سید انیس کاظمی صابنس کتب خانس منز مرحوم سید مہدی رضوی ( ریشی پورہ بڈگام ) سندِ اتھہٕ ۱۲۶۸ ھ، سید ابراہیم رضوی صابنہٕ ( پالر بڈگام ) اَتھہٕ ۱۲۸۶ ہجری آخوند صفدر میر نہٕ ڈسی ۱۲۹۱ ہجری تہٕ منشی محمد عباس تہٕ مُلا طالبہ نہٕ اتھہٕ ۱۳۳۲ ہجری منز لیکھنہٕ آمژ بیاضہٕ ۔ یمن سارنے منز چھُ

باضابطہٕ اشتراک ہاونہٕ آمٕت۔

خاصکر ریسرچ لایبریری سرینگرس منز چھ ۳۰۳۵ تہٕ ۳۰۳۶ اندراج نمبرن تحت حکیم صفدر ہمدٲنی ہٕندس مٲلس حکیم محمد علی ہٕندی ڈٔسی ترتیب دنہٕ آمژ دون حصن پیٹھ مشتمل ''گلشن مراثی''۔ یہ بیاض چھےٚ ۱۳۰۸ ہجری منز لیکھنہٕ آمژ گوکہ حکیم محمد علی اوس حکیم خاندان کُے چشم و چراغ تہٕ منشی محمد یوسف، حکیم عبداللہ تہٕ منشی مصطفیٰ بیترِ ٲسس ہم عصر تہٕ ٲشناو۔ اَتھ کتابہِ منز یوسہٕ تہٕ حکیم عظیم، حکیم عبداللہ یا منشی مصطفیٰ ہٕنزٕ مرثی ترتیب دنہٕ چھےٚ آمژٕ تتھ چُھ پیٹھہٕ کنہِ یمن شاعرن لرِلوٗر منشی یوسفن ناوتہِ ٹاکارٕ درج۔ یتھہٕ کٔنز حکیم محمد علی ہٕندِ اشتراکٕچ وکالت کرنہٕ ہٕتی چھُ تسند سنٛچوس حکیم صفدر، باتھٕر حکیم مخمور، منشی احمد علی غازی تہِ یہنزٕ تقلید کرن والین ہند دعوا بلکل مفروضہٕ ثٲبت سپدان۔

امہِ علاوٕ چھِ تمہِ دورٕکی تم سٲری ہم عصر مرثی نگار یہندی مسودٕ دستیاب چھِ مثلن سید مصطفیٰ رضوی، سید رضا، آخوند صفدر میر بیترِ ذٲکرن ہٕندی پٲٹھی ٹاکارٕ اشتراک پاوان۔ یمہِ کنٕز ثٲبت چھ سپدان زِ حکیم عظیمن تہٕ منشی یوسفن چھےٚ یکوٹہٕ مرثی لیچھمٕژ۔ یاپٕر وضموٗن ''زنجیرک'' یہ نعتہٕ مصرٕ وٕچھو منشی یوسفن کتھہٕ کٔنز چھُ پنٕن ناوتام بطورِ تخلص استعمال کوٗرمُت یہ ڈیشتھ کنہِ شکچ گنجٲیش چھنہٕ روزان۔

اوسس اُکرہے شہس ہٕتی پیوند بوس پنٕن دلبند سہٕ شیرے
تمن کٔنی کانکہٕ ہانٛکل اَکے سلسلہ عٲلی جناب تہٕ حضرت امیرؑ
سپن سُے یوسفسؑ زندانہٕ گرہ کُشا، سہٕ اوس زرخریدِ عزیز تہٕ کوٗرن شاہ
یا شاہ چھم امید یوسفؔ پنٕن غولام ذلیل کرہن رستگارو۔

اَمہِ ٹھوس ثبوٗتہٕ پتہٕ چھُ ، اَتھ نتیجس واتنس کانہہ تہٕ چارٕ لگان زِ حکیم عظیم تہٕ منشی یوسف اُسی تِتھے کُنہ یکوٹہٕ مرثی لیکھان ۔ یتھ کُنہ سید عسکری رضوی تہٕ اسد علی خانن مضموٗن بٲنی ، ہمیشہٕ بہار تہٕ دُر بیترِ ہشہِ مشہور مرثیہِ یکوٹہٕ لیچھہِ ۔ ووٗنی چھُ سوال پاۍدٕ سپدان زِ عظیم صاۍبن کُس ہیوٗ حصہٕ چھُ لیوکھمُت تہٕ یوسف صاۍبُن کُس ۔ یوٗ دوے یہِ اَکھ پیچیدٕ سوال چھ اماپوٚز عام روایتھ چھےٚ یہِ زِ پرٛتھ کُنہِ مرثی اوس لاز من منشی یوسفنہٕ گریز دِوان ۔ دپان ییٚلہِ حکیم عبداللہ ہن مضموٗن ”طاووس“ لیوکھ تہٕ یوسف صاۍبس ہووُنے نہٕ کمہِ تام ناراضگی سببہٕ ۔ پتو لاکن ییٚلہِ چارو ناچار مسودٕ ہووُنس منشی صاۍبن دِتُنس ییٚمہِ آیہِ طرز ہوٚت گریز ـ

خلقو کم کم رنگ ہاوان چرخ دِیاوان یہِ چرخ نیلفام

بے پرکران تاجدارن اُسند ے کینا ـ ـ کرمور پہلوانن پادشہن مسکینا ⊜

تھوٗن موٗرٕ یزید امام حسینس ظلمس تہٕ کینس تِتی سپن تمام

یُس اوس شہپرن پیٹھ للوان روح الامینا ۔ ژہرٹھ دِیوٗن کلنہٕ پرن پیٹھ سُے نازنینا ⊜

اَوَے چھےٚ کینٛژھن حضراتن ہنٛز راے زِ منشی یوسف اوس محض مرثین گریزے یوت دِوان تہٕ بزرگ آسنہٕ موکھہٕ تصحیح تہِ کران ۔ تِکیازِ مرثی چھےٚ عقیدتس ستۍ تعلق تھاونہٕ کِنہ سبٕٹھے حساس نُو عیٖچ صنف تہٕ اَتھ منٛز گوھہِ نہٕ کُنہِ قسمچ کانہہ کمی بیشی روزٕنی ۔ مگر مضموٗن زُنجیرک نعت چھُ اَتھ رایہِ بلکل رد کران ۔ یہِ چھُ ٹاکارٕ ثبوٗت زِ سُہ چھُ حمد نعت تہٕ مدح لیکھان تہِ اوسمت تہٕ دردچ چھنہٕ کتھے تِکیازِ منشی یوسف اوس سارِوے کھوتہٕ پرسوز تہٕ جگرسوز درد لیکھنس منٛز ماہر بقول مخمور صاۍب ۔

”ایک مرثیہ نگار کی حیثیت سے صاحب کے ہاں حس متاثر انداز سے

آپ نے بیان فرمائے ہیں وہ آپکا ہی حصہ ہے آپ سننے والے کو اتنا متاثر کر دیتے ہیں کہ ہر سمت وجد طاری ہو جاتی ہے آپکی ساری عمر مرثیہ گویی میں گزری۔ آپ میں کمال درجے کا سوز و گداز تھا[1]

توے چھےٚ یہ ریوایتھ زبان زدِ عام زِ اکثر مرثین ہُند رقت انگیز درٕ چھُ منشی یوسف صأبنے لیوٚکھمُت اَتھ واقہس چھُ حضرت شہر بانوٗ سُنٛد واقعہٕ (یُس گوڈے درج کرنہٕ آو) کأفی درٕپرٕ کران ۔ گوکہ تم اُسی اکثر دردلکھان تہٕ عظیم صأب حمد نعت تہٕ مدح ۔ مگر کُنہِ کُنہٕ اُسی منشی یوسف صأبٕ حمد نعت تہٕ مدحس منز طبعیت آزماوان تہٕ دردس منز حکیم عظیم ۔ یُہے وجہ چھُ زِ یِیلہِ اُکی اُڈ ہن وٕنی تہٕ ییٚرٕ ییٚہٕ ہن یٔھنٛزن مرثین منز چھُ ہمیشہ وأحد صیغہ استعمال سپد مُت ۔ یہِ حقیقت پیش کرنہٕ پتہٕ چھس بہٕ خواجہ حافظ شیرازی سُنٛد یہِ مشہور مصرٕ اُمس پایہِ بڈس مصنفس نذر کران

ع

یوسفِ گم گشتہ باز آید بکنعان غم مہ خور

---

[1] ''چہ دلا دور است وزدے کہ بکف چراغ دارد'' مقالہ از حکیم غلام حسین مخمور

# خصوصیات کلام

منشی یوسف تہٕ حکیم عظیم صأب چھِ کأشرٕ بن مرثی نگارن منٛز تمہٕ نپہٕ
کرٕنی ژ گاشہِ تارُک یمو کأشرِ ادبکس نبس پپٹھ پز بزٕلتھ سُہ اُکھ لامثال
تہٕ منفرد نوأرنی کردار ادا کوٚر ییتھ پپٹھ کأشرِ زبأنی ہر ہمیشہٕ فخر رٕدتہِ تہٕ
روزِتہِ تہٕ مرحوم خواجہ حسین میرنہِ فیضان صحبتہٕ یمو مقام بند مرثی نگارو
کأشرٕ بن مرثین ناوتھاٚوی تہٕ تتھ ناوس ستی تعلق تھاوَن وألی کأشرِ
اصطلاح تہٕ محاورٕ ہنگہٕ تہٕ شیرِ لأگی تِمن منٛز چھُ جنت مکان منشی محمد یوسف
صأب تہٕ حکیم عظیم صأب گوڑٕ انوارِ ووتھان ۔ یمہٕ ؤے دٕ یو مرثی
نگارو سجأوٕ کأشرٕ مرثیہِ یمو گھنو ستی ۔ بلکہِ وَنو اگر قدیم مرثین منٛز ساہٕ گی تہٕ
برجستگی اُس تہٕ یمو اُستادو گراتھ منٛز سراپا نگأری ، وقایع نویسی ، منظر
نگأری ، جذبات نگأری تہٕ باقی ضرٕوری متعلقاتن تہٕ اہم لوأزمن ہنٛز تمہِ
آیہِ رواتھ شروع زِتہِ پپٹھِ وننیک تام چھُ اُتھ پپٹھ قأیم روزن لأزمی
بنان ۔ مثلن یمو چھُ شیرٕ ( دود ) نأوی مضموٗن تصنیف کوٚرمُت ، ییتھ منٛز
یمو دٕ دس ستی وابستہٕ سأری متعلقات ، اصطلاح ، ترکیبہ تہٕ محاورٕ تتھہٕ گٔنی بیان

کرنہٕ چھِ آمتی زِ دودس چھکھ کٔنڈ ی ژاہ رمتی ۔ مثلن دودٕ دہن، زیٖن، بستہٕ گی، کارُن طفل شیر خوار، شیرٕ اژُن، خام خیال ۔ دودٕ ببہٕ برنہٕ ینہٕ، پوٚختہٕ کار، شیر جان کارنہٕ یُن ۔ دودٕ رُن، تھنہٕ پیٚن، ماجہِ ہنٛز ببہٕ دودٕ ستی بُرتھ تھاونہٕ، دود چوٚن ہیٚچھِ ناوُن، خام طفل، دَدتہٕ دام، دودٕ دام، دودس خون تہٕ رتس دود بٔنن ۔ دودُک سر ٹہہ، دودٕ مأج، دودس دگ لگٕنی، اوم دود، زامُت دود تہٕ یکھٕنی غرضکہِ قریب قریب سأری اصطلاح چھِ اَتھ منٛز تتھہٕ کٔنی بیان سپدی متی زِ یٖمہِ یور چھنہٕ یُتھ تصور کرُن ممکن ۔ مگر بے عأب چھِ صرف ربہٕ سنٛز ے ذات آسان ۔ اَتھ شیرنأوی مرثیہِ منٛز چھُ توتہِ دوددند، دودٕ زر، دودٕ بانہٕ، دودٕ وأر، دودٕ پیالہٕ، دودٕ وُگرٕ، دودٕ پھرٕ ین، دودٕ بوے تہٕ دودس کٔنڈی ژارٕنی شعوٗری یا لاشعوٗری طور مُشِتھ گوٚمُت۔

اما پوٚز مصنف سنٛز زبأن دأنی تہٕ برمحل لفظ ورتاو چھُ داد دِیاونس پتھ مجبور کران۔ییلہِ مصنف دودونان ونان رسول برحقؐ سنٛدِ دودٕ ماجہِ ہنٛدِ موکھہٕ کینٛوھن دوہن چورتہٕ گوٚمُت یا تہٕ الکہِ ترٛونجن لگان چھُ تہٕ أتی چھُ عربکس معاشرس منٛز یتیم سنٛدِ بے سہار آسنکی مناظر تتھہٕ کٔنی بروٚنہہ کُن یوان زِ سورُے تاریخ اسلام چھُ أچھن بروٚنہہ کنہِ رقص کران تہٕ تمہِ بروٚنہہ سانہِ پھرِ دود تہٕ نابدٕ ستی پٔنُن اُس چھلان تہٕ اِد اَتھ واقعس وُرن تُلان ۔

| | |
|---|---|
| وونی ہمہٕ نام خیر البشرؐ بشیرا | بہٕ شیر و شکر چھلہٕ دہن |
| ییلہِ اون سہٕ زبدۂ انبیا پروردگارنے | شیر اِز لوٚب روزگارنے (=) |
| سپنہٕ ادا نعتک عشر عشیرا | لیکھی زِ تی عمرِ سارٕ اژن تہٕ دوہن |
| دودٕ چہٕ ووٗنی اعجاز ہوو بزرگوارنے | آوندو دوام دعوادارنے (=) |

زبنہٕ برونٹھے بابہٕ اوسس گومت باحق واصلو ⊝

ییٚلہِ زاوتہٕ سپُن نہٕ کینژھن زٕ وہن دودیُن (چوٗن) تس کیوٚت حأصلو ⊝

أسسس نہٕ یوان دودس کانہہ دوٕماجا۔ أمس چھُ موٗدمُت پٔنُن بابہٕ نامدار

یتیٖمس رچھنہ ولتہِ کیا احسان ⊙

اِدویُت مایہِ جوش ابوطالبسؑ دوٕ ببہٕ برنہٕ آیسے ⊜

أس کران داے داے لنہٕ نس جایہِ جایہِ پھیران سعیسے ⊜

بنے یکھنہٕ داے کینژون دوہن اِد پٔنٕز بب ژٕہنٕز تھاوِ یسے ⊜

دیس یام دام دودس لُج سہٕ دگ معصوم اعجاز ہاو یسے ⊜

یا واقعہ کربلاہس منٛز جناب علی اصغرٕسنٛز شہادت پھِران پھِران مصنف سُند

کمال منظرنگاری چھُ قابل داد۔ سہ

معصوم تراوِدبدِہنٛز بب یام تام کھییہِ تیرا۔

تہٕ امہِ برونٛہہ دوٚیم گریزدنک سُہ سراپا دردناک منظر چھُ وأنجہ کھنٛجہِ کران۔

نتہٕ بنایاد پیوس اصغرشاہ۔سُہ تسُند العطش تہٕ دودُک اضطرار

دیذٕ ہنٛد بن اشہِ پھیر بن اوسہ أس داران ⊙

واتبس نہٕ تربن دوہن معصومس کنٛیک داماد ہانسے ⊜

کھور تچھان (وٹھ پھبشان) زیٚوٕہن اوسہٕ ہاوان بیب شہر بانسے ⊜

دیٚدی یے ژٕے دودہو کھُے چاوٕہم کیاو ونی نتم نشہِ بابہٕ جانسے ⊜

بنی اسرأئیل قبیلُک واقعہ چھُ قران مجیدس منٛز جایہِ جایہِ درینٛٹھ

گوھان تہٕ امہِ واقعکی اہم کردار چھِ، حضرت موسیٰؑ، حضرت ہارونؑ، کوہ طور، ید بیضا



بنی اسرائیلن ہُند وادی تیہس منٛز حال حأران گوھن۔ فرعون، ہامانؑ، مصرک شہر،

فرعون سندی ڈسی نیچوی مارِنی تہٕ کورِ زندِ تھاونہٕ، گلہ منز نار نیرُن موسیٰ سُند زیوٚ کھجر
آسُن تہٕ دوٚرِ نار تیو نگل ہیوٚ بوزنہٕ ییُن بیترِ۔

یم ساری لوأ زمات ذیہنس منز تھأوتھ دِیو مضموٗن موسیٰ ناوی مرثیہٕ
منز ذرا حکیم صأبنس وسعت فکر تہٕ تخیلُکس پرواز س داد۔

کیا بلند بالا طورِ عرفان اوٚت ولتہٕ نہٕ فکرِ ہُند موسیٰ[۲]۔ کرِ نے تجلی ہدایتُک نورا۔
لن ترانی اَمہٕ وادی مقدسہٕ بوزن۔ ہیبت کھبن بُتھی کنی پیٚن تم پتھ روزن (=)
ہاوتم نورِ شاہک قبسا موسیٰ آسا۔ مدعائے اطلق لسانی سپنیم ظہورا۔

تہٕ ونہٕ کیاہ ہے بے خبر زن۔ تو راتِ حمد کبن طورِ طرز ن (=)
لتہٕ اُسی یم کلیم معجز بیان تم گلی گے (-)
سپِنتھ ہم کلام باحق تو تہِ نیوٚ کھنہٕ پے (-)
چانہِ قو درِ ژ شجر اخضرِ نار نیران۔ نورگو ھان نیران۔
چون قہر و مہر کرِ دشمنن تارے دوستن تارے[۱] (•)
ژے کران جیب شبہٕ نشہِ ید بیضائے صبح ظاہرو (÷)
پیوان وُسی تھہٕ ستار تہٕ تھہٕ موسیٰ وُ چھتھہٕ سأحرو (÷)

اُتھی مضموٗنس منز سراپا نگأری وقایع نگاری تہٕ منظر نگأری ہندی مأری مُندی پیکر
پیش کران چھُ حکیم صأب وُچھن والین تہٕ بوزن والین ہندِس دلن منز اَکھ
ہیجان انگیز تلاطم پأدٕ کران۔ یِیلہِ سہٕ حضرت پیغمبر خدا محمد مصطفیٰ تہٕ حضرت موسیٰ
کلیم اللہ ہس پانہٕ وأنی موازنہٕ کرِتھ سردارِ انبیأ سُند شان وبوٚھناونہٕ پأٹھی
وبوٚھناوان چھُ تہٕ کردار نگاری ہُندی مأری مُندی تہٕ اعلیٰ پیکر چھِ تھنہٕ پیوان۔

---

[۱] وُچھو مختلف ضائع تہٕ بدایع خاصکر صنعت لف ونشر مرتب کتھہ چھہٕ ورتاونہٕ آمت۔

چھم برُتھ لوح سینہ وِنہٕ نعتِ حضرتؐ بہٕ تہٕ گرٕ ی تھ ہوسلٔہ معنائے یا سیناؑ والطّورا

تس معراجہِ پأرِتھ براق تہٕ رفرف سوزن ۔ اوس پیادٕ ے حضرت موسیٰ طورس

تے کھور کھوزن ⊝

آس ندافاخلع نعلیک یہٕ چھُ واُدی مقدسا، اوسس ننہٕ ووُرے پکُن تہٕ دستورا۔

بیئیلہٕ کوٗر سیر عالم بالا سرور عالمن سرفرازن۔ نعلینِ مبارکہٕ سان سپنٕ عرشس قدم زن ⊜

ڈیشہٕ نورِ حق مُنجلی حضرتؐ طورِ عرشے ⊝

موسیٰؑ تہٕ ڈیشتھ اکہٕ ذرٕ پہو بیہوشے ⊝

بوزُم زِ عمر سارِ موسیٰ عمران آرزو کران

حضرتؐ مےٚ تہٕ پنہٕ نِن اُمتن ستی یارے بخشے مے ذارے ⊙

موسےؑ یوٚ دٕ ے نیل مصرس سپُن عابرو ⊝

رٕ و دنیل فلکس تہٕندے عبور رٕ و دا برو ⊝

کرِ یئیلہٕ دست بیعت خیر الانامؐ ۔ لوٚبُن تیلی یدِ بیضا ⊕

اَمہٕ پتہٕ چھُ مضموٗن نگار تتھ گنٕ اَتھ نام زد مضموٗنس محاورٕ کیو تہٕ اصطلاح کیو گنٕ ہتو

ستی سجاوان زِ انسانس چُھ حأرتچ سوٚ درکھوہِ منز پیر کران تہٕ مولا علیؑ سُند بے

مثال کردار چُھ اُچھن بروٚنہہ کنہٕ رقص کرنہٕ لگان۔

موساس من وسلویٰ یوٚ دے آس آسمانے ⊝

بوہمقاب حضرت تہٕ شاہ قاب وقوسینک خانے ⊝

حضرت موسیٰ اوس کانپان گوھ ہس یئیلہٕ عصاس ثُعبان ⊝

شاہ حیدر منزلہٕ منز پنہٕ نے دلاوارے اژدر تہٕ مارے ⊝

اَتھ ستی یئیلہٕ مضموٗن نگاران بنی اسرائیل تہٕ حضرت موسیٰ سُند کردار

وبوھناوِتھ یمہِ اُمتکس حضرت موساس ؑ وبوھنے کران چھُ۔تس چھُ کوہِ طورس مقابلہِ نیٚز طور، فرعونس مقابلہٕ ابن سعد، شجرِ اخضرس مقابلہٕ کوفُک دارالخلافہٕ تہٕ تمیُک درواز یاتہٕ کُل یَتھ پٮ۪ٹھ امام حسینؑ سُند سراویزان اوس در ییٚٹھی گوٚھان۔ یتھے کُنی چھُ حضرت موسیٰ علیہ السلام سٕنٛز زبانی ہُند کجر بروٚنہہ کنہِ رٔٹتھ جناب زینب سُند باکہٕ باکہٕ دوان زبوِ کجریُن اُچھن بروٚنہہ کُن یوان۔اَتہِ نس چھُ بوزن وول اکہِ طرفہٕ مضموٗن نگار سٕنٛزِ فنکاری بروٚنہہ کنہِ سرِ تسلیم خم کران بیٚیہ طرفہٕ چھُس جگرس تچھن ووتھان۔ییلہِ بوزان چھُ۔

ژٹہٕ ناوِتھ ید بیضا سعدن بد بازن۔تھاون اویزان گراہ نیٚزن گراہ دروازن ⊜
دیُت نم نارمےٚ تمی کُلی وأنج چھم وزانے ⊖
یتھ ٕستی اُسی گنڈی بتھ کُلی نورِ تجلی اویزانے ⊖
آیہِ تتھی کُلس تل نورزہرا اتھہِ موران۔
کُلس اُندی اُندی پھیران ییہ ہے ظالمن ہٕنٛز لارے۔ییتٕ مے پرارے ⊙
کُلس نالہٕ رٹہِ ہے نالہٕ ژھٹہِ ہے میانہِ سرورو ⊕
کُلیمہ زبو موٗرتم کتھہٕ کرتم کُلہِ اندرو ⊕
کلےیہِ مےٚ زبو باکہٕ دِوان بأے جگرو ⊕

امہِ پتہٕ وُچھو اَتھ مضموٗنس منٛز واقعہ نگاری تہٕ سراپا دردُک منظر کیا چھُ بزبان جناب زینب مضمون نگار وٕتھ تلاوان۔

رحم کر قوم موسیٰؑ چن کوربن فرعون کافرو ⊕
اَز اَسہِ سیدِ باین پٔنٕز مسلمان گٔری تھہٕ زنجرو ⊕

سبحان اللہ! منظر نگاری ہُند یہِ کھ نموٗنہ وُچھوز مصنف کیا چھُ انہِ انس وٕتہِ بُٹیل ٹلان۔

بوزُم ینہٕ اہلبیتؑ قید پےٚ تنہٕ گذرے یہ وأنسان

اوس ینہٕ مسافرن ہُند پادشہس نشہ کران مذکوران

اٗسی پےٚ ئتی منٛز بأندی وانس مورۍ زن مردوزن اما عابدین شاہؑ سبٹھاہ اوٚ نمت زیر مرگن ○

رٹہٕ بیون بیون پرٛتھ بیابانہٕ دِوان نالہٕ قبرو ○

شۍنیہ ریتی آے پھیرتھ ؤتھو بانالہٕ موٚت کرو ○

سرن مسافرن میلوِ باسروؤتھِو مَریو ○

میوٗل رخصت ازیزیدٕن ؤتھِو گٔژھو گرو ○

اٗسی شہیدن نادِوان نام بنام ہیٚنی قیامت برپا۔ ○

یہ چھُ سُہ دلدوز منظر یتھ کٔن وُچھِتھ انسان وأنلج ژٹنس پتھ آماٚدٕ چھُ گوٚھان۔ مضموٗن موسٕہک پرٛتھ مِصرٕ چھُ حضرت موسیٰ ہٕندِ کردارٕچ عکاسی کران۔ بنی اسرائیل تہٕ بنی اُمیہ خاندانن لرِلوٚر پکناوان مگر تمہِ باوجوٗد چھُنہٕ اَتھ منٛز وادی تیہہ نظرِ گوٚھان یتھ منٛز بنی اسرائیل ژتجھن ؤری ین پھیران تہٕ سرگردان روٗدۍ تہٕ قرآن مجیٖدن اَتھ یتیھون فی الارض ؤنتھ اہمیت برٛھاوٚ۔

## حکیم صأبنس کلامس منٛز جذبات نگأری:۔

کأشرِ مقام ہند مرثی ہُند بوٚڈ بارٕ گیٚہنہٕ چھُ جذبات نگأری۔ اَمہِ ورأے چھَ مرثی محض اَکھ کتھ کتھ تصور کرنہٕ یوان۔ اٗسی ونوٚ نہٕ ینہٕ ردٕس گرتہٕ چھُ گرے مگر سو سجاوتھ چھُنہٕ روزان۔ یوسہٕ زیٚنہٕ ئتی روزٕنس۔

بوزوے تہٕ حکیم صأبن سوٗرے مرثی مواد چھُ جذبات نگأری ہُند گیٚہنہٕ سجاوِتھ یتھہِ کٔنی یتھ کٔن مضموٗن موسٕن منٛز مولاشارٕ کوٚر یا باقی

مضموٗنن منٛز تمیک عکس صاف نظر گوٚھان چھُ۔

مگر آفتاب ناٗوی مضمونس منٛز یوسہٕ جذبات نگاری مرثی نگاروٚ کرٕ مٕژ چھےٚ سو چھےٚ یقینی قابلِ دادتہٕ لایق تحسین۔ اَمہِ مرثی ہُنٛد اکھا اہم پہلو چھُ زِ ییٚلہِ ییٚلہِ کٔشیرِ منٛز روٗداوسنہٕ یژ کال پیوان تیٚلہِ اُسی مضمون آفتاب پران تہٕ روٗداوس پیوان۔ اَمہِ کتھہِ ہنٛد رٲوی چھُ کٔشیرِ ہُنٛد بوٚڈ بارٕ عالم تہٕ دٲنشور آغہٕ سید باقر صاأب یمو حال حالیٕ اُکس موعظس منٛز یہٕ واقعہ بیان کوٚر۔

مضموٗن آفتاب چھُ جذبات نگاری ہُنٛد لامثال نموٗنہٕ تہٕ مرکز بنان اڈسہٕ مدح مولا اُسی تن یا واقعہ کربلاخا مکرُچھِ تمہِ ساتہٕ عروج لبان ییٚلہِ مضمون نِگار حضرت زینبؑ ہسٕنز زٔبۍو آفتابس کُن مخاطب سپدتھ اسدِ چہِ تاپہٕ کرلیہِ تہٕ امام حسینؑ ہسٕنٛد بدنِ مبارککِہ تہٕ سرِ اطہر کہ بے سایہٕ آسنٕچ ذِکر کران جذباتن اُکس نوٗس تہٕ منفرد اندازس منٛز پیش کران چھُ۔

اڈ اُس ودِمتہٕ دلہٕ آفتابس کُن کران خطاب ـ

ہوآفتابہٕ ژٕ کتھہٕ چھکھ کھسان وُچھان یہ حالے۔ کھوٚتمت ووٕڑنوٚن سر شاہ حسینؑ نیزٕ بالے ـ

اوٚسُس نہٕ ہوا کرنک تاب اڈٕ ٹھہریاتھ تاپہٕ کرایے ـ

واژِ اُس کوٗت کال وُچھنس آب شہُلاتہِ بنیوس نہٕ کنہِ جاے ـ

ہوآفتابہٕ ژٕ بڈی بابہٕ قبر کُن کرتہٕ نظرا کاستم ذرٕ ذرٕا۔

ٹُہنٛدِ سرٕ پیٹھی متہٕ کرتہٕ گُذارے ـ

اُسٕنٛد نیزٕ پھل تاپہٕ ستی چھم تتان۔ کیا کرٕ ژھوکھ کھشوم میأنی دلہٕ نے ـ

اُمس چھم دگٕہ چھوکُس رتھ پکان وہنہ پیوم بوٚے زانہہ شہلنے ـ

اَمہِ پتہٕ چھاوٚ برس کُن مخاطب سپدتھ یمہِ آیہِ پننین جذبن ہُنٛد اظہار کران ۔

اِد کرِ ہے زانھہ اوٚبراہار ہے اشہِ سیلاب

دپہِ ہیٚس ہواوٚبر ژتہٕ زلنہٕ ہن یہ رسولسُند آلے۔ تس ابر رحمت سُند چھے سوالے (=)

چھس بدن ڈولان تاپہٕ تِھوٚ بیکہِ پیٹھ پھوٚرس قحط آب۔

چھس تیر بارانن کوٚ رمُت غربالے۔ ژ گوھتہٕ کربلا تامتھ فلحالے (ــ)

بوزن والی، پرن والی تہٕ ارباب ادب دین نومن جذباتن پیٹھ وونہٕ داد ییلہِ مضموٗن نگار حضرت سیدہ زینبؓ سُنٛز زبٲنی بزبان حال، اوبرس مخاطب چھ سپدان، یم مصرچھِ اَکس دلہٕ وٲلس انسانس وٲنجہِ کھٔنجہِ کران ۔ حضرت زینبؓ چھاوٚبرس گراوٚ کران تہٕ تس کُن یتھہ گٔنزٲری کران ۔

تَسندس حالس ودتہٕ اَکھ گراہ مے پانس نو فرصت آیے (ــ)

اماہار کھیٚس قطرائہ ترٲوی زہٕ بس حلقچہٕ جایے (ــ)

نتہٕ شہلے کرتس تھاوتہٕ منتھا جنتچہ پادشاہ بایے (ــ)

ہواوٚبر ژے چھے نہٕ آب ٹلہٕ نس منع ۔ تس رٕ دفرائک تمنا مورہس عباس ژ لاگتس آبدارے (ــ)

وونی ژے سٕران دِتس مسافرس اَمس کیاسٲری موٗدی رٕ دچھلہٕ نے (÷)

ژ نے راتھ دوہ آب چھکہٕ ہس بدنس تس دٕ لکی داغ زانھہ نہٕ بلہٕ نے (÷)

ہواوٚبرِ چھے سوال خدا یلہِ تاپھ آسہِ تتان ژ ٹکان اُسی زِہ بسِ واتانے (+)

یمن ہیری مین مصرن منز وچھو کتھہِ گٔنی چھ مضموٗن نگار مضموٗنس رٲچھ کران کران تِمکی متعلقات وبٕھناوان وبٕھناوان جذبات نگاری معراجِ کمالس واتناوان ۔ یوٚ دوے ازتام اکثر شاعرو اوٚبر بطور قاصد استعمال کٔرِتھ پننین

لاوٕن جذبن زیوٚچھنے دِژٕ موگر یِتھ مثال چھِ خاپے دژٕ پیٹھی گوھان۔

مضموٗن درچھُ یمہٕ زن مرثین منز اکھ اہم مقام تھاوان۔ دروازس چھِ عمومن زٕ پٹھ آسان پرٚتھ پٹس چھِ عربی پاٹھی مصرٕ ونان۔ فاضل مضموٗن نگار چھِ خدایہ سندس دروازس رحمت زاٚنتھ اَتھ زٕ پٹھ "فضل" تہٕ "رحم" تیار کران تہٕ پرٚتھ وِزِ امکہٕ آمدورفتہٕ باپتھ بروٚنٹھی تھاوان۔ یتھ یہ درآمد تہٕ برآمد ونان چھُ۔ اَتھ دروازس پیٹھ چھنہٕ کانٛہہ سنٛتری یا کانٛہہ گیٹ کیپر دژٕ پیٹھی گوھان یہ درواز چھُ پرٚتھ لوکٹس بڈس، عامس تہٕ خاصس کیوٚت ووتھ آسان اوے چھُ یمن کتھن وبوٚ ھنے کران فاضل مضموٗن نگار خدایس التجا کران۔

درماندٕ چھس تہٕ مےٚ تہٕ تھاوتم احسانکی دروازے ⊖

دربدرمتہٕ پھرِ ناوتم بندن ہٕند دروازے۔ ⊜

شاعر چھُ تیتھ پننہٕ نین اعمالن کھوژان زِ خدایہ سندس عفوس تہٕ چھس ہانکلہٕ گرِتھ باسان پننہٕ نین نمازن تہٕ روزن پیٹھ چھس نہٕ کانٛہہ اعتماد یوٚت تام نہٕ رب العالمین نظر رحمت کرِہس۔

عفوس چھِ زنجیر درو چھ وے نمازن روزنے ⊙

اَمہِ پتہٕ ییلہِ اَتھ منز جذبات نگاری ہُند موقہٕ چھُ واتان یہ چھُ یتھٕ کنہٕ زخمن زیوٚانان۔

اِدٕ نیر ہے پیٹھ دروازس بابس لایہ ہے آوازے
بابہٕ وات میانس دادس ظلم گامت بے اندازے
ہو بابہٕ ژٕ ے پھٹر یاتھ دَرِ خیبر ازتہِ ہاوتہٕ یتھے اعجازے۔
انہ پننہٕ نین کوریٚن ہیوٚتھ نہٕ خبر کیا ملالہٕ گے کوٚ زنے

# علامہ اقبالسؒ پیٹھ کاشرٕ بن مرثین ہُنْد اثر

علامہ اقبال کرآیاو کشیرِ تہٕ کتھہٕ کنٕ آیاوتھ پیٹھ بحث کرنہٕ ورأ ے چھُ

یہ واقعہٕ بلکل صحیح زِ خلد مکان فردوس آشیان آغا سید امداد علی شاہ صاٗب (یمن

رئیس الذّاکرین لقب اوس) چھ کشیرِ ہنْد بن امام بارن منٛز مرثی پران اُسۍ متۍ

تِم اُسۍ بحیثیت نواب یور یوان یمو چھُ کاشرِ مرثیہٕ پرنس منٛز اَکھ اہم رول ادا

کوٚرمُت۔ تِم چھِ حضرت علامہ اقبالسؒ سِتۍ (لاہورس منٛزِ ے دوشہٕ وے

بزرگ روزنہٕ موکھہٕ) سمکھان تہٕ ووتھان بِہان اُسۍ متۍ۔

زبٲنی زبٲنی روایتہٕ مؤجب چھُ علامن تمن نش مضموٗن کتاب بوزِتھ

کاشرٕ بن مرثین تہٕ مرثی نگارن زبردس تاریف کرۍ متۍ۔

مگر یوٚ تام صحیح روٲیتک تعلق چھُ تتھ متعلق چھُ سید انیس کاظمی تفصلین

لکھان زِ......

''سید امداد علی شاہ موسوی مرحوم چھِ بڈگامہٕ، حسن آباد تہٕ زڈی بلہٕ امام بارس

منٛز مرثی پران اُسۍ متۍ۔ علامہ اقبالس سِتۍ اوس تمن راہ ورسم۔ دوشہٕ وے اُسۍ

لاہورِ بسان ادبی محفلن منٛز سمکھُن اوسکھ معمول بنیوٚمُت۔ امداد صاٗبنٕ تصنیف

"حدیقہ ماتم"، پرِتھ چھُ ننان زِ تمِ چھِ زبردس اردو مرثی نگار أسۍ متۍ ۔ اُمہِ سببہٕ چھُ یمن دون بزرگن پانہٕ وأنۍ وۄتھن ییٛہُن تہِ اوسُمت ۔

کأشرِ ہن مقام بند مرثین ہنٛز ذِکر کرنس دوران ییٚلہِ امداد صأبن علامہ اقبالس "مضمون کاغذ گری"، تہٕ "مضمون کتاب" ہنٛدی کینٛہہ مِصرٕ تشریحہ تہٕ ترجمہٕ سان بوزناوی ۔ علامہ سپدی زبردس متأثر تہٕ دوُد کھۍٛ ۔

مضمون کاغذ گری ہنٛدی یم مِصرٕ علامن امداد صأبنہٕ زِ و شرح دار بوزی تمن منٛز چھُ یہِ اَکھ مِصرٕ بے مثال اہمیتک حأمل ۔

ییٚہ ہے نے میم محمدؐ پیٚہِ ہا عین مہس الف منٛز دون صاد نے

صحیح سجل امکان کۄر تہنٛدی صاد نے ۔ (کلام میرزا ابوالقاسم مرحوم)

یمن مصرن منٛز چھُ معجزہٕ شق القمر یتھہٕ کٕنۍ وہٕ ہناونہٕ آمُت زِ انسان چھُ انگشت بدندان سپدان ۔ یم مصرٕ وہٕ ہناوتھ ییٚلہِ علامن مضمون "کتاب" ہُنٛد حمد تہٕ نعت بوزِتھ سید امداد صأبنہٕ زبأنۍ درد کۍ نوم مصرٕ بوٗزی ہ

لدی تھہٕ سرنأز رچھلن سبق شرہن تہنٛدہن جگر گوشن

ہٕدی یہٕ یزیدس نیہٕ شمرِ ذی الجوشن ............

ییٚلہِ سپدِ ہس بأندی وانس اندر صبح روشن

گوٗھہِ ہیٚس یادناد یہٕ ہے أچھ گاشن

وۄتھہِ باژ یرِ گو سبقس ڈُنہٕ کہن شونگن تہُنٛد چھاداب اوخن آسو پژاران کرٕی توس سلاما

کنہِ چھووم سبق پژاوان ہٕڈی بابس نشن

بوزناوان کیا کۄر سعدن ستم پیشن

یتھ کٕن گوٗھہِ پورٕ خیال تھاوُن زِ "کتاب" نأوی مرثیہ ہُنٛد اصل ناو چھُ "مدرسہٕ" اوے

چھُ مدرسس ستہٕ تمہِ کیٚنِ متعلقاتنے وضاحت سپز ہمٕ۔

اَمہِ پتہٕ چھُ انیس کاظمی تمن واریاہن نفرن ہُنٛد فہرست دِوان یِم یمن دوہن لاہور آسان اُسی ستہٕ حضرت اقبال ستہٕ امداد صابنہِ صحبتہٕ ستی فیض یاب سپدی مُتی چھِ۔ غرضیکہِ کاشرِ بن مرثین ہُنٛد تلہٕ تزاو ، تِہنٛز سخندانی ، فصاحت وبلاغت ستہٕ متعلقاتن ہنٛز وبوٗ ھنے کرنس ستی یِم چیز واقعہ کربلا ہس لرِ لوٗر پکناونکہِ سببہٕ یُس معراج کمال اَتھ فنس حاصل چھِ سپدان تمیُک احساس گرِتھ چھُ حضرت علامہ اقبالؒ بے ساختہٕ ونان زِ......

''یہِ چھنہٕ ژھوٗرُے بشری کلام اَتھ چھُ خدائی تائید ڈٕھس ستہٕ مدد ِس ستی'' گویا۔

ایں سعادت بزور باز و نیست تانہ بخشد خدائے بخشندہ[۱]

## موازنہٕ اکھ موختصر سام

دون شاعرن ، ادیبن یا دون مقررن ہُنٛد اُکی ہے عنوانس تحت زِ مضموٗن یازٕ مقالہٕ پرنس ستہٕ پتہٕ تمن تقابلی طور تنقیدی سام ہیوٗن گو موازنہٕ۔

یمو پلیہِ بڈٕو شاعروتہٕ منشی صفدر علی مرحومن چھِ اُکی ہے عنوانس تحت زِ مضموٗن وُنی مُتی ناوچھکھ ''سال وماہ'' مضموٗنن ہنٛز نزاکت مدنظر تھاوِتھ چھُ یمن منٛز (وُری ستہٕ رٮ۪تھ) وٕری ہکی اہم مقامات۔ یہتہٕ پھیٚر ، پچھ ، ہفتہٕ ستہٕ باقی لوازمات وبوٗھہ ناوِنی ستہٕ تمن پٮ۪ٹھ تفصیلی یا اجمالی بحث کرُن چھُ لازمی بنان۔ اُسی یِیلہِ دون عظیم مرثی نگارن (حکیم عظیم صاب ستہٕ منشی صفدر صابن) ہِنٛدی یِم اکے ناوِ زِ مضموٗن پران چھِ دٕچھ وُنی ہِنٛدِ فنکارنہٕ صلاحیتن ہُنٛد مظاہر کرنس پٮ۪ٹھ چھِ

---

[۱] کاشرٕ مرثی ہنٛز تاریخ

اَسہِ تمن برۂہہ کنہٕ سر تسلیم خم کرن پیوان تہٕ بے اختیار چھُ سانہِ زبٲنۍ منزٕ "رحمتہ حق بر رُوان جملہ باد" ...... نیران تہٕ تہندٕ مَن رُوحن سلام کران کران زِو تھکان۔

مگر بیٚلہِ انصافہٕ چونظر وُچھومیدان چھُ منشی صفدر صأبنہِ اَتھے ہموار سپدان سُہ چھُ سال و ماہٕ ہنتھ تہٕ پٹھ وُنیک تام پننہِ عظمتک سکہٕ بیٹھناونس منز کامیاب سپدان۔

تہٕ از تام چھُ مضموٗن سال و ماہ منشی صأبنہٕ شہرتِ عامہٕ تہٕ بقاہٕ دوامک شوہر پراونس منز کامیاب سپدان۔

توہۍ گرٕو پلنہٕ تہٕ اندازٕ زِ حکیم عظیم صأبُن سال و ماہ نأوی مضموٗنس تہٕ منشی صفدر صأبنس سال و ماہ مضموٗنس منز کتھہٕ کٔنۍ چھُ آسمان زمینٕچ فرق محسوس سپدان ؎

یامحول الحول چأنۍ قدرت وُچھان کھوان عقلا ہولا۔

کران ماہ وُ سال تبدیل احوال ژٕ بے قدیرا ⊜

ٹھہرانہٕ وُچھنس چأنۍ صنعت قوت سأری پران لاحولا۔

کڈان ظلمتہٕ نشہِ نور لیلہٕ نشہِ نہار چون تدبیرا ⊜

ہر روز چھُ عام چون روزنہ انعامے ⊖

روزانہٕ خالی روزی نوان انام وانعامے ⊖

ڈیشتھ اِختلاف لیل النہار اولوالالباب۔

وچھان گردش سال و ماہ دورِ مہر و ماہ لبان چانہِ صنعو پیٹھ آگہٕ ہی ⊙

یا اللہ چھی پنجہٕ اختیارس اَتھہِ تحویل حمل ومیزانے ⊕

چارٕ فصل صیف وشتا بہار وخزانے ⊕

چانہِ قدرٕژ گواہ روز وشب صباح ومسا ⊕

(حمد از سال و ماہ تصنیف حکیم محمد عظیم وُ منشی محمد یوسف)

اَتھ مقابلہٕ ییٚلہِ اُسی منشی صفدر صأبن سال وماہ پران چھِن اُسی چھِ بے اختیار تمن شاباش تہٕ آفرین کرنس پٮ۪ٹھ فطرتن مجبور سپدان ۔

یا اللہ ژے محوِل احوالاتحویل اعوام چوٗنے عام انعاما

اختلاف لیل النہار وٗچھأنی۔ فلک سیرِ چھُ چرخ کھسوأنی واتان نہٕ کُن لاحول پرأنی۔

ژنے سأری مطیع شہورن سنین لگِتھ لحاظأ اصینو ۔

چانے مہر کہٕ نورٕ ییٚلہِ بدرٕ ے برسینو۔ گوکمہِ حالہٕ حسینو ⊜

چھُ اول وسلخہٕ نشہِ محالا منیرٕ چون کیا جلالک ماہ۔

راتھ دوہ آفتاب تہٕ ماہ پھیرأنی ۔چھُ ماحکمس پھیرأنی۔ تسبیح ثنا پھرأنی۔

سر تُلہ نس ہلال انہ ہے ماتا باروشن کرہٕس غرٗہ ناصینو ۔تغیر سال وماہ وجوٗ دس چأنس

ڈلیلاہ اَتہِ آیہَ لایق تحسینو ژ مرئ تہٕ حسی نو ⊜

سبحان اللہ کیا فصاحت کیا بلاغت چھےٚ کلامس منز بیہٕ یہ نہٕ حکیم موصوف سأری ہے حمدس منز وٕ نتھ تہٕ وہٕ ھِتھ ہیوٚ کمُت چھُ تہٕ چھُ منشی صفدر صأبن صرف دون برخاسن منز ماٖہرلنہٕ اسلوٗبس تہٕ اُستادلنہٕ طرزس منز بیان کوٗرمُت ۔

اَمہِ پتہٕ وٗچھو ییٚلہِ حکیم عظیم صأب تہٕ منشی محمد یوسف سال وماہ ونان ونان سال وماہ نبوتس ادبہٕ کس نبس پرپزٕ لاونہِ نیران چھُ ۔ کِتھہٕ کنی چھُ پٮ۪ن سوٗرٕ ے علمی سرملیہِ داوس لاگان۔ سہ

بوٚکیا سہ روز فیروز دِین افروز سدأ ہم ربیع الاولیٰ۔

کرن تمہِ ہفتہٕ ہر ہفت ہفت آسمان ستھ زمینہٕ شش جہت گے منیرا ⊜

ییٚلہِ زاو حضرت کھوٚت نبوتک ہلال آے ملک خوشحال لولاک پران بران لولا ۔

کران مبارک غرٕہ ماہ سعید چھُ عید آو دین ودنی یوک از پیرا ⊜

دیہ شرف روزِ جمعس تولد خیر الانامےؐ ⊝

سپُن عیدِ مومنان گوتوٚے افضلِ ایامے ⊝

وُچھو کوٚتاہ سادٕ تہٕ متین بیان، شیریٖن کلام تہٕ عام فہم بناوِتھ کم دُر چھکھ ہاری متی مگر سُہ ادبی تھزر، تہٕ فنکارنہٕ بجز چھنہٕ اَتھ منز تیوٚت وُسعت لبان یوٚت منشی صفدر علی صائبنِس سال وہِس منز دریٹھی چھُ گوہان۔

ییہٕ ہے نے رسالدارا نبیا بلند اقبالا کرہن سال وماہ وجودس قران ما کوٚر سالخوردہٕ خضرِ تہندی احسائی۔ زلنہٕ خدمت حیات جاودانی۔ سُہ پیر خردلبہٕ نوجوانی ⊜

کرِ ژ تُجھی وٚری یہٕ آفتاب دین روشن سمائے رسالت عام روٚدس درکمینو۔ اوس کران ذرٕ پرورتا سینردہ سال حقس مقال بوزن جُہال مکی نو۔ پتھ روزن نہٕ عرش مکینو ⊜ تاآخر غرض ہیٚزاتہٕ نس چھُ میدان نیرتھ منشی صفدر صائبے ہال زینان۔

اوت تام آو تقابلی عمل تہٕ موازنٕ کھوٚٹ لاگتھ یمن دون عظیم ادیبن ہنٛدی زٕ ادبی شہکار موختصر پاٹھی بیان کرِتھ دون دانشورن ہنٛدِ طرزِ بیانُک ذکر کرنہٕ ستہٕ یہٕ اوس صرف حمد تہٕ نعتس تام محدوٗد ووں گو ییلہٕ مدح مولا تہٕ پرکھاوٕ وصاف سنہٕ زمیدان وچھ بال کمی چھے زینہٕ ہو۔

چھُ کیا فرخندہ فال بااجلال سال اقبال شمولا۔

گنہ تاجہہ سنہٕ ہجریہٕ ییلہٕ کوٚر حضرتن جانشین حضرت امیرا۔ دوٚبن من کنت مولا ہ فھذا علیٌ مو لا ہ۔ ارداہمہٕ ذی الحجہ اول جلالی عید غدیرا۔ اوس عالم افروز روز نوروز اسلامے ⊜

بیہِ حدیث فرماوِ حضرت سلکھان چھُ صاحب کتاب۔ کوٚر خدأے اختیار دوہن منز روزِ جمعہ بیہِ دوہ چھنہٕ اَتھ ہی۔ شبن منز شب قدر رتبن منز شہر رمضانے ژورنس نبیؐ ین منز بومیانیوأ اندرٕ شاہ مردانے شاہ نفس حضرتؑ مدعاے آنفُسنا ⓪ اَتھ منز چھُ مضموٗن نگارتم سأری اسلامی اہم واقعات سبٹھاہ متین تہٕ عام فہم الفاظن منز بیان کران یم اسلأمی تأریخکی ہنگہٕ طوٗمار چھُ اَمہِ ذکرِ سواچھِ اسلأمی تاریخ تہٕ لَتہِ نس نامکمل روزان تہٕ مضموٗن تہٕ ژھوٚ ز بنان مگر فأضل مضموٗن نگار چھُ پننہٕ نس ادبی عظمتس بروٚنہہ کنہِ سارنٕے اہل فنن سرخم کرناوان ییٚلہِ زن منشی صفدر صأب محض تخیلہٕ دمیٚ اَتھ جذباتن منز ادا کران چھُ۔

کرِ سالِ اماتس حق تعالیٰ رٕتھ باہ گوڈُک ماہ علی عالی مقاماتہٕ سندے
آستانہٕ دور أنی لبہِ خدمت حکمر أنی شب و روز سال و ماہ دور أنی
نوٗرِ نبیؐ تہٕ وصی اکے تمثالہٕ بے انفصال نتھے مدعائے ہل اتیٰ و یاسینو
خلیلس نارٕس گلزار شاہؑ سندِ نوٗرٕ گو سوٗز طوٗرِ سینو سُے معنأے طاسینو ⓪

(سال و ماہ منشی صفدر علی)

منشی صأبنی یم مصرٕ چھِ بلا شک فصاحت تہٕ بلاغتکی شہکار مگر یوسہٕ سادگی تہٕ واقعہ نگأری حکیم صأبنین مصرن منز لبنہٕ چھے یوان۔ سو چھنہٕ دزٕ ینٹھی گوھان۔

یپأری چھُ دوشہٕ وے عظیم مضموٗن نگار اَکے عنوانہٕ مضمون تخلیق کران کران تِمکی تعلقات وبوٗھ ناوان پننہِ استادلہٕ ہندِ سکہٕ تہٕ أہرٕ بہنٛاوان پوٚز "سال و ماہ" ناوس کُن نظر کٔرِتھ چھُ سُہ عظیم واقعہٕ لأزمی طور بیان کرُن ضروٗری۔ یتھ تاریخ اسلامس منز عام الفیلَ (ہستہِ سُند وٗری) ونان چھُ یأیہ وٗری بیان کرُن۔ یتھ سیرت نبوی منز عام الحزن ناو پیوستہٕ کیاز تأریخ دانو تہٕ سیرت نِگارو چھِ یمہِ اہم واقعہ

اِسلامی تاریخکہِ زٕ ظٕو مار مأنۍ ہتی لمہِ ورأے چھِ تواریخ نویسی تہٕ سیرت نگأری کھوٗ کھر باسان۔ یہأے وَنن چھُ کأشُر مرثیہِ منٛز تہٕ آسان۔ اگر دٕ یو مضموٗن نگارو ''سال و ماہ'' نأوی مضموٗن تخلیق کرۍ یِمن دون واقعہن کُن گوٗ ہہِ ضرور اشارٕ سپدٕن۔ مگر منشی صفدر صأب چھِ اَتھ بارس منٛز پلنہٕ وشفک شکار گوٗ ھان نتہٕ بشری کمزورین ہُند یِیلہِ زن حکیم عظیم صأب اَتھ میدانس منٛز ہال زینتھ چھُ گوٗمت۔

اوس عام الفیل یَمہِ ؤری یہِ زاو سُہ کفیل زمانے......

یٚمہِ ؤری یہِ کرِ قضا ابو طألب گو بیکس رسول مقبولاً

اوس بروٗنہہ بروٗنہہ تو بودس ہٕچھہ بابہٕ رووم ژٕ ے ہیوٗ دستگیرا

سُہ مُرۍ تھِ رہتہٕ پتہٕ مو یہِ خدیجہ کُبرا تتھ تہٕ تیُتھ لوٗ گنہٕ ظٕولا

رأوِس یِیلہِ دونہٕ وے غمخوار وفادار سپن سبتھاہ دل گیرا۔

غمن پیٹھ پیٚیس غم تتھ ؤری یس عام الحزن تھوٗ وُکھ نامے (سال و ماہ حکیم عظیم)

امہِ پتہٕ یِیلہِ أسی دوشہٕ ؤنی ''سال و ماہ''، مضموٗنن ہُند واقعہ کربلا بروٗنہہ کُن اَنو حکیم عظیم صأب چھِ پرٛنہٕ پأٹھۍ سال و ماہ مضموٗنس لولہٕ متہٕ لاے کران نظرِ گوٗ ھان یِیلہِ زن منشی صفدر صأبنس مضموٗنس منٛز اَمِچ وبٕ ڈھے چھِ باسان۔ وُچھو کلیات منشی صفدر (ترتیب کار راقم) تہٕ درِ دست کلیات، دودتہٕ آب نیرِ فورَن بیوٗن بیوٗن۔



# مضمون آفتاب (شمس الضحیٰ)

یا اللہ چھُ جایہِ مہرک شمس وضحیٰ کیٛاہ عالمتاب
اَتھ ہمیشہِ اوجؔ[1] کماے لبس نہٕ زانہٕ حضیضؔ[2] وبالے
چھُ فاشِس بے تحاشہ بس خفاشس[3] آفتاب
امیُک پیٛرتھ ذرا خورشیدمِثالے اَنہِ خرؔ[4] بائے نظر انیٛا مجالے
خورشید وشُہا[5] ماہی و ماہ اَمہِ کِس شعاعس زیرِ سائے
یَس پیٛٹھ پیٛرِوا عیسیٰ[4] آسا سَپنہِ فلک فرسائے
اَمہِ کی وظیفہ خار فراخور استعداد ہر ذراہ نوان روز وشب پرتوا ہا
لَیان اَنوار انوارِ انوارے
پیٛٹھ ہے نَے امیُک تاب چرخ نیلوفرِیس[6] تہٕ روزِ ہے گُلِ آفتاب
پھولنے
کَدِ ہے نہٕ سر نیلوفر اَز آب آسہِ ہے کرآب وتاب گلنے
اَمہِ کے عکسہِ سور جہان شرق وغرب آفاق چھُ گہاٗنے



---

[1] تھزر۔ [2] بُستی۔ [3] راتہٕ کٔر پل [4] گرگٹ۔ رنگ بدلاون وول
[5] اکھ ستارٕ [6] آسمان یُس بوٗمی پوشس ہیُو چھُ۔

نوٹ:۔ یہِ مرثی چھےٚ مرحوم علی محمد (فقیر) صابس دِنہٕ آمٕژ۔

دِتُن یُتھ جلا ییٚلہِ کرِ ظہوٗر مشرق والشمس والضّحیٰ والا جناب
تَس نہٕ سایہِ شہ نوٗرِ حق سایہٕ ذوالجلالے نوٗرس تہٕ سایس سایہِ
آسُن چھُ محالے (۲)
یِتھہِ روٗد نہٕ برزمین سایہِ تِہنٛد اوس رحمتُک سحاب[۲]
نتہٕ اوس تِہنٛدِس آفتاب درجس روز بروز ارتفاع[۳] کمالے
آسہِ ہٮ۪سہِ سایہِ نشانِ زوالے (۳)
نتہٕ اصلاً بنہٕ اوس کھوتران گرٛ ھیم ما دُنیاہ چ ژھایہِ (۱)
کرِ نہٕ اصلا شہ ظلِ سُبحان سایس تہٕ ہمسایہِ (۱)
نتہٕ ییٚلہِ دبیرِ[۵] فلک نعت کرِ رقم کرن تتھ سواد سایس روشنائے
برن دوات ماہ تا جھس روشنی سوے سیاہی نمودارے (۰)
نتہٕ شہ سایہِ سورمہٕ کنہِ نیٛو حوٗرو تہٕ ملکو پلکو ستی ژٕلنے[۶] (۵)
نتہٕ ما پیوٚ شہ سایہِ کعبس تہٕ آس جامہٕ کنہِ دلنے (۱)
نتہٕ روٗٹ حجر الاسود تمہِ کےٚ نشان نوٚے ہریوس حرمت وشانے (۴)



سیٚزُن بیٚیمہِ نوروزِ طلوع[۱] عینِ علی عالی خلافت تاب
اوس غروٗب بنو تہٕ بیتہٕ دہنس اونمت زوالے سیٚزُن روشن بیٚیمہِ لوٚیُن کمالے (۲)
اوس نقطہٕ اعتدال عدلس گومُت انقلاب
سپنُمت دراز شبِ ظُلمت وضلالے[۶] کوٚرن کوتاہ[۱] ییٚلہِ روزِ انصاف
ترقی تہٕ اِستقلالے (۲)
داماٰنِ عینِ علی روٗٹ ہلالی سیٚزُن عالی پایہِ (۱)

---

[۱] طلوع (نسخہ) [۲] اوٚبر [۳] کمالچ بلندی [۴] پاک پروردگار شُنٛد سایہ [۵] مُنشی، لیکھن وول [۶] گیٚژ [۷] ژھوٚٹروون۔

ہیوٗتُن ہر ماہ باج شاہ انجمس سیٚتُن فلکس نارک آرا پے ○

کر بہٕ چشمۂ آفتاب عینِ علیس سٕتنی ہم چشمیناہ سُہ گرٕھان کسوفہٕ سٕتی

کثیف تہٕ سیاہ ہا

عینِ علیٚ منجلی ہمیشہٕ نوٗر یارے ○

تِمن شاہ سٕتدِ یدِ بیضا نورِ وضیا ہنبۂ مہر و ماہ تہٕ ہرٕز لنے ○

کوٚڈکھ وا اَنشہِ سوٗمب نور وزیاہ تہٕ شب وروز توٚے شعلنے ○

تہٕندُے شاہ حسینن نوٗرِ عین اعیان انظہر من الشمس اعجاز تہٕند

چھُہ عیانے ○



عیٚتہٕ اُس تہٕنزِ نوٗرِ پیشانی تابان چھِہ لیکھان صاحب کتاب

بیٚلہِ اوس نبیران گرٕٹہِ منٛز سُہ امامتُک لاے زَن کھسان آفتاب

گرٕھان خیالے ○

بوٗزم اوس لوٗکچارِ باعثَ بھیران تہٕ توٚتہٕ اوس تاب۔

لوٚگُس تاو تہٕ پوٗشُن منٛز ہیو خوٚرِ سالے ہیٚہ یدنس گوس

رنگ گلابے ○

تتہٕ تہٕ پیٚنُن سٕتی کوٗ پٕزھالیٚگ کرِ ہیس سیٚبے ○

تِتھے پیدا گو اڈبرا ناپہٕ دانہِ زن کرِس سایے ○

وولُ کیاہ کرِہ یاد پیوٗم ہیٚنٛزم برٛاہ سے شاہ حسین سرِ راہ ہا

اوس ڈولان تاپہٕ زٕنجہِ ہیٚتھ شبیر خارے ○

ہیوٗمُت گُل آفتاب ہیٚتھ اڈ پھوٗل گلاب ہیٚٹھ کنڈ ٹین تہٕ کاہ تہٕ فلکنے ○

---

۱ ہیٚوٗتن (نسخہ) ۲ گرنہٕمنہ ۳ اصل الاصول۔ خاصہ خوٗدائن ہنٛزاُ چھ۔
۴ تاپھ ۵ کوٚڈکھ وا اَنشہِ سوٗمب نور وزیاہ ۶ ناپہ دان۔

گرمہٕ ستتی تَرِ تَرِ اوس پھیران گُلبدن اَسکھ یوان ژٕ لنے ⊖
اَس سبب زیبتہٕ راتھ دوہ سے دودلہٕ وان شُمار اوسُس نہٕ زانہٕ
ستنیہلا نے ⊕



خلقو پھران حسرت سبب زیبنہٕ سُند چھِم گژھان جگرس کباب
اَسِس اَکِ کنہِ گرمہٕ ستتی عنش گژھان یوان زالے۔ بیبہٕ کنہِ دِل دَزان
باسے سِنْدِ احوالے ⊜
اَدِ اَس دَدِ متہٕ دِلہٕ آفتابس کُن کران خطاب
ہو آفتابہٕ ژٕ کِنہِ جھُلکھ کھسان۔ ژھِیان یہِ حالے۔ کھوٚ تمت وودٕ نوٚن
سرشِلہ بحینہٕ چھُہ نیتر بالے ⊜
اوسُس نہٕ ہواکُر کمہ تاب اَدِ ٹھُہر یا یتھ ناپہٕ کڑا یے ⊖
واتِہ اَس کوٚت کال ڈلیشس آب شُہلاتہِ بنیوٚس نہٕ کُنہِ جایے ⊖
ہو آفتابہٕ ژٕ ٹیڈی بابہِ قبرِ کُن کرتہٕ نظراہ۔ کاستم ذٕرٕ ذرا ہا اُسندِ
سرٕ بیٹھی منہٕ کرتہٕ گذارے ⊙
اِسندی نیترٕ فل ناپہٕ ستتی چھِم تُتان کِباہ کرٕ ژھوک کھیوٚم میانی دِلنے ⊖
اُمِس چھِمْ دَگِ جھوکس رَتھ یکان وہہ بیوٚم نے زانہٕ شہلنے ⊖
قبرِ منزٕ تہِ پھِری پھِری آسہٕ ژھرٕکھ دِوان زانہٕ مشِم نہٕ یہِ
اَسِنزٕ نیترٕ گلنے ⊖
اُمِ سے یژٕ تھ صُبحہٕ ٹیڈی بابہٕ بُنہ اوس وُچھان چھے خبر اوسُس
کمہِ لولہٕ رِچھانے ⊕



ملہ اُمِ سے چھِم ستتی دَگِ جھوکس گرمہ کھ لگان ... ... (نسخہٕ منشی نذیر)

آدِ کرِ ہے زاںٔنہٕ اوٚبراہ تہٕ ہارِ ہے اَشہِ ساٰلاب
دَپہِ ہَس ہو اوٚبرٕ ژٕ تہٕ زاںٔنہٕ ہَن یہِ رسولہٕ[2] سُنٛد آے تَس
ابرِ رحمتہٕ سُنٛد چھُیٔ سوالے (=)

چھُس بَدن ڈولان تا یہٕ تَنٛزِ سیٹکہِ بیٛھ پھوٗرُس قحطِ آب
چھُس نبیر یارانَن کوٗر مُٹت عزبالے ژٕ گژھنہٕ کربلا تامتھ فلحالِ
نَشدِ س حالَس وَدتہٕ اَکھ گُراہ مِٹے نو فرصت آیے (-)

اَما ہارَ کھ یُس قطراہ سُہ تَنٛزٕ اوٚی زٕ بس حلقچہِ جا یے (-)
نہٕ شُہلے کرتَس تھَفاونہٕ مَنٛفاہ جنٛنچہِ بادشاہ بایے (-)

ہو اوٚبرٕ ژٕ نے چھُے تہٕ آب ثُلنس منغ نَس رٕوٗد فرانٛک تمناہا
موریَس عباسَس زِلا گتَس آبدارے (-)

دوٗنی ژٕ ے ستٕران دِتَس مُسافرَس اُمس کیاہ ساری موٗدی رٕوٗدی چھلنے[1] (-)
ژٕ تے راتھ دوٗہ آب چھکھَس بدنَس تَس دِلکی داغ زاںٔنہٕ تہٕ شُہلنے[2] (-)

ہو اوٚبرٕ چھُے سوال خدا بیٛلہِ تا پھ آسہِ تَنان
ژٕ ٹکان اَسی زٕ بس واتا نے (+)



بوٗزم دوٗہ یہٕ اکہِ شاہ عابد سِنٛس[3] آفتابِ دِسِنٛس پتھرٕ ژھَن وَدان صحاب
با امام توٗہی پھری وِہو شہر یتہٕ شہر یوٗت کالے
کُس مُنتزلہِ سخت گوکنہِ ٹیٛژا اوٚ نو مُلالے (=)

بوٗزِتھ رنٛگ مبارکَس اوٚ نتنَس تغیر تہٕ باکھَن ژٕ او جنابٕ[4]
فرماوِ نٛژ بیٚیہِ پھرِ ہاران اَشہِ ژٕ الے
شام شام سیٚپُن یے حالے (=)

[1] ژھلنے (نسخہٕ منشی نذیر) [2] ملنے (نسخہٕ ایضاً)

یو کینہِ تَس کیاہ شائکی ظُلمَن مشرو ونَس کرِ بلائے ⊖

کیاہ سِنہِ تمہِ ساتہِ زِ ون مظلوٗمن یزیدنہِ بَرِ بیٚلِہ ژایے ⊖

اوس تاج دِتھ یزیدِ بہِتھ تختَس اِستادُس بلند پایے ⊖

مَرِنہِ کھوتہِ سُہ وقت سخت گوٚنَس انِگہ بیٚلِہ سیٚدہ بایے ⊖

آسہ ودان شاہ سِنز کورِ بیکَس اسان یزیدنہِ دایے ⊖

چھَس حیران تِمنکی سِتم وُنہِ کائناتس گُذرِ یوٗکھ مظلوٗمن کیاہ ہا

بیٚلِہ شاہس وائی شامَس ناچارے ⊖

دیکھ یزید راتس تھاوِ یوٗکھ قاد بہِ وُکھ رائچھ بُچھنہِ ژلنے ⊖

یہند حُکم کرِو پگاہ توٚہی بینز ژِ حاضر گاہ ییو لنے ⊖

اُسی باند راتس باکھ ژھٹان تھاری تھاری وَد تھان بینہِ ستی نِٹانے ⊕



گیہِ شب عاشورا کھوتہِ تمہ رائژ بینہِ بے تاب

تِمنہِ اوسکھ شاہ حسینس ہیٚتو پادشاہ بنائے قاد لگہِ نَک اوسکھ نہِ

خیالے ⊖

نیکیا پادشاہ کورِن ہُند یا ندی نیٚش توٚ تانی اوس نہِ داب

ادا پیغمبر سُند اہل وعیالے لوٗستی نامحرمن کرن حوالے ⊖

عوشُور جیہ راتھ آسکھ بائے ہمراہ ژِ ہینیاکھ نہِ اسم گرِ دژایے ⊖

شامکہِ شبہِ سوٗرِ مژ آسکھ سو تھراہ کوٗتُر ہانہِ سوایِ خودایے ⊖

روٗد مُت کُنے بیمار اہ مضطراہ تَس تِمنہِ ود تھنک پائے ⊖

تَنتھ راٗژ نہٕ شامچہٕ راٗژ آس تفاوت سیٹھاہ تَنتہٕ آسِکھ بڑا تھتھا ہا
ھچُھم ہا بنہٕ کیشہ چارسے ۞
تَنتہِ کُنیزَن تہٕ آسی نہٕ راتھ کُیت نہٕ دِوان۔ خیمہٕ پَردٕ تُلنے ۞
تَنتہِ آسہٕ پادشاہ بابہ ببٕتہٕ عامَن مَنز پانہٕ سِرقعہٕ ولنے ۞
عوشوٗر کہٕ شبہٕ اوسُکھ شاہجینٕ پانہٕ دِلاسہٕ کران شامہٕ مَنز پامہٕ
بوٗزی۔بوٗزی آسہٕ مرانے ۞



## وزن روانہٕ

دُنیاس پیٹھ کیاہ کیاہ آد کر بلاہکس بیمارس
دِیُت ہس نہٕ آرام زانہٕ ظالِمو مظلوٗم ناچارس
اوسُس گژھان دوہ قیامتھاہ پٮ۪تھ راتھاہ سکراتاہ
تَس بہو کڈُن فاد خان شہن رنہَن تعزیدارس
تمی زنجرِو سان اڈٕ گجہٕ ساون مزارس
ییمو تَنتینک بیداد تَس وُچھُن زیاد بوونہٕ موکیاہ
ییلہِ میوٗل گرہٕ گژھنکھ رخصتھ تَس شاہجینٕس خاندارس
گرہٕ اٗژتھ برہٕ دژاو نہٕ زانہٕ بہتھ اوس زٕن مَنز غارس
وودنہٕ روٗس زانہٕ اوس نہٕ اَکھ ہوا ہنمازِ سِوا
اِمامہٕ سُند تمنا سیٹھاہ اوس پٮ۪تھ دوستدارس
ہنمازِ وزِ سمان چھا تھاہ نمان سو آس ہنماز گذارس
یہاے خبر بوزمروان خلق چھہ سمان گژھِہ ہا ایلوا

گوس اِضطراب سیٹھاہ لیکھِ خطاہ یزید ستمگارَس
گوڈ گوکھ نابینا تُلِنھ بِنا حیدرِ کرارَس
آما تژوو وُنھ زِندٕ کیٚتھٕ عابدین شاہ خبر چھےٚ نابہِ کوٗر وُنھ کیاہ
سُہ خط وُچھتھٕ سراپا لرزاہ ژاو یدکارَس
بیوٗن بیوٗن سُہ عرضی ہاوِ منگٕ ناوِ یژ رٹھ جمعدارَس
دوٗ بنگھ تو ہہِ منزٕ چھا کوٚژ ھا بیٚیہِ ببہٕ ہیتھ رُٹنھ اَنہِ عابدین شاہ
دیپہ نہٕ پھیر رٹھ جواب کانہہِ کوٗر نہٕ جُرأت کانٛسہِ اَنھ کارَس
تانی وَنہِ ستمگر روسیاہ ہے گوٚنڈ مُت چھُ کمر اِمام مارَس
یہِ کام مےٚ سِوا کانٛسہِ اَنھِ ییا چھم نہٕ رسوٗلہٕ سُند حیا
مےٚ سیتی کانٛسہِ چھا مان قسم تھاوِتہٕ یژ رٹھ جمعدارَس
مےٚ دیُت نہٕ نِمازٕ امان امام حُسینؑ نامدارَس
اُسی تھٕ فرزندِ رسوٗلؐ خدا سجدس ہیٚتھ کوٗر مَس سر جُدا
مےٚ مارنوو اکبر شاہؑ بھیکی ژٹہٕ ناوی مَس علمدارَس
مےٚ تژلیٚشہِ کیہٕ کان تارٕ نوو مَس شیرخوارَس
مےٚ ژھرٕ رٹھ دیوو کھورن تَل قاسم شاہ شاہجہانؑ اُچھ گاشاہ
مے گنڈنوو عابدین شاہ، مے حُکم دیُت خیمہٕ کِس نارَس
مے موٗشنٛ زینب کُبریؑ پھرن تھوو مَس حیدرِ کرارَس
مے کُن دین دُنیاس امام گرَس ڈاس کوٗر مہ ساتھاہ
اِد دژاو ژتہِ ہیٚتھ پروانہٕ یزیدن ووت مدین شہرَس
ہووُن یانٛز اِمامَس پان رٔودُس نہٕ جان وُچھتھٕ تُہندِس قہرَس

لہ لوٗٹھ ۲ فرمان لمارانٛ ووت (نسخہٕ منشی نذیر احمد)

اِمام پیرواۂ وُچھان یِران اوس رَضِینا بِقضآءِ اللہِ[^1]
دوٚہینک کرِ‌ٕ د سفرُک سرانجام بو پژارِہو نۂ اَکس یُہرس
ہیہہ ہیتھ نیرِو شام یکِن نزوٚیہ چھُو شام و سحرس
نیرِن زینبہ کبرٰی بائندی ینۂ نچ کرِو سکھرا

## وزن دیگر

یِیِ ونان امامس گشہ پھٔیر شِمرن ۔ کرِ‌ٕ نس زنجیر خار دارے
اَکِے رَزکئہ نُھ ہیبن تہٕ موصن ۔ کر یکھ وٚنٹن سوارے

سہ احوال ڈیشتھ مُدنکین لوکن ۔ سپنو قیامت دُبارے
اَکِہ اَکِہ ظالمس گرٛ ھی تِھ ہیوان اَسی پیرَن ۔ ذرا ہی تَنۓ ژَ ئے عارے

دوٚہیس ییہ حالہ نُہکھے یم ساری وَتے مَرَن ۔ یکہ نا وَنکھ وارِ وارے
وُنہ زنجرَن تہٕ جیلن ہیندی آکھ چھکھ اَلقن کھورَن ۔ دُبارِ کرتکھ منۂ ژارے

ظالمو یم چھہ ماری متی مرگن تہٕ ژُڈی متی سفرَن ۔ یکہ نگ چھکھنہ رفتارے
بہِیندِ کینۂ اَسہِ گنڈ نہ ژے رضا گژھکھ زن ۔ شفیع اوٚ ئے رسولِ مختارے[^2]

اُدِیب زینبہ دُعا کرِ مُدۂ چین زنانَن ۔ دِیِہ نو جرا پروردِگارے
نوٚہی وُنی کین بخشتو م شمیتھ چھُو مردوزَن ۔ چھس زانان چھہ اَخرِ دیدارے

---

[^1]: اَسی سپنی رٲضی خدایہ سندس فآصلس ۔

اَمابہٕ دٔیدِ بابہٕ ژٕژھ امامِ حُسینٕنی کورِہَن۔ پیٖمژٕ کیٛاہ چھَہ بیمارے
چھُہ جنتَ موٗلی ہیوٗن خبرٕ ہیٛنی یُتیمَن۔ خبردارٕ ی کرٕ ی زٕ لس خبر دارے

یٔیکھی زٕ خطاہ اَشنٕرزیوٗرِ بہٕ بیکس ٹھہرے زن۔ زندٕ آسے تہٕ دِل ہیٛیم قرارے
مرے تہٕ وارٕ براہ خداستہٕ رٕ زٕ لس کفن۔ ساوی زٕ ہن تتھ بقیع مزارے

بی ونان اہلبیتؑ کُڈِتھ بی سٕتمرن۔ کیٛشہٕ پیٛادٕ تہٕ کیٛشہٕ وۄتہٕ سوارے
بوٗزِ ژم اوس باغاہ کوٗرمُتؔ یزیدی شامہٕ نٔبرٕ تٔرٕ ن کرٕ وٕ ہَن توٗتے واتنٲوِ کھ بٔیلہٕ ناچارے

تَتہٕ بیٖبہٕ بیمار زینب کبریٰؑ تتھ ڈلِتھ بٔذٕن بٔذٕن کوٗرٕ نس سخت آزارے
تمے احوال یَکُن دوٗ یکھ ظالمَن دِیکھ نہٕ فرصت سِتمگارے

یوٗ یھدیٔدِ ہٕنٛد احوال ڈٔلِتھ عابدینؑ سنٛہن کوٗرٕ نس سیٹھاہ زارٕ پارے
دِتہٕ مہلت بیٛنٛھی جابہٕ روزِ ہو کیٛشرن دوٕ ہَن یوٗ یھدیٔدِ ژٕ لہٕ ناپہٕ نُنٛکارے
بوٗزِ تھ سوال امامہٕ سُنٛد جواب دوٗ پُس مرتدن۔ ہٕیے اَکھِ چھُہ نہٕ اَینٛختیارے
گوڈٕ لیکھہٕ عرضیاہ یزیدس تہٕ قاصدا سوٗزٕ ن۔ بیٛنہٕ بیب زینبہٕ بیمارے

اَدٕ یوٗ یھدیٔدِ ام کلثومسؑ دیُت فریاد امامنؑ۔ یہ باغاہ چھُہ ہوادارے
اُمس چھُہ دہ کھہٕ زٕ رسوٗنمُت خفہٕ اوٗنمُت زٕ ژٕ رن۔ شیٛہٕ لِناہٲوی توٗس یہ گلزارے

اَدٕ بیب لیلاؑ تہٕ ام کلثومہؑ ژٕ الیس دوٕ ن نکھن۔ یکہٕ رٔتمٕنے سیٹھ تٕرٲوی تھہٕ بارے
تٕرٲوِتھ جایہٕ اُکس تَل سالیس یٔروشہٕ یکِتھ نہٕ ہکن۔ تِتی خفہٕ لٔدیٔڈٕ وَدِ زار زارے

لہ ٹھہرے زن، یانٛم اگر زٕ ندٕ روزٕ ہے تہٕ سوٗرٕ مُت۔ (نسخہ)

ژراس نوٚو زَریانی نظر پیٚنیس بیٹھ گُلبن ۔ یاد پیوس شہید گلزارے

کدٕتھ گیسو موٚیہ موٚیہ وُچھان تمن سُنبلن ۔ ولو شاہ اکبرؑ ژھاگی یارے

اوٚسُس دوٚیہ دوٚیہ جوٚیہ اوٚش وَسان دوٚن چشمن ۔ وُچھان تتنگی آبشارے

دَیان بہے آبہٕ پٔتری پھیٚری تھٕ گام دُشمن ۔ کولہٕ بیٹھ مور ہم آبدارے

ٹٔجس ستبراہ جگرس وُچھان تمن سروَن ۔ یاد پیاس پینہٕ قدا وارے

وٕدان آس لٔنگ کنیجہٕ ژجیہٕ ہم نگہہ دٔیت ہم مولن ۔ پھیری تھٕ گام کونلی شبہ دارے

وُچھتھ اَڈٕ پھوٚل گلاب یاد پیوس غنچہٕ دہن ۔ علی اصغرؑ شیر خوارے

نو گُلس رُوزس اڈٕ وُژھ آسہٕ ہَن ۔ گوم ترٕ لبشہٕ ترٕ لبشہٕ کران بیٚیہٕ سمارے

کیٚس سبزٕ تھ موٚیہ موٚیہ ہیبر بون نوٚرتن ۔ وُچھان توت گو سبزارے

ودان لوگم نیوزٕ گلالن پھیشِش دارِ خطن ۔ رتہٕ سٹنی سینہٕ داغدارے

## وابند

بِی پھران زینب کٔراس زیا دتی کرُن آزارس

تمہٕ یاغکی ہوان ربہہ تجنُس دوکھ نارس

رُوز قبلس کُن کٔری تھٕ رویا ۔ وو ڈٔنی پریشان کٔری تھٕ مویا

اَدٕ ہیوٚن کرِ التماس ودان ودان پٔرتھ ناچارس

توٚہی تہٕ ووڈٕ سنی کٔری تو آمین بوٚ منگہٕ ہا پروردگارس

لہ بڈٕ نتبر

اَدٕ اَتھٕ ناٲلی ہُتھٕ اَسی منگان دُعا یِنس خدا ئے بزرگوارس
خدایا ژٕ ے چھُکھ آگاہ مہٕ ون ہیوٚہ کُس بنیو وُنِیتھ سمارس

وُچھتی رنگہٕ رنگہٕ دادی ہیم سیٹھاہ بوننگ۔ آیِس دونی چھُم نہٕ طاقتھاہ۔

چھُے دندان مُبارک شفیع یُس کوٚرُکھ شہید رسول مختارسؐ
ہیٚتھٕ یابہٕ سُند رتہٕ بوٚڈ سریُس چھو کہ لدکوٚرہس روز دارس
ہیٚتھٕ چھُے شفیع شہزادٕ محسنؑ بے گوناہ۔ ییٚمی نہٕ دُنی وُہک وُچھ گاشاہ۔
ہیٚتھٕ دِیدمیا ٲنی حضرت زہرا بوٚسہ کھارکھٕ ظُلمہٕ دربارس
ہیٚتھٕ بہٕ بیمارکیٚاہ چھُس دریلا اَتھٕ لوٚگمُت سشمرِ بدکارس
یابہٕ مرٕ ی ہُتھٕ رُودُس تمنا شہیدن نفر یاہ ہیمہٕ نا
دونی ہیٚتی مرگ دِتم خودا یا شرم رُچھتم یا بہٕ شرمدارس
دْبار ہیکہٕ ہا تہٕ وُچھتھٕ رو یا بو یزیدس سیاہ مارس
مٕتہٕ ہاو تم روز دیوان شا مُک قاضی دخان تہٕ سہ سیاہ چاہ۔

واسندٕ[1]
دوم

اَدٕ قبلس کُن شاند پھیٖرٕ حضرت زینبؑ سینی مرنس تیارے
سہٕ احوال ڈیشتھ ہُیے وقتھ ہیٚن۔ کرن جامن پارے

---

[1] واسندگو مرثیٖن منز تم مِصرِ یِم اَند ہیٚتھٕ ٲخرس تام اکے وزنہٕ تہٕ اکے قافیہٕ چھ آسان۔ یِم چھ یلہٕ آسان یعنی برخاسو نہٕ کر یکو ہینٕ رشتہ بے نیاز۔ البتہٕ گوڈنکہٕ مِصرِ ہیٚتہٕ چھُ دوٚیم مصرٕ نسے وزنہٕ ٲستھ یلہٕ ہوان ترٲوُن۔

خاکاہ تلی تھۆ نوۆے وۆدسہ اُم کلثوم سۆ ۔ ببینہ دیدی بوہ لگے نثارے
دِچھتم بوہ کیاہ کرے بأے سۆندِ ین یتیمن ۔ یم کس تتھ آدِ نتھ ناچارے
دۆ بینس ببینہ لجی بے تہ صبر کرئی زِ ظلمن ۔ ژئیے کیاہ بیشے سور بارے
صُبحن تہ شامن دِلاسہ دِی زِ موصمن ۔ رچھان اُسی زِ کھ تہ وارے
بِ ونان دیُت جان آدِ نوۆر اظہرن ۔ موکلیبہ ببینہ سمسارے
وۆنتھ الوداع الوداع ساری غش کرن ۔ زن امام حسین مۆد دُبارے
اَدِ واوس کُن ودان نوۆے دۆپ امامسن ۔ واوو بہ چھُس گرفتارے
چھم تہ زندہ کوہ تتھ ھا زِ نحیف تانی سوزان ۔ تہ بالس گرہ ھتہ کرتہ اظہارے
ڈیپی زلس سوہ تہ یمس ٹاٹھ کوۆر زینبہ چھس ییمہ بے کفن ۔ کیاہ کرس بہ چھُس نادارے
بی تن یوہ تام نتہ کرئی تن دفن ۔ سہ مسافرن ہند غمخارے
ہو واو اَدِ گتھ ھتہ ٹدین بجدید میانہ کرتہ کتن ۔ وتہ ببیٹھ موۓ جگر پارے
مئے چھ زنجر کرئی متہ سوبیپن ہیتھ امام حسن ۔ یوی چھ ببینہ ہند حقدارے
اَدِ گتھ ھی زِ روضس منز بیٹہ قبر ٹیتھ جعفرن رسہ سون جد بزرگوارے
ڈیپی زلس عرض سلام لُزِ بیمارن ۔ یوہ تانی بیپن ماتم دارے
اَدِ گتھ ھی زِ کربلا بیٹہ جائے رُٹھتھ چھپے بائن ۔ وُنی زلس ودان زارزارے
ڈیپی زلس حضرت عباس ہیتھ یوہ تانی بیپتن ۔ ببینہ یدِ کرئی تن دیدارے

## وان

بانی بیب زینب دیُت جان کینز فصتن تتھ آونس وان

اَز موکلے یہ ہمہ ٹیزی دیتہ باتھ ھا ج دید فاطمہ خانہ ما ج دیدی یے

۱ کلمہ پیران (نسخہ منشی نذیر) ۲ ڈیڈی بالس (نسخہ ایضاً)

اڈ کھوری ہیتھ چھٹھم پھیران یائندی تمائندی وان ۔ ازٕ ژٕعبہٕ زنٛجرن ہنٛزلہ تاج
دیدٕ فاطمی خانہٕ ماج دیدی یے

بو کتھ کتھ ودے ژے بیش کیاہ کیاہ آے پادشاہ بائے میانی دیدی یے
ژےٚ وُچھتھ ماران ازٕ داہ بائے ۔ پادشاہ بائے میانی دیدی یے
شاہ ہنٛز کوٗر اسیتھ بوٚنہ ونا وزٕ آے ۔ پادشاہ بائے میانی دیدی یے
شامہ چہٕ اسیرٕ زنٛجرٕ مُرکھے دزٕ آے ۔ پادشاہ بائے میانی دیدی یے
اَتھ ونہٕ بیہتھ مرنس[1] قوربان کنٛیزٕ لُچھ یے

•

ہصاحبہٕ ژےٚ یتھ کرٕ کتھ گے طوفان[1] تشامُک روتٕ دیوان
تمی دوہن چانی وانیٚ زاج دیدٕ فاطمیٛ خانہٕ ماج دیدی یے

ییٚلہ اَسی یتہٕ یِدس برو ونہٕ کُن نوان دکہ دِوان تنہٕ یکو ان
پییے رنکھ بیہتھ وُسیتھ اڈ کج وائے سو تہٕ کانٛسہٕ ناج دیدٕ فاطمیٛ خانہٕ ماج دیدی
ییٚلہٕ تمی اڈکجہٕ زٕ یوٗ یا لو کرٕ کتھ کر یکھ لائے[2] ۔ پادشاہ بائے میانی دیدی یے
تشد لبشہٕ لیشہٕ وُچھان ژٕ تے تہٕ غش آے ۔ پادشاہ بائے میانی دیدی یے
ادی یو بھرٕ باوزٕ ظالمو نجہٕ ہولائے لائے ۔ پادشاہ بائے میانی دیدی یے
ژےٚ حد گئے جبرس قوربان کنٛیزٕ لُچھ یے

---

[1] اَتھ چانٛس صبرس قوربان کنٛیز لچھ یے (گلشن مراثی جلد ۱ صفحہ ۵۴)
[2] ییٚلہٕ بالو کرٕ کتھ باکھاہ لائے (نسخہ منشی نذیر احمد)

میٔ ہصاحبہٕ سٕے وقت بادچھُم پھوان جگرٕس نار چھُم ہوان
بیٚمہٕ ساتہٕ شُمرن ژٕھے سیتنٕی یامہٕ بازی کرہٕ نی لاُج دیٚبٕد فاطمنی خانہٕ ماُج دیٚدی یے

دوٚپنے بیٚمہٕ وابہٕ ہشد دویابہٕ اُوسُے تھپکان ہیٚنز اُن حضرتس ؑ کھُسنہٕ آسمان
ازگلی ژٕ شٕنہٕ گوٚبرس بٔنس سوے واُج دیٚبٕد فاطمنی خانہٕ ماُج دیٚدی یے

پتہٕ مرنہٕ کھوتہٕ سہ وقت ژٕھے سخت پیش کیاآے پادشاہ بأے میاأنی دیٚدی یے
بیلہٕ طشتہٕ منز سر شاہ حسینن ؑ یزیدی تھاویاے ۔ پادشاہ بأے میاأنی دیٚدی یے
تمی جبرٕ سیتنی زیر دِوان ژٕھے کُن ہاویاے ۔ پادشاہ بأے میاأنی دیٚدی یے
دوٚپنے یوٚ یٔہے نکھہٕ اوس روٚچھمت رسول خوداے ۔ پادشاہ بأے میاأنی دیٚدی یے
ژٕھے بس گئے ظالمس قربان کینز لچی یے

## علی

ژٕہ ہٕ صاحبہٕ وُنہٕ مرہم لگے قوربان ژٕھے بھوٚرُے شاہ حسینہٕ ڈبلہ، کان
بیٚمہٕ سیتنی نوٚر دارِ بیٚٹھی لجِس رتہٕ زاُج ۔ دیٚدِ فاطمنی خانہٕ ماُج دیٚدی یے
رٕکنہٕ وُچھنہٕ عباس علین ؑ تیر باران اُسِس ماران کیتھٕ چھکہ امام زادن آب ساران
یوٚ تام پھیکی ژٕ ٔ یس تو تام تمی رتہٕ زمِنس نکھہٕ واُج ۔ دیٚدِ فاطمنی خانہٕ ماُج دیٚدی یے

نتہٕ ہصاحبہٕ تمہٕ کانہٕ بر کر ژٕھے دژاپاے ۔ پادشاہ بأے میاأنی دیٚدی یے
یمِ ظالمو امام حسینس ؑ لایاے[۱] ۔ پادشاہ بأے میاأنی دیٚدی یے
نتہٕ گوڈٕ اسی تمی برن دربدر کرہٕ یاے ۔ پادشاہ بأے میاأنی دیٚدی یے
یُمہٕ کرہٕ چارٕ سیتنی دیدٕ نہٕ شہزادٕ محسن موٚیاے ۔ پادشاہ بأے میاأنی دیٚدی یے

---

[۱] یم شاہ حسنس ؑ کوٚ فیوٚ نو بدس لایاے (نسخہٕ منشی نذیر احمد)

گو تمے دو یہ طوٗفان گرِس قربان کنیز لجی یے

علے

ژٕ آسِہم نہٕ آیوٗ نہٕ حد ہێٚتوٗ سوِ ابوزان ۔ ژٕ آفتاب حَن ژھاین ژھایہ روزان
تو ہے ییِٹھ آیہٕ حجاب جبرائیلنٕ وٲج ۔ دیٚدِ فاطمہؑ خانہ مٲج دیٚدی یے
ژٕ آسِہم نہٕ ہێنِس یاپس کُن وُچھنہٕ سِکان ۔ ہاٲبرِ امام حسینسٕ سِنی کلِھ کرِس مٔنِد چھان
اُزٕ ژٕ ہے سِتی یزیدِلعٕ یاسہٕ ہاٲزی کٕرِنی لاٲج ۔ دیٚدِ فاطمہؑ خانہ مٲج دیٚدی یے

تمہِ ساتہٕ حال چون زانہٕ خوداٗ ژٕ ہے سِنتھ کیاہ آے ۔ یادشاہ ہاٲیے میانی دیٚدی یے
تیمہِ ساتہٕ سرشاہ حسینؑ بٕروٗ نہٕ کنہٕ یزیدی تھاو ہاے ۔ یادشاہ ہاٲیے میانی دیٚدی یے
یا زبینا آیوٗ ہے چھُ ماکو چھِہ ییِٹھ روٗچھمت رسوٗل خوداؐ ۔ یادشاہ ہاٲیے میانی دیٚدی یے

یوٗ ہے اوس دَرنہٕ کنِٹھ شہیرسٕ قوربان کُنیز لجی یے

علے

ماخذات:۔

۱۔ گلشن مراثی جلد اول از حکیم محمد علی ۱۳۰۸ھ

۲۔ بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد ۱۲۹۱ھ

۳۔ نسخۂ مرحوم علی محمد (فقیر) کتبہ محمد صفدر ابن محمد عباس ۱۲۷۱ھ
مملوکہ ذاکر محمد شفیع (بمنہ)

۴۔ بیاض مملوکہ محمد جعفر بٹ گونی تحریر مرحوم بٹ ۱۳۲۵ھ

# مضمون پیری

بزرگوار خدایا لایزال چھے ژے بزرگی شوبان
بخشتھ پیرا بہ وجود جوان زالِ دُنی یاس ڈیشتھ پیرِ خرد
حاران گژھے (=)
ساری خورد سال تہٕ سالخوردہٕ چانی خورد چین خوانِ احسان۔
سپنہٕ اکے نعمت چانی تک حق ادا
یودوے شیخ وشاب شکر کران عُمر گژھے (=)
ونیوو پیر مرشدِ عالمو لا احصی پرانو (-)
نتہٕ تس بندگی وزِ مومو سزتھ گژھان رنگ کرانو (-)

گژھان نورٕ دارِ اشرہِ ستی اوسُس خضابا
پران پڑتھ دوہ تیشتھ جناباہ استغفار ہفتاد بار (۲)
اوس جدِ عالم حضرتِ آدمؑ کران توبہ صبح وشامو (=)
تقصیرِ طاعتس توحہ حضرتِ نوحؑ کرِ عمرِ تمامو (=)
لیتنی مِتُ صبیّا فورماو شاہؑ
مے ہیوہ گو نہگار آدکرِ کیاہ (+)

عملی

دِتم قوتِ استغفار گوسس عمر معصیتہٕ پیرو ناتوان

---

۱۔ وڈن تہٕ جوان ۲۔ سننہٕ لطہٕ ۳۔ بہ کیاژ مویاس نہٕ لو کیے۔
۴۔ گوناہ نوٹ :۔ یہ مرثی چھنے خوجہ جعفرس وَنہٕ آمژ

وٲژم وٲنساہ گوٚ نہٕ کران کرِتم رحماہ

ژٲتم شیخ کبیر صفت چھِ ژٕ یۍتے (=)

بوٗژم ہمیشہٕ آرزوِ پیری افسوٗس زوٗنم نہٕ ہُرِنم عصیان[1]

کوٗژم سیتھا سفید وسیاہ

بخشتم ووٚنی منتہٕ کرِتم روسیاہ دارِ چھیٚنژرے (=)

مے کاٚر بون کُن گیہٕ مو زوٗنم پیری یہٕ ہُنُد خمو (=)

ژلوٗنم نہٕ بار گو ناہُک ہیوٚ مو

توٚرے تھر پھٹتم چھیٚ (=)

سیٚنتم صبح پیری سوٗرُم شب شباباہ

زندگی وُچھم خاباہ توٚ تہٕ گوسۍ بیدار (=)

بوژ ہے تہٕ منٛے موے سفیداوس بس مرگُن پاٚغاموٗ (=)

چھُم دپان پشتِ خم ووٚنی کرِلسہٕ نس بون نمی تھہٕ سلاموٗ (=)

پیرِ پیرِ پیری یہٕ ہُنُد عصا چھُم ہادان اٰخرِ چھُے منٛژرِ ل جا (=)

ژٕ برنا گیم ینرِ تھ جوٲنی اوسُم طولِ املاہ تہٕ عملاہ نہٕ جان

کوٗرم نہٕ اندیشہٕ سفید ریشہ نامے اعمال سیاہ کرِ تھ وسہٕ ما

تل منٛژرے (=)

کوٗرم نہٕ توبہٕ زانہٕ چھُس مران اوس پیری یہٕ کھوٚ نہٕ جان بو

مرِ ہے جوان ۔

ووٚنی کتہٕ پھیری تھہٕ ییہٕ لوٚکہٕ چار کری زِ چار گو نہن منٛشگی زِ

کیا عمرِ گاٚمژ رے (=)

[1] گوناہ [2] آرزو ۔ [3] ہاوس ۔

یہ ووٚنمہٕ کیٚشا استغفراللہ ئے پنٕنُن خطا گنٛزرو ۞
یوٚشمہٕ توبہٕ کرتس واللہ آسہٕ عمرِ خضرٕ ۞
انّا لا یغفر الذنب العظیم الّا العظیم چھم امیداہ نعو دا یا
کوٚت گژھہٕ کتنہٕ گژھہِ پاٚدا مےٚ گوٚنہگارس ژٕ ہیوٚہ غفار ۞[۱]
یوٚ چھُس نے سزاوارِ مغفرت امّا رحمت چاٚنی چھےٚ عام ۞[۲]
آغہٕ چھم حسنینؑ سیّدی شباب اہل جنّت چھُسکھ پیٚر غلام ۞
چھَم پیٚر در پیٚرِ تہنٛزٕ ے سٕتھاہ بخشنم تہندے پاسہٕ خطا ۞

## علٰے

چھُ بوٚڈ حسرتھاہ عمرِ ہیوٚہ بے بدل متاع یُس پنٕرِ تھ گژھان چھُنہٕ پھیٚرِ تھ بوان ۔

سٕنحت کیٚشا چھُ پیٚری بہِ ہُنٛد حال چھُ مرنہٕ ژٕ وٚتھ روٚزے مارٕ ان ۞
قبرٕ وَسنہٕ نےٚ گژھان لرزٕ ہے ۞
کرِ شیخ بہاء الدین حدٕ پٔشاہ رٕلوا ایتھ تمیٚشک مدعا بوٚ کرٕ ہو بیان ۔
دٔہ ہٕ ہہٕ اکہِ مجلسِ بہِ تھٕ اوٚس حضرتؐ تانٛی نٕتان نتان پیٚر مرداہ درواز آٚتھے ۞
تس تھٔر گمٕژ کمانو پکان اوس نمان نمانو ۞
ضعفہٕ سٕتی گوٚ لمُت پانوٚ تس شیبۃ الھذلی وناوو ۞
عرض کرِ یا رسول اللہؐ کرٔ مہٕ وٚانساہ سٕتھاہ روٗد مہٕ فو تا
چھُسنہٕ ہیکان چھم نماز کرٕ ژٕ گژھان بار ۞
خم چھم گوٚمُت مےٚ قد و قامت سخت چھم گژھان قیام ۞

---

[۱] اما چھُنہٕ کانٛہہ بڈٕ ری گوناہ بخشن دوول تس بٔڈس خودٔ ایس ورٔ اے [۲] گوناہ بخشن دوول ۔
[۳] مُستحق [۴] جنتکس جوانن ہند سردار ۔

دوہ کھان بہان چھم سپنان قیامتھ یوٚتام پھران سلامو
گو آشر حضرتس دوٚ ہیٚنس زِ ہو بُڈ ببیہ ونہٕ لیو ہے کلامو
تژ ببیہ چھپر سہ پیپر ہٕ مرد پھری پھری بی وَنہٕ دپس غیر الانامو
یہ چھون حال بوزان ووٚد گگبو تام چانہٕ پیپری یہ پیٹھ سارِ نے
آورحماہ

## علے

کوٚرنہٕ کانُسہٕ رحم چھیٚٹر دارِ تَس امام حُسینؑ تِ چھم پھیران۔
کرٕہس نہٕ مسافِرس یارٕی تر لیشہٕ دامہٕ سوال کرٕی تھٕ انپوٗکھ کمہٕ بٔتر تھے
پیپرس اتھہٕ واٗلی مارِی ہَس سارِی۔
اُسی دستگیری یہ کینہٕ گگی تَس ژٹان
ہیوٚتن مُرِی تھٕ اتھہٕ رشہٕ اصغر شاہؑ اوسُس للہٕ وان سُلہٕ وان
ہو ہو کران ژرٹہٕ منتہٕ ہَژرے
اوسُس عصائے پیری اکبر شاہؑ تَس تِہ ٹنی تھٕ گیا آسو
ماٗلی پوٗ ترن سرِ راہ رُودُکھ اتھہٕ واسو
عباسؑ علیس ہیوٚہ اوسُس زور کمراہ پھُٹس بیلہ تہٕ ہُنز
تھقراہ دوٚپُن اَلآن اِنکسَرَ ظہری[1] بار بار
ڈیوٗ کھُم ییمہٕ دوہ یہ واژ وو کربلا آے بند ہیتھ امامو
سوٗرے ریشِ مُبارک اوسُکھ سیاہ نہٕ گو مُتہٕ نہٕ
سفید کانہٕ مو
بُڈ لیٚو نہٕ اُڈ دارِ چھتے یَس اکبر شاہ ڈیوٗ کھُن ماران
بامو

---

۱؎ دوہ نی ٹھُتھ منے کمر

شاہہ ژھہتان ڈیھٹن ہیلہِ عباس علیس بیاکھ اوڈ تہ جھتپوس ناموٗ۔
دُچھن ژھہ کٹھ دِوان کم کم جوان بڈرُ وو مرگن اکھ یُہراہ ⊕

علے

سوے نوٗر دآر ڈیکہ کے رتہ ستی رنجی ہس جھم جگرچ خوٗلی
گنڈ ھان ۔ سو دُکھ مشر نتو رس کوٗر ہس بسمک وسماہ
بو سوٗر ہلہ نا دو ژھہ دوژ ھے ⊖
اسس تعوٗلی ستنز آشنی لجنز دآر موبہِ موبہِ مُنزراں کھوژان کھوژان
دارِ دارِ اوٗشس ہاران دارن دارن وو کھران رتھ زخمن
تنز ھ کری کھہِ پوٗژے ⊖
دوٗ ہیس وَدے اکھ کھفر کارِ صاحبو کنہ ہنکھ چھنز دارِ صاحبو ⊖
سرو ندے نوٗر موکھس صاحبو کنہ ڈیکہ کس چھوکس
صاحبو ⊖
ہصاحیہ پرنھ مذہبہ چھ کران ریش سفید سس عزبھاہ
رچھان حُرمتھاہ لگیو چون کانسہ آ دنا ہمار ⊖
چھس زانان ژ چھکھ بڈ قبیلک سردار تہتھ چھُے بہ وشمو ⊖
ژ ڈیشتھ یاد چھم بہوان شاہس ستنز دآر تہ حضرت ستنز
چشمو ⊖
چھس زانان چھکھ ژ تہندے اچھ گاہ فرق چھنہ کانسہ
وَنتم صاحبہ یہ بنیوے کیاہ ⊕

علے

عُمر سوٗر ذاکرَن مرثیہِ دِپان نوتہٕ قصہٕ کربلاکۍ چھیٚنہٕ سوران ۔
ڈُچھم لیٚچھ چھیٚم داٗدی جبراہ تھٕجنم رٕ یہٕ گوم ہیٚہ پیٚوم وبۂ داٗلنچہِ
وَژھے ⊜
گوٚنٹ ہارُن تھاہ حسرتھاہ لیکھان صاحب اخبار الاحزان ۔ ہیکہٕ ہایہ
ڈُنیٚہ زاہ چھم پھٹی تھٕ بیزان ڈِپی نوم آنہٕ دود کو بیتا مٔتے
دِلَس ویٚثرے ⊜
پوٗزُم امامس گژھی ژٕ ڈٕ ظالمو نمہٕ سانہٕ گوٚٹ گو عالمو ⊝
تیتھٕ زمینَن بنیلا گوٚ زٕ آسمان ہو ⊝
"نانٔ واسیدا واحسیناہ دوان صدا آئو رسولِ خدا لیل کران ودان زار زارو ⊝
ودان افسوس گو مٔتے یہِ کیٛا ڈیچھُن پیٚوم شہید میانہِ مظلومو ⊝

یُڈی بابہٕ ژٕ سے فدا کمی کرِی گژھی جدا غریبہٕ میانہِ مظلومو ⊝
للہِ واسرچون کٔنہٕ کرِچانِن گژھن دوا اتھٕ والہِ میانہٕ مظلومو ⊝
اَدِ ودان تَس سٔتی سٔتی علی مرتضیٰ تہٕ حسنِ مجتبیٰ پوٗترہ مایہٕ
فاطمہِ زہرا ⊕

## علے

اَدِ سہ پوٗترہ ماج حضرتِ زہراؑ مدنس بدنس گنڈ آسہ کران
ودان پوٗترہ پوٗترو دوہ منہ ہٕیٚتہ نالہ ژھٔٹان نالہِ رٹان
تنہٕ سرِی رژھے ⊜
گراہ ژٕ ڈِ متی گژھی للہِ وان گراہ سرس آسہ پھرتل ہوان
ودان حسینہٕ میانیو لگیو پاٗری اتھٕ تھٔز کارِ رنٔہ ونٔدے
دارِ رتہٕ کتھرے ⊜

تانی دِ یہ فری یاد بابو گوم بیداد بابو ؟
ونہٕ اَنہٕ کوناہ تابو دوٗنی چھُم روٗ خصنہٕ بابو ؟
یہ چیر کفہٕ شاہ حسینٕ دارِ ہیندر رتھاہ بُھنس سنفا دُچھم بیپے حالہ پروردگارو ؟
وِدان دِہیس حضرت ژٕ تہِ مَتھ تہٕ بو تہٕ مَنٛتھ چھلونہٕ قیامُژ تاموٗ ؟
یہِ دوہ کھ ہیوٗ ے ژ یپے نہٕ ہیے بٔے زانہٕ یہ کنیا ٹھنز تھہٕ آمو ؟
ژٕ ئے اوسُے زامُت اَما خبر چھے کمہِ لولہٕ ہنٛے رچھاموٗ ؟
اَدِ حضرت زہراؓ تہٕ علی مرتضیٰؓ بیرن شاہ حسینؓ نہٕ رَنہٕ جھراؓ ؟
علے
بوٗزم بیلہِ سَر لَدِ کھ نیزن پیمن زَنجیر کرٕی تھہٕ شام اَسر نوان ۔
کربلاہکس بیمارس دوہ ڈنوٚن نہٕ تہٕ وور یکوان ناچارس
رزکرٕی تھہٕ مرٚشے ؟
اوسُس زَنجیر کہٕ چیر ستی یرتھ رَگہِ لوٚرحلقس دَگہِ رتھ نیران ۔
ڈیشی تھہٕ سرِ شاہ حسینؓ اوس نیز ییتھ توٗری کنُن یکان ۔
اوٚسُس ہاران اَچھ اَڈ وژھے ؟
اَدِ بیب زینبہؓ یأے مایو نیزس تل آیو ؟
میانہٕ پادشاہ بایو ییتھہٕ صاحبہ میانی لگی گرایو ؟
میانہِ اَکھہٕ چانس بیمارس چھیہٕ واتان رفا قتھاہ ۔

مےٚ اَتھہٕ واتہٕ کیا چھِہم نَرِ گَنٛجِنٛ چھُم نہٕ مو کہٕ جار ⊙

ظالِمَن اَتھہٕ دِمہٕ ہَن جان پان وٕنٛدہس بیہٕتھ تو ہہٕ گبرٕ وٕنٛز آمو ⊙

رٕٹہٕ ہَس ہم زٕ نٛجیر پانس ہیمہٕ ہا یتیمَس شام تامو ⊙

زار کریا اَم سُنٛمرِس بےٚ زٕ مَتہٕ لایتَس مَنو ہیتَس عماموٚ ⊙

اُمِس مالِ دوکھہٕ بٔد چھِس چھِٹی مَتی گَنٛڈ مَنو کرِتَس یہِ دو

چھُم اِماموٚ ⊙

وُچھان چھُکھ میون احوال رٕٹی زٕ مہٕ ملال ماف کرِ ی زٕ ہم

برا خدا ⊕

•

یہِ مرثی ترتیب دِنَس دوران رُوٗدی مےٚ تِم نسخہٕ برونہہ کنہٕ :۔

۱۔ نسخہٕ خواجہ جعفر مرحوم ـــــ بیاض مملوکہ ڈاکٹر احمد علی

۲۔ نسخہٕ امہٕ کوٗل مرحوم ـــــ " " "

۳۔ کتاب البکا جلد اول غلام حسین مخمور

۴۔ نسخہٕ سیّد حسن شاہ تحریر ملا طالب ومنشی محمد عباس

۵۔ گلشن مراثی تحریر حکیم محمد علی

۶۔ نسخہٕ محمد جعفر بٹ گونی احمد پورہ ۔

# وزن روانہ (پیٚری)

ہو ذٲکرٕ تَن دِتھ طعنہٕ ہیتہٕ پانَس  کُنہٕ دِتہٕ کربلہِ کِس دوہ کھٕہ داستانس
مظلوم اِمام حُسینسٔ آو پیش کیاہ

ڈُدِزِنا فقیٖری ہیتھٕ تَس سلطانس  موٚت لٲگِتھ پھیٖری زِہنا کوہستانَس
گبہِ سٲنی ہِش کس وَن آسِہ وٚون کیاہ

بوٗزُم پیٚلِہ تخت کوٚر یزیدی شاہ ہِشدِ سس اللخانس
امام مٲری تھٕہ لوٚ کٕھ کوٚر کھ محل خانَس
سر نیزن لَدِ ناٲوِکھ جُدا جُدا

بوٗزُم سر شاہ حسینٔ لوٗدُکھ مشر خانَس  دوٚیکھ بیب زینبسٔ ہلہٕ نکھ دِس بلند شانَس
یکھ نکھٕ نیزن یا زینبا ع

اُس اکہِ اکھٕ ہقیچھ کرٕ کتہ خانس بیبہٕ اکھٕ زولانَس
کلہٕ چھاوان اُس وۆ شٕہ بالانس
تمے حالہٕ عسقلان واٲنی شہدا ع

چراغانہٕ ظالمو کوٚر پٕرتھ مکانس اُپٕنہٕ بنٛدی کوٚر کھہٕ پٕرتھ دکانس
شادی یانہٕ وایان اُسی جا بجا

اُسی پٕرو ثنہٕ پٕرو ثنہٕ بکناوان شاہ حسینؑ زٕ وانس
اَکے گنڈ اَنٛدٕ وَنٛدٕ بوٚندو خلجانس
پٕرقہٕ ژٕژہ اُس پٕرتھ ہیبا

اُس پٕرتھ ہیبا بُھچھن اَکھہٕ دِتھ پانَس پانس
تِ ڈلیشہٕ سوداگرا بیٚنٛہِتھ اوس بیٛٹھ وانس
دُپہٕ نعوہ دایا بنیوٚ مُت چھُ کَس یہٕ عسرتھاہ

چھِنے کم سنا بٕنن مہٕ کاٹِسہٕ ہِنٛدِس مُسلمانَس
یہٕ سِتم کوٚر کھہٕ، حیف تس بے ایمانس
کوٚرُتھ کیٛاہ علت، مِلت چھُکھ کیٛاہ
کمی سنا کوٚر دِل دوٚر ہیٛتھِس طوٗفانس
کیٛاہ سنا اُسی نا تَس گبرٕ پانَس
بیٚتھن عاجزن پٕی کرٕی زیٛاہ
بیٛتھے زٕنجیر کرٕی زیٛا بیٚتھِس نیم جانَس یم ساری ماری مٕنتی چھا اَمی کنٕی سے جانس
بیٚتھِس بیمارس پٕی کرٕی زیٛاہ

اَز تانی آسمٕز کورِ یِتھ جہانَس
چھِنہٕ بوزمُت مٲری نِتھ کورِ بٲنٛدی کڈنَس

کَس کورِ بٔنیِٛو بِہ حسرتھاہ

وُچھِن مٲتٕز لٲگِتھ کوٚرا یِجاکھاہ دِتھ پانَس
رٕسہٕ رٕسہٕ لِیل کران مہرازٕ جانَس

مہرازٕ ہٕ لو اوے پیش کیٛاہ

وُچھِن کورِ ہنا سوٚر لُدِتھ پانَس
بٔرِ داران گرِ گرِ بٲے جانَس

اصغرٕ میٚانیو لول آے ما

وِدان غش کرِ سوداگر بیٚہِتھ وانَس
بِہ نا وان بٔنیِٛو مُت چھُ کَس خانہٕ مانَس

لارِ ودان روٗٹِنہٕ عابدین شاہ

بیٛوس پرٕن تھپھ کرٕنس دامانَس

ہصابہٕ وَنِتم بِہ ژٕ نِتھ آو کَس سُلطانَس
کَمہٕ ہاژِ مٲری ہو ناو چھُو کیٛاہ

ہُہ سرکیاہ چھُ لوٗدمُت نیزٕ آسمانس
امہِ نوٗرٕ آفتاب کر چھُ بێیہ جہانس[۱]
گُنڈٕ ہتی گُلی زن چھِس یدِ بیضا

ونتم نیزٕ بیٹھہٕ حرکت کیاز چھُس دہانس
کران کتھہٕ کس ستی کینہٕ پران قرآنس
بیٹھ نیزٕ طوٗرس زن چھُ موٗسیٰؑ
یژھے صوٗرت اُس رسوٗلِ سُبحانس ﷺ
یژھے چیشمہٕ آسہٕ شاہمردانسؑ

چھُس تتھ خانوادس ستی ماکیشہٕ نسبتھاہ
گُنڈٕ ہتی گُلی ستی چھُیس پہلوانس
ونتم ناو کیشاہ اُمِس نوجوانس
یہِنڈی ناو باوی نوم خُدا جُدا

## وزنِ دیگر

یہِ یوٗز تھہ عابدین شاہ تژاو بڈٕ باکھاہ
اُسی مُدنکی ہبا اُسی بادشاہ

---

[۱] یعنی آفتابس نتہِ اوس یہ مُیتھ نوٗر

بوٚ وَنےٚ ژٕ بوزنہٕ بنِشو کیشاہ کیشاہ
یَنِہ سُرس چھ شکلِ مُحمّد رسوٗل اللہ

اُمی سے بابہٕ واتنہٕ شاہ اسداللہ
چھُس ناو حُسینؑ دیہ چھس خیرالنساءؓ



---

ے یہِ چھُ اڑ لیوٗک باسان ۔ متےٚ سیدی ہِم اوزان مرحوٗم
امہٕ کلہٕ نہِ اکھِہ ۱۳۰۸ھ ہجری منٛز لیکھنہٕ آمژ اکہِ بیا صنہِ
بیسٹھہٕ حاصِل ۔ اَما پوٚزٕ تمیٚ چھُ اوٗتام تِھے لیوٗ کھمٹ ۔
تمہِ ورائے ژھا نِجام سیٹھاہ مگر کُنہِ سیدی نہٕ بہم
تمُشیک چھُم سیٹھاہ ہمسوس ۔

(م ۔ س)

# مضمونِ شیر

یا اللہ بیانِ ثنا چون شیرین شیرا۔
لبہٕ تہٕ امیشک دہن شکر لبن[1]
اَتہٕ زٕوٕن لبتگی پیپر کارنے۔ گویا طفلِ شیر خوارنے[2]
زابا و عذب البیانٕ آمہٕ کے شیرا۔
جگرٕ خوٚن گوکھ تہٕ کبہٕ تہٕ لبنٕ ۔
رٕود خیال خام یو خستہٕ کارنے۔ شیرہٕ جان آکھ کارنے[3]
دوٚ درے تہٕ شوٗرٕ کھنہٕ زاتہٕ لفظا چانس حمدس قایلو[1]
اَتہٕ لِلّٰہِ درٕ قایل لَا اُحصِی دوٚپ کایلو[2]
پروردگارٕ چھکھ کیا سبب سازا۔ چھٕ آسان ٹھفٕنہٕ پینے وٕنہٕ شیر خوار۔
زٕ چھےٚ ہُس پِستانِ مادر بٕرٕ کٕ بٕرٕ کٕ ٹھاوان[3]
ہینچھہٕ ناوان دایہٕ[4] تربیت چون دوٚد چوٚن طِفلس خاہسے[5]
نتہٕ کمیٕ زیٕو وٕنی ددو دامِش[6] تالیم کرٕ دوٚد دا ہسے[7]
طِفلہٕ سندی پٕرٕی خوٚنس شیر سترس بیہٕ خوٚن کران چانی قو درتھا[8]

**علے**

---

[1] لوٚب تہٕ [2] لبن گوٚ عربی پانٕ ٹھٕ دوٚد۔
[3] لَا اُحصِی چھٕ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم سُندٕ مشہوٗر قول۔
[4] دایہٕ۔ [5] وُڈ سہہ رامہٕ ہوٚن بینیرِ۔ وام گاو، ماش بینیرِ
مطلب موذی تہٕ غار موذی جانوٚر۔
نوٹ:۔ بیمہٕ مرثی ٹٕھنڈ یرٕ نکی حقوق چھٕ خوجہ اکبر مرحومس حاصِل اسی متی۔

دوٗنی ہیمہٕ نامِ خیر البشر بشیرا۔
بشیر وشکر چھکلہٕ دہن ۔
بییلہِ اوٚن سُہٕ زبدۂ انبیاؑ پروردگارنے شیرازٕ لوٚب روزگارنے (=)
سپنہٕ یٔہٕ ادا لعُنک عشرِ عشیرا[۱]۔
ڈوٗنی زے سارِ وأنسہٕ راٗزٕن تہٕ دوہن۔
دوہ دِچھوٗنے اعجاز ہوو بُزرگوارنے۔ آوٕ نہٕ دردام دعوادارنے (=)
لوٗزی نوٗ زہنہٕ نروٗ تِھٹے بابہٕ اوسُس گوٗمُت باحق واٗ صِلو (-)
بییلہِ زاوٕ تہٕ سٔپنُن ہٕ گنشرٕن دوہن دوٕد چوٚن تَس کیوٚت عاٗصِلو (-)
اَسس نہٕ دوٕ دَس لِوان کانہہ دوٕدِ مأجا۔ دپان اُمِس چھُ موٗدمُت
بیٚن بابہٕ نامدار۔
ٹینٔ مَس (ٹیٹِمَس) رٕچھنہٕ کیٛا وانہٕ احسان (0)
اَدٕ دیُٹ پَنٔنہٕ مابہٕ جوش الوٗطاٗ لبس[۲] دوٕدٕ بَبہٕ بَرنہٕ آیہٕ سے (÷)
اوس داے کران اَنہٕ نَس جایہِ جایہٕ پھیران سعیسے (÷)
نیٚ یکھہٕ داے اَدٕ پنٔنی بَب ژٕ ہتِ کھاو سے (÷)
دِلبِس بام دام دوٕ دَس لُجسہٕ دَگ معصوٗم اعجاز ہاو سے (÷)
تِہتھے حضرتن[۲] زٕلوٗ ڈوٗنے پنٔنی زلو ژٕ ہنی تھاو شہس[۲] طفلِ امامت[۲]
چھووٗن شیر نوٗ تھا (+)

علی

---

[۱] ۱۰×۱۰/۱۰۰ = اُہنم حِصہٕ۔
[۲] کوشِش کیشہِ چھِ سارے نہٕ یِران مطلب چھُ کیٗ۔

اوسُس لوکہ چار بیٹھے دعہ دُک سرِ بیہہ بُڈ تھ تہٕ توٗس [۱] مُشیرا۔
دیُت مُت نشو و نُما تِمن دون اُکی دو دَن۔
تِمہٕ نے رِچھن ملک مَنز کنار نے۔ دو دِکھور چھلِن تہٕ کتھن اکھہٕ دار نے ۞
بو حضرتؐ شاہس ستی شیر و شکر اوسُسہٕ کیا تیتھ بیا کھ قُریب و عشیرا۔
تِمن دون تہٕ جورا ژون [۲] لبن ۔
اوس حضرتؐ دو دِ مول لاگان رچھان شہنشدہؐ جِگر پار نے۔
دوشن بیہہ [۳] ذوٗ شہ بر خور دار نے ۞
بوزی نو حضرت امام حسنؓ اوس زبنے۔ وَنہٕ مو تہندی فضائ بِلو ۞
وُنہٕ اُس صدفِ بحرِ نبوت دیدِ فاطمہؓ نس دُرِّ اِمامتس حائلو ۞
اُمُّ الفَضل رضؓ نیک زن وُچھِ خابا۔ اوٗن نس اضطرابا تہٕ گیہٕ بیدار۔
سُے خاب جنابس [۲] وَنہٕ ہقاران ۞
بارسولؐ زن گو تہندس تنِ مُبارکس جُدا پارا وُنہٕ کیا نتھ چھم پانہٕ سے ۞
پارہٕ پارہٕ کرِتھ گوم پانس سُہ تھوو ہم مَنز دامانسے ۞
حضرتؐ زِ زبو فاطمہس [۲] فرزندا سُے میثابہِ بدنک پارا۔ ژٕ کو چھہِ
رِچھہٕ ہن تہٕ چاوِہن سِیرا ۞

## علے

مرتبہ شاہ حُسینؓ بوگرِ موتقر ہرا۔
وُنہٕ اوس دربطنِ معدن دُرِّ عدل
کوٗر عزم سفر رسولؐ مو ختار نے۔ دوٗپ دیدِ فاطمہس [۲] عالی تبار نے ۞

---

[۱] اوسُس [۲] طرفن [۳] مُراد دو شہزادن۔

یا زھرا[۱] بہٕ گژھ تھہٕ زیٚنبی فرزندا ماہِ مُنیرا۔
دِی زیٚس نہٕ دوٕد رپیتھ تام واتہٕ مونے بہٕ زَن ۔
آدِ بیٚبلہِ زاو دیت ہس نہٕ دوٕد عفرتس[۲] پٔرار نے۔ دِژ زلونے صبرس
تَن شپیر خوار نے ۞
صبر لوٗد تشنہٕ نہٕ گُرسنہٕ رٔد۔ دوٕ دَس سیُن نہٕ ما آیلو ۞
زاتی کھٔژھے لوٕ نہٕ اوس نژلیشہٕ ہوتن لوچھہٕ ہوتن مُر کربلایکہٕ غائیلو ۞
ننہٕ ما یاد پیٚوس اصغرشاہ[۳]۔ سُہ تَشنُہ العطش تہٕ دوٕ دُک اضطرار۔
دیدر ہِندہن اَشہٕ پھیرہن آسہٕ اُس داران ۞
واتیہٕ نژہن دوٕہن معصومَس کنیتھ داما دہانسے ۞
دُٹھ پھیٚشان زلوِہن آسہٕ ہاوان بیب شہر بانسے[۴] ۞
دیٚدیے ژٔنے دوٕد ہوٚ کھُٹے جاوہم کیٚشا ووٕنی ننتم لِنشہٕ بابہٕ جانسے ۞
ژ سے نژدونے کھیٚتس یَیہٕ ؤتی کربلا مے گو دوٕدُک تسلا۔
کیٚا دلوٕ ووٕنی بابہٕ چاوہم آبہٕ داما ۞



معصوم نژاوِ بَب دیٚدِ ہشر یام تام کھیٚتہٕ تیرا۔
تَس دوٕد بدَل رنہٕ سیتی اٗسہٕ ہُن برن۔
لوچھہٕ ہتس کوچھہٕ میٚانہٕ بیٚٹھ خوٗن ہارنے۔ بیہٕ نیٚز مُنژس کھارنے ۞
ننہٕ ما یاد پیٚوس سکینہٕ تہٕ صغیرا۔
نژلیشہٕ پُژی آسہٕ بجمر اُرسرن۔

آب مژگان آسہِ بے عار نے۔ تھاوِ نَس نہٕ کُن زارِ یار نے ⊜
بیٚ پھِران دوٚدی رۄس امام حسینؑ اوس رنگس اوٚن نَس بندلو ⊝
دوٚد پٚتری زیٚوٕ ہن نہٕ وُکھٕ ہنہٕ ہو جھبس سونیٚو و اما مُتنک کُلو ⊝
نام آو حضرتؑ نہٕ موصمس اوس لو ٚ کمُت تاوا۔ گو مُت بے آب
سہٕ دُرِ شہوار۔
ہیوٚتن کو چھہِ دہانس منٛز تھاوِنَس زبان ○
اوسُس شہد و شیر یٚران بییلہِ زیٚو دام دِیہ ہے جنابہؑ سے ⊝
تمی ہٕنٛز نہٕ زاتھہِ کانسہِ ہنٛز بب مُسے دوٚد چون یٚڈی بابہؑ سے ⊝
کیاسَتا کو یہٕ آس کرہ بلا یٚڈی بابہٕ وُچھہِ ہٕنس العطشنا۔
تٔمہٕ دہانس لو ٚ کمُت کانہٕ بیشا ⊕



وُچھہ تو اوس بیب شورِ بانسؑ کیا لیو کھمُت تقدیرا۔
کھوٚتُس نہٕ دوٚد دیٚنہِ لوسُس شرٛی رِچھان آخر لو ٚ گسہ اکھٕن۔
کیتہٕ شہزادِ مہرازِ وا تنٛھ آس مارنے۔ کیتہٕ مارہس منٛز گھوارنے ⊜
دُیت چاک تمہِ ساتہٕ پوٚتر ماجہ اوٚن نَس یٚنٛز جیرا۔
بییلہِ پھیری تھہٕ جنگہٕ آو شاہ اکبرؑ اوسُس نہٕ طاقتھ کتھن۔
وُچھہِ نَس دوٚ کھان رٕتھ چھو کُن زَن قموارنے۔ لگان دِرشہؒ رگن
شاہ کھارنے ⊜
اوس ہاوان بابس تٕرلیشہِ دادی کوٚرسے یہٕ ہٕٹہٕ زیٚو فٹی تھہٕ دِراکم دوٚد دِلو ⊝

---

لہ زردی اُنی منٛز رو خسارنے۔ (النسخہ)
(بحوالہ ہکی نہٕ دوش)

اِمام نٔس نالہِ مَتہٕ رٹہِ نالہِ ژھٹہٕ اڈٕ شش ہارِ چشمو کو لو کو لو ⊖
عٔنہٕ شٕر ہؤ چھی مِتز زلو دہانِ مُبارکس مَتز رٹہٕ۔ شاہ پھِر زدراہتہٕ شیسٕہلیٖو ⊖
اوس اِمام بَڈٕ بڈٕ ودان کڈان آہ۔ بیٖمہِ کھوتہٕ دُنی پاس چھُ کیٖا گژھہٕ کار۔
گوٚبُرآسہِ تٕرٕ بٕش منگان تہٕ مٲلِس بٕہ اَکھہٕ واتان ⊙
جگرٕ وگام واٗلِنجہ چاک خاک یَتھ دُنی پاکِس آبہٕ سے ⊖
مٕتے بیٖتنہٕ پادٕ گیٖم بٕہ تٕرٕ بٕش ووٗنی مَنگ کوثرکِس میٖر آبہٕ سے ⊖
بی ونان دُبار دژاو جان فِدا کوٗرُن بابسے ⊖
گژھِ بیٖو دُنے دوٗپ نٔس باٲلو یڈی پانٕ چوو سے بہٕ تٕرٕ بِشا۔
ژسے نہِ چھُے بڑاران آب سیٖتھ کوثرک شاہ ⊕

علی

ہیٚکیاٚ کرٕ نتہٕ قلم ظُلم کربلاسس تحریرا

دپان گوڈ سرژٕڈُ وم اَدٕ لیکھہٕ ناوٚ یوٚم سرگذشت یہٕ گُذریوٚ سرَن

لیکھہٕ کیاٚ کرَن سرَن قلم یک قلم سردارنے گژھہٕ ناربزٕ ریز تکیشا بیٚنزٕ آکھ تارنے[۱]

کوٚرشُمرنؑ ستمگرن یوٚ ہَے تدبیرا

یکناوٚ یوٚکھ بیبہٕ بیٚنزن پتہٕ ٹیٹھہٕ دُچھان آسَن کیاٚ بنیٚو سرورن

گرٕ گرٕ ژھیٚنکھ جِگرٕ دُچھی کھہٕ غمخارنے بایَن تہٕ جگر پارنے (ع)

اوس بیٚنزٕ دارَن لوٚگمت شراب پیٚژ زنان تہٕ خدائے رسولو[۲] (ع)

سرَن گژ ابہٕ دِوان بیب ٔ اَسہٕ رٕوان لایان اَسِکھ سنگدلو (ع)

دوہہٕ اکہٕ شراب چوکھ تہٕ مست گے سیٹھاہ ٹیٚژگے بےہوش

زہٕ[۲] بیٚنزٕ دار آسی سرن گُلن دِوان (ع)

ٹکان پکان تمِن دوشوٚنٕ سر ییٹھہٕ پیچے یم بے خبر بیٚزِتھ گے پانسے (ع)

تہٕ ڈیٚشتھ بیبہٕ آسہٕ پان مارانؑ مسمار کران پانسے (ع)

تُل واحُسینؑ بیب زینبؑ تُنتھِ کیشاہ آم باٚے جانسے (ع)

بیٚوم یہٕ آسمان دُسِتھ بیٚوم سےٚ ماہ ہیٚتھہٕ زُودانسے (ع)

طوٗفان گوم یہٕ کیاہ بنیٚوم پیٚشنس تام یلٕے کاروانسے (ع)

---

[۱] گژھہٕ ناریزٕ ریزٕ تکیشاہ بیٚنزٕ آکھ نارنے [۲] انتھہٕ موٚران (نسخہٕ)

یہ کمہٕ اٰڈٕ مۍ واکھ گرٕزٕ ھی نے ڈاکھ نبوٗژ نچانسے ۞
وأتی ہتھہٕ سرن نشہٕ نظر ہیچٕہ ہیلہٕ ہیب مہر بانسے ۞
ییتہٕ زٕ ژن سر قاسم شاہ تہٕ عبداللہ اٰسہٕ پوٗ ترہٕ تاج ڈٕلنی دوان
کران واویلا ۞

علے

سر گوٗ برن ہشدی نالہٕ متہٕ رٕٹن کرٕ تھ پچرا
وُچھنک چھو کھ لگی ہتی دٕ بہٕ ستی نوٗر موکھن
کُنڈی تہٕ کنہٕ سنیمہٕ گل رو نخسار نے دیدٕ ہشد آکو بوزٕ تھ
دو نوٗے اُچھ وہرنے ۞
وُچھان اٰسس بتا وُنہٕ دیدٕ سانہٕ کوٗ ڈکھ نا زٕنجیرا
نینہٕ مایہٕ بارٕ ہن ہیچٕہ ہے ہیبٕھ نکھن
تھاوِ ہے ژھایہٕ نیزٕ دار نے یمہٕ ہو تہٕ ہیچٕہ دُبارٕ نیزٕس کھارنس ۞
نتہٕ وچھان ما آسس ادے دیدی یے ژٕتے نے چھے موکلو ۞
چھُنا نیتھ کانٕہ دوستداراہ مُدین اَسہٕ نیہٕ ہے کُنہٕ ژھلو ۞
نتہٕ وتہٕ ہیبٕھ نتراوٕہن تہٕ ساوٕہن نینس بالیس کھوٗرن تلو ۞
نتہٕ اوے اُچھی پھرٕی پھرٕی وُچھوس ما دیدی یے نیزٕ دارن
کرٕ تہٕ زار پار یٕیمہٕ حالہٕ متہٕ آسی ژن ہیکھر نتراوان ۞
نتہٕ ہاوٕہوس نازٕ نہٕ تام اٰس لول کاسان صبحس تہٕ شامسے ۞
وو نی خبر چھا اسہٕ کوتٕ نن تھاون تو بہٕ کتہٕ مقامسے ۞

امید چھا میلو زاشہ ییلہِ واتناون شا مسے ۞
ییتہِ کرِ یاوارِ دیداراہ آباو واراہ  خبر چھا تتہِ زاشہ ییاِ موکجارا ۞

## غزل

بوزِی تو ییلہِ وُچھہ زِ ینیز خالی شُمرُ شریرا
کوِرخشم ینیز دارن ظالمَن
کوِر دِ کیاہ شاہ حُسینن یادگارن نے کنُو ماکانُسہِ نو ہیہِ دیارنے ۞
گژھو جلد اینو کھ کرِ و منہ تاخیرا
یارِ بو ییزِ پدِ یہِ خبر گژھہِ سے کُنن

شُمرِ نہِ قہرِ ینیز دار تھارانے  دو شوے بھیرِ تھ لارِ ۞

بیڑ تھ طرفس پھیران اُسی ژھانڈان تام دُورِ کُنن گاھ کھ لیلو ۞
ودان بیہاہ پوترو پوترو بمن نوُر سرن وَندِ مو کلو ۞
او سُم تمنا وارِ یا ٹھین اُنہا وُچھو میانہو گلو ۞
اماچھو رَنس تہِ منیز تِل صُورت گاھ ژ آیہِ کتہ آباہ زِ نیتھ چھلو ۞
اَد لارے ظالم تس بنیہ کرن قہرا ثرِ نے ییتہِ جانگ نہِ آے ناعار
نینھ کتھ یا ٹھی بہندِ بیڑ چھہ اَسہِ ماران ۞
اُسکھ زار کران مے نو ژُورِ نی ظالمو چھنے خبر نئو دا لیسے ۞
یم پیمتو اُسی ییتہِ نے نو سہ ہتہ لو ییلہ آیسے ۞

کران اُسکھ زارہ پارمتہ کرٕ تومہ قہرا  می نشہ تھاو تو کھیٚ تنو عارو (۴)

علے

متو پوتر ماجہ لدٕ تومہ تقصیرا
متے ہویم گبر چھ تہ  دوہ دچ دگ چھ آسان دیدن
متے دو کو چھ تہ نکھہ ژچھتے کیتن وُہرنے  نازٕ گرا بہ نازنین نھارانے (۲)
ہونکھ سر قاسم شاہ زیبٕمی سے کرٕ یام کارِ خیرا۔
بہ اوسُس کوٹر بوے پوٚت مہرازہ مارِ ہم دوہ نوٚے مدن
متہ نیٚ تومہ متے وُچھ وُنہ وارہ  کوسمکھ نہ لول مدنوارنے (۳)
متے بتر تومہ بہ وار تھاو کھ جس اُسپر تو ہہ نشہ بہ کوٚت ژلو (۴)
مارٕ تومہ سرے بہ ژھاپہ تھاو کھ ہا ہو موٹر لہ منزلو (۵)
اد بہ بوز تھ ظالمن آور حمایہ کور نکھ زارِ پار وداں زار زارہ
دو یہس خبر دار حوالہ چھی اسی ز یکھ وار تھاوان (۶)
اد اُسکھ گرا کو چھ للوان گرا ہوان ییٹھ شانسے (۷)
گرا اُس وَنوان مہرازہ جانسے (۸)
گرا اُس لیل کران عبداللہ ہس لیلہ بانسے (۹)
اُس وداں پکان پوترو کرٕ تومہ اکے کتھاہ  گوٚکس پوترِ ماجہ
میثون ہیثو داہ (۱۰)



لہ یعنی وُری ہینے  ۲ الال خانسے  ۳ پٹرٕ تومہ بوے وار وار نمکھ (نسخہ)  ۴ واتناوان (نسخہ)

ماخذات:- (۱) ہکی تہ ووش از اینس کاظمی (۲) بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد (۳) بیاض تحریر مرحوم حسن علی انصاری (دلنہ بارہمولہ) ۱۳۳۴ھ

# مضمون شیر

یا اللہ اَنہٕ کتہٕ جُرأت حمد وَنہٕ نکی ساماہٕ شیرو۔ ٹھران ہٕ دم دِنس دِل ببر بیابانسے
غار کڈان مَنز دہانسے

اَمہِ بیشہٕ عجز بیشہٕ فکرُ ہِند شیرو۔ کھوان ہٕز بَر اندیشہٕ روٗ عبا اَتھ
بیابانسے۔ اَدٕ وانیٖاہ روباہٕ ہوس زاہ بایلنسے

اِمکانکہِ نیستانہٕ کاشہٕ نہٕ رِنیہٕ پےَ
اکے کُن فکاہٕ کون و مکانٕچ لُجی پے
یا اللہ عقلِ اصلُ چون اَکھٕ بیا شیرِ سینیا صیدِ آہو ہو
اَتہٕ خیالِ وصال سر بسر خطاوَ آہو

اَمہِ جابہٕ پلنگِ ہوش پالنگ گئے۔ اُنہٕ بیخودِ بہٕ در دامے
درہٕ حاءٕرتس اندر بِیئے۔ اکھِ آکھ نہٕ زاہ در و دامے
ہاران دم شیرِ دِل عرفانکہِ میدانے

بوٗنین ہِند شیر تاج حضرت بے نظیر بشیرو۔ آسی تھہٕ عرشکس
بلنگس فرشِ شاہِ دینسے۔ شوٗگان سَندرن بیٹھ زُ مینسے
تہندے عہد گوہٕ رگ[۱] راچھن برن[۲] لول برن چاوان شیرو۔
تہندے زینہٕ تھینز زنجیر عدل نوشیروانسے۔ ہنگہٕ منگہٕ شیر
دُسی تھہٕ آس ایوانسے

---

۱ پوٗشہِ لوو ۲ رامہٕ ہوٗن ۳ کٹُن ہٕ ہیوٗس (نسخہ)

نوٹ :۔ یہٕ مرثی چھے خوجہِ اکبر مرحوٗمس وننہٕ آمُت۔

بیٚلِ ژٕٹِہ تِھہُنٛد پرواتہٕ پرویز بیٚرو ئے
نفرِینہ تِھہُنٛد ژٕٹس دِل گٔرُدہ شیٚبرو ے

اوس تِہُنٛدِ قدم پیٚبہٕ شیرِ قالین ووتھان گرٛزانو۔ تِہُنٛدے پنٛجہٕ ہیبت تِکیٚنہٕ شیٚرِ گرِدوٗل پیوان لرزانو ہو

بیٚلہِ چھیٚرِ ہے دٔرِو تہٕ کوہ ہو مٔنزٕ ری سٕے ضرغامِ اسلا مے
پٔران آسی کوہ زٔن بیٚرو غزال کٔلِمہ کران سلام سلا مے
گوٚ رگہٕ سِنٛزرے زٔلِو شہادتِ نبوّت بوز بوذرن [1] سپٕن مُسلمانے

## علی

بوٚ زورِ بازوٗ ے حضرت [2] شاہ دٔبہِ شیٚرو۔ اَسَدُاللہ اُلغَالِب مشہوٗر جہانسے۔ دٔپان لَیثْ بَنی غَالِب تس پہلوانسے
شوٗبہِ ۂن تہٕ تنہٕ سگِ درپلنگ تہٕ اُژدشیرو [3]۔ شہٕ [4] سنٛدِ بیٚمہِ عٔنِ تہٕ درندہ راہم سُلیمانسٕے [5]۔ دشتِ ارژنہٕ چِھس لِشہِ امان سلمانسٕے رضؓ

چھُو بوز مٔنت بیٚلہِ کھوٚت معراج نبیؐن ہُنٛد خاتِمے [2]
رٕدوسہِ شاہ [4] سِہِ لٔاگ تھٕہ دم راہ ہیٚنٛزٕ نس خاتِمے [3]
شبِ ہجرت حضرتنؐ تھوٗ وسٕے غضنفر جانشینو۔ بیٚلہِ پایہٕ سِنٛزِ ولِنٛگ غار رٔوٹُن ہیٚنٛزٕن ژٕمینو ہو

شہُنٛد [4] شمشیرِ و نیام زٔنِ شٔرز شیٚرِ و کنا مے
بیٚمہِ دمہِ بیٚرِ ہے تیٚر دم اَنہٕ ۂن تہٕ تاب دوٗ و دا مے [5]

---

[1] اژدرتہٕ شیٚبرد (امہٕ کوٗل) [2] خاتم الانبیاءؐ [3] وأج
[4] شیٚر زن (امہٕ کوٗل) [5] ودو دام، موذی تہٕ غار موذی جانور

بٕرِ زِبا جہنمہٕ نارکۍ زاہ غم اَسہِ چھُ شہس ہیوٚہ ضبعم نگہبانے ⊕

علے

خلقو سوٚری تَس شہس سہتی زور مرگن کوٚر زیرٕ۔ اوس کو بجہِ کران ژھو بجہِ دِوان بھیران کربلا میدانسے۔ پنجہِ دِوان زمینس ژھانڈان زوٗ دانسے ⊖

وُچھن شیر بچس پنجر کوٚر مُٹ خنجرو تہٕ شمشیرو۔ گوٚمُت ہَڈ کالوتہٕ تیزو ستی منز نیستانسے۔ بَند بَند ژٕٹی متی شیر جوانسے ⊖

اوس بژھہٕ بَران لدان لژھ کڈان موہے ⊖

شیر کھور پھیران گُلبدنس ہیوان بو یہے ⊖

تھاوان ناز تنس سینس بیٹھ گراہ رو یہے ⊖

شیران ژھاگین[1] پھیران رتہٕ لوٚڈی گیسوئے ⊖

اوسُس گراہ نالہٕ رٹان نالہٕ ژھٹان ہیوٚر نالانو۔ بدنس کان کڈان اوس تھکان وُسی تھہٕ ہیوانوہو ⊙

اوسُس گراہ ٔنز شاند دِتھ ساوانو کرتم گرا آرامے ⊖

مَرِنہٕ چانہِ سوٚرِم تژالو سہہ پانس کیا بنی تھہٕ آمے ⊖

چھُسنہٕ بٕہ ہیکان رٔمہٕ ہتھ خیمہٕ گاہ تنہِ کیشا بینی دِید چھے پژارانے ⊕

علے

پوٚزِم بینمہِ گرِ شاہ حُسینٕ گرٕ تژدو تیرو۔ سیُن خانہٕ وارانپیب شہر بانسے۔ دژایہِ سوٚرالدی تھہٕ پانسے ⊖

---

[1] کاکل

دُچھُن اکہِ کیہِ دِوان ژھرٛٹھ خانہٕ دار بیٚٹھ کینہِ ہانمیرو۔ لوٗیُن رٹہِ
ناداکبرٕ جوانسے۔ پوٚترو میثانہِ زٕپو ڈٕپی زِ باہہ جانسے ⊜

ژیمہِ نیرٕ وکِن دوٚہیم منٛے ہینہٕ ژٕلی زٕ دُصیبتھ چھےٚ یہاٚے ⊝
ہیب زیٚتہٕ ہٕ نزٕ آو تہٕ ژلا۔ سٕشرم چھم پوٚان ہے ہے ⊝
بہ پانہٕ موکلاتہٕ افسوس ما آئندی لگیم ہے ہے ⊝
چھم ہا شنزٕ اآگیتھ مہر بیٚنی کوٗر بآئندی نیرانو وا لیٚج ژٕرٹ تم نوٚے
دوٚہیم اوٚشس ہار الوہو ⊙
میاٚنی دٕیدی ے منٛے یاہہ موٗدمو۔ ژٕ تے تنزاوہم یہ ماروزِ پامے ⊝
بوے بٔشد زِ ند کاشہٕ روٗد مو۔ ژٕ ستی یکہِ تم شام تامے ⊝
چھُم یکہِ نئے مُنٛزٕ ی عامو۔ گوم دوٚ ہہ کئے کُسہریٚتہِ نامے ⊙
کورِ ہٕن بآئندی وان کیتھہِ صاآہ کورِ موٚج آسہِ ژلانے ⊕

## عٖلے

ادٕ رٹہِ ہیب شہُر یاہہٕ ہیب زینبنس[۱] نالہِ متہِ پیٚرو۔ بہ ہہ صاہہ
تھفُ تلہٕ زاہ چاٚنس داما نسے۔ ستی ستی یکہِ ہے روز دیوانسے ⊜
بہ تُہٕنزٕ ژو ثنزٕ ہیمہ ہا پانس چاٚنی زٕ نچیرو۔ اوس نکھ دیٚن حق
منٛے سَر خوانسے۔ طوٗفان گو منٛے خانسے ⊜
ژٕ بیلہِ وٕ دِ نکھ باٚے جانس منٛز بآئندی وانس یہ تھر رٹہِ ہے ⊝
ژٕ دِ نکھ ہیب سکینس[۲] مرٕ ہنی ترٕ یش بہ تُس ہو نڈ وٕرٹہِ ہے ⊝

---

۱۔ ژو ثنز: دامے

چھس حکمہ امامہ سٕنٛدِ قافلہٕ ژھینہٕ گژھان چھُم پھیرانو چھوٕ حوالے خودا
تٕہنٛدِ رو خستہٕ چھس بہٕ ہیرانو ہو ○

وونی منے پتہٕ چھِو میانی آچھ گاہ بہٕ کیا وِنہٕ مو۔ منے خاندآری
کرِزِو تمامے ○

اما یٔنِز خاطرِ داری فاطمس کری زٕہمو اَمِس کیا ڈکن گھرآمے ○
لِلّٰہ بخشِ زٕہم خبر چھا کوٚت لگہٕ کیا بنیم کوٚو زانے ○



خلقو دوکھ شاہ حسینن چھُ عالمگیرو۔ چھُہ بہٕ ماتم خاص جنّ و
انسانسے۔ بہٕ زخم ووت پیٚڑ تہٕ حیوانسے ○

لوٗگ سارِ نے یہٕ چھوکھ اما یٔنِز دوکھ ہیوٚت شیرو۔ شیر خوداہ
سٕنٛدِ ناوٕ زانِکھ ہاژ پانسے۔ گو پچھ رٕٹی تہٕ رودکھُستانسے ○

توٚے سہَن ہنٛز خبر رنگہٕ رنگہٕ ذاکرٕ وٚنی تہٕ گے ○
سہے کربلا منٛز شہیدَن بدنن رٲچھی بوٚے ○

آسی وِہِنی دَب دِوان روٗز نہٕ خبر سپھٲرِ دانو یا نٕی شیرِ خوداہس [1]
مارِکھ گیر پیرو جوانو ہو ○

خلقو عجیب غبراہ وٕنہٕ مو آسو نہٕ لوٗز مُت ازتامے ○
حضرت اِمام حُسینن ماتمو زار زار وٕڈ کنیو تامے ○
روٗزی تو کُن دارِ تہٕ دوستدارو یہٕ خبر کرِ مو بیانے ○



[1] آغہٕ سانیو (نسخہ)

بوزُم چھُہ شہرِ یمنس منز کینو سہہا کور مُت تصویرو۔
بیبلہِ وہرِ اسد یوان اَنز گژھان تس بے جانسے۔
ہاران راتھ دوہ اُشی چھُسنہ تھکھ آنسے ⊜
چھِ دہن دوہن تنی سمان دوہ کھ ہیوان ساری جوان و پیرو۔
تَشدُ اوش شفا خاطرِ نوان ہر کانہہ پانس پانسے۔
لگان دادِ ین تہ درمانسے ⊜
افسوس اُسی غو لام اُسنہ دِل سائی کینو کھو تہٕ سخت گے ہے ہے ⊖
کینو وے ووُد سولن گوڈتھ ہارُن رکھ ہے ہے ⊖
امام حسینؑ مرُن سہل چھا کتھ ہے ہے ⊖
سہ ڈیکہ کتہ اَنہ ہو کر بلا کر ہوس گنھ ہے ہے ⊖
دونی بینتی جان وندوس زانی تو غنیمتھ ہے ہے ⊖
وَدوس ہصاہہ نیمہِ ساتہ زو نہتھ کیا آغہ سانیو۔
بینمہِ ساتہ ماری ہے بأے تہٕ گبرتی ژہ وُ چھانو ہو ⊙
کیا نمہِ ساتہ زانہِ بیب زینبؑ بیبلہِ خیمہ بینبرُون کُرتھس سلامے ⊙
خاک لدی تھٕ دڑایہِ امِّ کلثومؑ۔ زوین زِ یائے صاب
مر ینہ دڑامے ⊙
ژہ وُصی یتھ کری تھٕ دڑاکھ یا متھ سو رِز قیامتھ زانہِ بیب
شہر بانوؑ ⊕

## علی

خلقو بوزم حسن تھاکوڑ نم تیشتھ زبر زیرو۔ لختہٕ لختہٕ سیُن میاکِس
سخت جانسے۔ کُن داری تھٕ روزی تو یتھ داستانسے ⊜

بوزی تو یزیدن فاد خانہ مو کہ لیتھ بیلہ آیے اسیرو۔
تم مسافر یگاہ واتہ ہن شہید قبرستانسے ۔
امام حسینن پنس آستانسے ۞
آسان اس کربلاس منز موحبیب زنانا پاک دامانے ۞
امامن وِینہ سوار راتھ دوہ اس تس کامانے ۞
کران تمہ شبہ واحسینا واحسینا بیبہ لیشانو۔
یانی زوہ لہ گیس دیدِ فاطمن چھ خوابن ڈیشانوہو ۞
دچھن دوہ یہ دوہ یہ اکھ مینز لدانو
قبر رُٹنہ نالہ متہ ژٹ یہ جامے ۞
اُس نرِ تمی ٹھ نوے ودانو
یہ کمی کانچھام تہ کمی دیپیامے ۞
ژنے گڑھی نے خانہ ویرانو
مار گڑھی نے جماتھ ستھ اِمامے ۞
بیبہ ڈیشن بیبہ دارا۔ دیدِ فاطمن ستی یان مارانے ۞

## علی

دچھن زِ سورِ فاطمہ زہرا بیسا مدین ژ یرہ ویرو
دوپ نس ڈِ زِم بابس سلام رسول شجانسے
منے یہ بتی تھ آم شہ کتہ روز شونگتھ پانسے ۞
بیتن پوشت نامتھ مسافرس تعزیاہ پیرو
چھ گیا سے ماتمدار روچھمت بیبھ سینسے ۔

ڈدی تھہٕ زانہِ پہنہٕ ئِس ناز ہِپنسے (=)

اَدٕ اُنہِ بیاکھ بیسّا نوٗے دیس وُدان ودانے (-)

ژٕ گژھنہٕ ہنہِ نجف نام گوٗبرمولِ اَنتن شاہمردانے (=)

تس گرٕنہٕ نا خبر یکہٕ وٕٹہٕ مارٕ ہنس زُوہ داتے (-)

سوٗزن بیاکھ بیسا امام غمنس اُزٕ زبن ٹکانو۔

ہاتنہٕ لاجمژ چھسے قاسمس ڈٕی زُنس دیہِ چھسے یژارانوہو (o)

رُتمہٕ ترسہٕ دے گیہٕ یان مارانو

داتہٕ نوو ہکھ یان یٲغامے (÷)

تم کھفن ژٕ ڈی ژٕ ڈی آے لارانو۔ دیدٕ فاطمس لنش داتی یامے (÷)

یاز داتہٕ کرہ یلاسیٖن بر یا محشرک میدانے (+)

## علی

ژھچھن گوڈ ترا اِدِ سخہٕ دستار حضرتؑ عالم گو ترو۔

اوس شاہ حسینہٕ[۱] قبر بیٹھ ژھرکھ دِوان نتھ لجِ آسمانسے۔

زن گو بنہٕ ڈب جہانسے (=)

وَدنس ہٕنا ولو میانہِ صبر یدٕ قبر منزٕ ہیرو۔ کمی بارلیتہٕ چھتہٕ

ترپش ژٕتے میانِس الالحانسے۔ کمی باکورنے لوکٹھ محلہٕ خانسے (=)

ژھچھن بیتیہٕ کنہِ جاک دِتھ شاہمردانؑ پوترو پوترو کرانے (-)

دَنتہٕ بیٹھ باَے تہٕ گبر ہیتھ ہیتھے یاکھی چھپا بامرانے (-)

شاہ حسنؑ حسینؑ حسینؑ کران مَرشیہ پرانے (-)

[۱] زنانانہ (نسخہ)

کتیٚہ زِنٛد اوس سے کربلا منٛز میٛانہٕ باے جانو۔
عباسنٛ[۲] پاٹھی بہٕ تہٕ کرٕ ہے جان قوربانو ہو ۞
میٛے ہیٛا وبٹہہ زن چھُم پھیرانو۔ اسہٕ بارنن کیٛا آو انجامے ۞
میٛے آبِ الماس حیوان دیُت مہٕ جانو۔ ژٕ ہے میبوٚے ہٕ مرٕن
ترٕیشہٕ دامے ۞
میٛے کرٕ ناوی دُستنٛھ[۲] پارٕ جِگرٕ سس مروانو۔ کھنٛجہِ طشتہٕ منٛز
دُسی تھہٕ آمے ۞
ژٕ دُستنٛھ[۲] جِگرٕ پارٕ یارٕ سیتھ موٛدُکھ منٛز میدانو۔ برابری برادری
کرٕ تھ تمامے ۞
اَدٕ تس بیبہٕ کُن ترٛاوِ نتھ لُہراٚ اسس فاطمہٕ زہرا دِ بانے ۞

علی

پگاہ صُبحَس واتہٕ شامہٕ بیٹھہٕ مُسافِراہ سُہ ژوٚٹ مُت آسہِ زٕنجیرو
ستی ستھہٕ بیبہٕ وارا ہ بیٛہہٕ بیٛتھ مکانسے
ماتم ہیٛہ باہ سُلطانسے ۞
ڈٕیی زِہ یس ڈٕپے سَلام بِچُی دِ یِد عابدین شہہٕ میٛانہٕ فقیرو۔
بہٕ ازٕ تام ستیٛ اُسس پتہٕ یِس حُسینسے دِوان یاکھ باکھ سکینسے ۞
دوٕ ژٕ بہٕ گژھہٕ آو کیٛا سُہ حقدار ماتم دار یانے ۞[۱]
آسِس نوٗر حلقس زٕنجرَن تہٕ جیلن ہُنٛدٕ نشانے ۞
ٹھُہرما میٛے دِل وچھنس وُنہ آسہِ بیکس گلٕہ للہٕ وانو۔
یمِن زٕزٕ کرٕی نتھہٕ شہر شہراسی سہٕ پھروانو

---

[۱] امہٕ گلی چھے امہٕ بیٛتہٕ یم زٕ[۲] گرٕ تہٕ لیٛنچھ سُو
تہُنٛد حال ڈٕ چھنتھ بہٕ ہیٛکہٕ نہٕ چھُس شکاپٛانے ۞
دیٛتِس پوٗنر ماج ڈٕیچھنتھ ہیکا تہُنٛد چھوکہ لدبانے ۞

ہکن وُچھی تھٔ کیتھ پاٹھی بوٚ‌ے فاطموٕ۔ سو ییٚنہٕ والہِ بانٛدی
لَجِ مہٕ شامے ۝
مُرِی تھٔ مَر بٔرونٛہہ کُن بیٚلہِ واتہٕ موٗ۔ کوچھ ہیتھٔ قاسمن عماے ۝
ہینی بوٗز مُت چھُپہٕ یتھ دُنی باس کسَ مہر ییٚنہٕ گوٚ اُشند
ہیوٗہ طوٗ فانے ۝

## علی

آسِم گوٚمُت زِینبس تہٕ کُلثومس تنٛتھ صوٗرٕز تغیرو
آسِکھ بُخار لوٗگمُت پرٛز نہٕ اُستخوانسے
شنیٚنے ربھتھ وائٛنکھ منٛز بانٛدی وانسے ۝
پرٛزٕھہٕ ہکھ زِ بایَن نہٕ گوٚ برن چھوٗ بنی خبر ہہٕ بوٗ ترداد
ستی ستی اُس سکھ خبرٕ چھم پانسے۔ کیا کیا کٔذریو گھ شہر
بیگانسے ۝
پرٛزٕھہٕ ہکھ بیب سکینن مزار سَپہٕ تُم تَس زِندانے ۝[1]
سرٛاہٕ زٕٹھ کرٕ گھ دفن کمن سَپہٕ تُس زولانے ۝
سو بیب بہٕ خواب ڈیٛشتھ گیہٕ بیدار اُس ودانو۔
یہٕ کیا وُچھم نہٕ کیشا سَپہٕ تُم میانہٕ پانو ہو ۝
اُس بَرِ تلی تلی تھٔ لبل کرانو راتس گاہ پھوٚل یاے ۝
تام توٚتے ووت مُسافر کاروانو۔ پرٛزٕھس رِیوٗ نے تورَے امامے ۝

[1] تس سینم بانٛدی ولنے (نسخہٕ)

آسکھ راتس کیٛا خاب دُ چھانو
ژ ہئے کمہِ حالہٕ وُچھ تھٕہ نغیرالا نامےٚ (ت)
شینچھ بجہِ دیٚبدٕ ہشنر کو ہٕ چھکھ ونانو
منٛے کیٛشت کیٛا دوٚ ہینے باآغامے (ت)
دوٚپ نس اُچھ ونٕدموبہٕ وَنہٕ کیٛا کیٛا
سوٗرُنے تو ہرِ چھُو عیانے (ت)

---

یہِ مضمون ترتیب دِنس دوران تھاوی منٛے نوٚم نسخہٕ برٛونٛہہ کنہِ :-

۱- نسخہٕ خواجہ جعفر مرحوم مملوکہ ذاکر احمد علی (اگنڈ خواجہ قاسم) تحریر رسول شاہ سنہ ۱۲۸۹ھ
۲- نسخہٕ اَمہٕ کوٚل مملوکہ ״ ״ ״ ״ ״
۳- ہکی تہٕ ووشس از انیس کاظمی
۴- نسخہٕ محمد جعفر بٹ (گونی ماکام) سنہ ۱۳۲۵ھ
۵- بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد سال تحریر سنہ ۱۲۹۱ھ
۶- نسخہٕ علی محمد (فقیر اول) تحریر محمد صفدر ابن عباس سنہ ۱۲۷۱ھ

# وان مضمونِ شیر

ہیب زینین پتہٕ نیزن نرِ تُلی تُلی نہٕ وۆدنو مُسافِر لگے بالیو

کِنہٕ خانہٕ دارِ وَدَے مدنو ہو

گبر تہٕ کورِ زیتھ بے کسی زن وَنہٕ بیٹھ ڈولہٕ یہٕ مدنو نبے پو ترس لگے بلایو

کِنہٕ گوبر مالہٕ وَدَے مدنو ہو

ژِ سے شوٗبہٕ ہی اکبر کو چھہٕ کاٗر ہیتھ جاوان شر ہیتھ بالیو

اُسی ہیتہٕ کور آسہٕ ہوے ژِ سے کران گنتھ ژِہٕ کران وصیتھ بالیو

ازدُ چھپے شمرِ سے شانڈ ہیٹھ ترشہٕ کِنہٕ شتراکھ ہیتھ بالیو

تیشدی خنجرِ نے بابہٕ اُچھ وَچے تمی نرِ ژَپے بالیو

-•-

مے ہینہٕ بُنھِہٕ سوٗر موٗتھ تہٕ بالیو مے کُن وُچھان چُھکھ سیوٗدنو سُنتھ آم سوٗراہٕ لدنو

شرمدارِ وَدَے مدنو ہو

کُس ہیتہٕ میثون ہیوٗہ ہیتھ دُنیاس سُنتھِ آمُت چھُ مدنو ہبابا نُدی نوان چھادو کھہٕ لدنو

قبیلہٕ دارے وَدَے مدنو ہو

دوٗستنوٗ اوس سرافراز کُرن تعزیدار مُرِتھ سردار بالیو

ژِہٕ مُرِتھ رُٹتھ کوٗ ڈکھ سون بیمار چھون خاندار بالیو

سرفرازی یہٕ کِنہٕ دولہس دستار گوٗ ندٔکھ ماتم دار بالیو ہو

-•-

ہو میانہٕ بأے جانہٕ دوکھہٕ کانٛ لتشانہٕ گو میثون یدنو انگ بیم نہٕ زانشہٕ زدنو

رنگہٕ رنگہٕ وَدَے مدنو۔

مرگن ہشنگہٕ منگہٕ نرِ زنگہٕ ترِچہٕ نم ملکہ دُیت نم بُشدنو   وُدیہٕ گوٚبرٕ خلخالس بالو کینہٕ یاےٚ کاروانس مدنو

لبل کرا عباسٔ پہلوانس کینہٕ اکبرٔ جانس بالیو

کینہٕ وَدے مہرازٕ قاسمٔ جانس کینہٕ تہٕشدِس ماشٔنزٕ خانس بالیو

نتہٕ وَدیہٕ فاطمنِس مہر ینہٕ پانس وۄنہٕ زانیانس بالیو

نتہٕ وَدٕنا ...  ...  ... کینہٕ بوندٕو پانس   بالیو

•

نتہٕ ولہٕ مہٕ شہید شاہ مُسلمےٚ بأے مدنو   رَتھ وندے تمِن موختہٕ دُشدنو

یمِ کنو ستی نٔرِ تھ ییے مدنو ہو

کَگے جایہ جایہ ژھایہ رودٕنس لوٚکہٕ گرَن تہٕ مسجدنو   ریزٕ ریزٕ کوٚر ہے بُشدنو

وفادارٕ لگے مدنو ہو

منےٚ ہیاتمی دلوارن کھٹرم کمر یتھ دِژٕ تھ زٕےٚ کفر بالیو

یُتی کنز نیز لوے ہے بے نیر نزٕ وو ہکھ بتھ کِنی ییقر بالیو

اُکی نیے شمشیر ییے نیے رسیر نیو ہکھ گنڈ تھہٕ یےیر بالیو

بامس بیٹھ کھارِتھ ژوٚ ٹھے سر تن تزاو ہے ییقر بالیو

•

منقول از نسخہٕ مرحوم ذاکر علی محمد فقیر (اول)

مملوکہ ذاکر محمد شفیع صاحب بمنہ بڈگام

# مضمونِ رو

یا اللہ میٔے توٗگ نہٕ حمد چون زانٕہ بروٗئے نادانی سپنٕہ
کمہِ موکھہ جائدن روبرو۔

عرقِ انفعالہٕ ترٕ نفہ چھم روخسار۔ دِتم آبرو منٕہ کرتم شرمسار (۱)
میٔے کرٕ یہ ہمیشہِ روگردانی ۔ دمہٕ نبجہ کیاتی انٕہ ہم برو (۲)
روے ریان کوٗزنس بہ گونہگار تھوٗونہٕ خطاہو میٔے روئے استغفار (۳)

یا اللہ ژٕ یے ستارعابن پردٕ پوش چھکھ اَسہِ شرمندنو (۱)
کنہ جایہِ روزو روپوش تہٕ چھا خلاصی پٕندنو (۲)
اَسہِ عابن جایہِ فضلہٕ سوا چھا صوٗرتھاہ چھپٕہ آئینہٕ سون حال (۱)
چھہ اُمید اتہٕ نہٕ سانی زِشتی گوناہ چھن جایہ عفوٕکس جھینٕس (۲)
بیھہٕ نہٕ اَنان عکسِ روئے سیاہ کُنہِ رنگہٕ تیرگی آئینس (۳)
اَسہِ تے روسفید کرکھ تہٕ چھے قو درکھاہ بیچہٕ آئینِ سپہ ہس آئینہ
چھِہ کرانے (۴)



یا اللہ چھہ شفیع سون چون روشناس خیرالبشر رحمتک آبرو
ییٔلہ دِیہ جلوہٕ شفاعت تِہندِ بیہِ بروئے کار سپنہِ چہرہ گوناہ ثوابس
ستی آشکار (۱)

---

۱ شرمندگی ۲ بروٗنٕہ کُن ۳ دکھاونگی بنفسی ۴ گونہگارن ۵ بدصوٗرتی
۶ گیٖنی ۷ گٹہ، گوچر ۸ ششتر ۹ ابروئے کار انسخہ محمد جعفر بٹ گونی
۱۰ میٔے نوگ نہٕ ونن (نسخہ امہ کول) ۱۱ کیتھہٕ پاٹھی (امہ کول)
نوٹ :- یہ مرثی چھنہٕ خواجہ اکرس رونہٕ آمتٕہ

دیُت سُجد آدمس ملکو ہیتھ رونہٕ تہٕنٛدٕ ے محراب ابرو۔
شہ ملیح وجیہ مقبوٗل پروردگار تنتہٕ حسن یوٗسفس کساد بازار ⊝
وُچھاو ماہِ کنعانن برویا سُجد کران ماہ و مہرو ⊝
ڈیشہٕ ہےٚ ہینٛہٕ بخواب شہ رویا کھٕڑہٕ ہاوسی نفٕہ بیہ بابرو ⊝
گوڈٕ خالقن ارض وسماء اوٗن روٗنما اَدٕ مدعائے لولاکن ہوٗون جمال ○
تہٕنٛدٕ ے توجہ گو پیدا رونق دینس تہٕ اُسمانس ⊝
تہٕنٛدٕ ے روزِ ولادتہٕ پیٚیے جاںبجا۔ ٹُھکہٕ رکنی بُت ہیٛڈ زمینس ⊝
تہٕنٛدٕ ے روبہٕ گو بہٕ روزگار ہوٗیدا۔ تہٕنٛدٕ عارضہٕ کہٕ عارضہٕ دوجہانے ⊕

## علی

چھُ غازۂ چہرۂ ایجاد شاہ آبروئے بحر و برو
آغازۂ عالم آبہٕ سُتہٕ پرس دِ بہٕ دیدار۔ اٰخرۓ بیرو بہٕ زبین لعیہٕ منزہ سُین پدیدار ⊝
مٚے غازیٔ دینِ مُبینن روزِ غزاہ شہ ببرو ہز برو
پھیران رُخ یتھٕ طرفس ہیتھ دوروبہٕ ذوالفقار روہین نن تڑلان
دِوان پشت رُودار ⊝
ازے بو حضرت شاہ جنابس دوست یکرو ⊝
زینہٕ دوہہٕ تانی کرنہٕ اُچھ وایاتی نہٕ کرِ رویُت آنسر ورو ⊝
سیُن شبِ معراجہ پردۂ جلالہ حضرتس مُواجہہ شکلا۔ وُچھنس وارِ
شاہ سُند خط و خال ○

---

۱ ہمہ ۲ خوبصورت، نٛشہٕ یون ۳ سٛروگ۔ ۴ مُراد حضرت یوسفؑ
۵ خواب۔ ۶ نون
۷ کزُل ۸ روزِ جنگ ۹ شیر ببر تہٕ بہادُر ۱۰ فولادی تن
۱۱ ہدیوار ( آمہٕ کوٗل ) ۱۲ روبرو

تمے وَجہہٕ یادٕ ڈوٗہہس وجہہ اللّٰہ رٲد یتہٕ شُبہا تتھ شُبہس عفر تس ⊙
واتِتہٕ کوٚت فکِر اَتہِ گژھ ھہٕ ہیولاہ ۔ اوس گیاہ مانے تتھ صوٗرتس ⊙
اُس پیشانی شُاہ نہیٚژ یرٕ جِلا ۔ تتہٕ نوٗرِ حق اوس تاباں نے ⊕



بوٗزُم زِ کوٗرکھ پادشاہِ جلبس وصف جمال پیغمبرو ۔
دٕ ڈوٗہہس اوس تہِندٕ موے تا بدارتہٕ روشن انہار معنیٚ یُوۄلِج اللَّیۡلَ
فی النَّہار ⊜

ببیٚلہِ اُسی واکران مرجان لب موختہٕ ہاران سٕہ والا گوہرو ۔
تہٕندین دندانِ مبارکن بے ادبی دپٕن موختہٕ ہار تیتی اُسی آبدار زِ
لبہٕ ہے یہٕ تتہٕ موختہٕ ہار ⊜

اوس افسوس کھوان بنیوٗم یہٕ دیدار رٲدُم دِلس منٛز یو ہے آرزو ⊖
راتس گژھان اُیژ بے قرار ڈیشہ تا بخواب سہٕ عارضو ⊖
اَدِ دٕ ڈوٗہہس چھُ تہٕندس شاہ حُسینس اکھ فرزند اکبر شاہ سہٕ وُچھتھ
گژھان جنابہٕ شُند خیال ⊙

آنخِر تہٕ شُند لول یُس لِوان سٕہ دُچھان تُتھ تس نازنینس ⊙
چھُس عمامہٕ آنسرورؐ موکھہِ بیران تہٕندٕ ے تسلی چھُ مدینس ⊙
اَدِ تہٕندے شوقہِ دژاو جلیک پادشاہ ۔ ڈیکی گنی مدین کتھ اوس
لارانے ۔



---

ؐ مطلب زن اوس کھورو بدلہٕ ڈیکہٕ سِتی پکان

اَداوس خوشی بَران دِلس شُنز کران بوٗ وُچھہن شہزادِ اکبرؑ

ہَے ہے کیاہ چھ کران قضا کار عوشواز کرِ   دوہہ کربلا بکہ میدانہٕ

ژنزی بیٚوٗس گزُار ⊜

وُچھِن حوٗنس مَنز پیٚو مُت شہید واراہ وُنہٕ ژھر ٹھٕ دِوان تچھان

کھورو۔

کینہہ ریش سفید کینہہ جوان تہٕ کینہہ شُر خار۔ آبہٕ پَنزی ٹیٚر گاٚمتی کم گلعذار ⊜

بُتھس بُتھ لاٚگتھ وُچھِن شہید جوراہ تِمَن دوٚ نوٚنی آمُت اَکُے بنیرو ⊝

اَکھ چھُپز داراوس بیاکھ اڈ کھوٚراہ زن ماٚلی تھِپھر نالہٕ موٚت کرِتھ چیرو ⊝

رَتہٕ ماٚ تنز لاگتھ مہراز دستوٚراہ زَن تارنے کوٚرمُت کارِ خیرو ⊝

بیاکھ معصوٗماہ تَس ناٚلی ژھُنز راہ۔ تہٕ کَنِ کنہٕ دوٚراہ یوٚت مہراز یاٚرمُت

سُہ تصویرو ⊝

بیٚیہ وُچھِن لب ڈری یا لرتزاوی نَتھہٕ سرواہ شہیدن سِوا۔ تَس ناٚلی

خاٚلی مَشکاہ تہٕ تتھ کوٚرمُت غربال ○

چھوکھ تَس اَندٕ وَندٕ کرِی ہتی بَند بَند جُدا۔ ژچہٕ مزِ بَز وُنہٕ علم رُٹتھ

ستی سینس ⊜

پھیران گُراہ اَندی اَندی دِوان وَدِ نکی صدا رَتہٕ بوٚڈ عماماہ اوَ یزان

تَس زینس ⊜

بوٚزُن تہٕ لوٚت لوٚت سُہ شہید اوس کران شُکر خدا سینٕثوٗس فِدا امام حُسینؑ ⊝

یہ احوال ڈیشتھ سُہ پادشاہ گو حیٚولا۔ دیوانہٕ زَن میدانس

اوس پھیرانے ⊕



اِداوس بیوٚن شہیدن ڈٔ ی دِوان سو کھۄ مو کھۄ توٚتے دوت برابرو
بیٚتھ اوس بیٚوٗمُت سُہ شبیہہ رسوٗل مختارؐ۔ تُہنٛز صوٗرت وُچھان
وُچھان سپُد نقشِ دیوار ۞

وُچھنس گاٚمژ[1] رٕتس تہٕ میٚژرِ تل نوٗر بیشاٚنی زَن آفتاب اوٚبرس اَندرو
آس وُچھتھ سُہ ابروکمان جِگرس کان تہٕ کوٚرنس گدٲز۔ پھُٹس نظر
پیوٚ بُتھِ کَنی بہتر یکبار ۞

نُشدی گیسو وُچھتھ گو پریشان پانو یہ کیشاہ چھُس بوٚ ڈیشانو ۞
یہ زَن چھُ شاہ اکبرؑ بُلندشان مو یہ مو یہ چھس تیمے نِشانو ۞
کیشاہ سناکیاز وُنہِ چھُ واٚجی ژہان دِلو واٚژہٕ چھس مرہٕنی ترٕلیشانو ۞
پھولہٕ وُن چھُس تیتھے غنچہٕ دہان کیاسناکو پیٚژی وُٹھ چھُ پھیٚشانو ۞
اوس وُچھان ژٕو پور بُرقعہٕ رُژھ ڈیھٕ بہہٕ بیباہ۔ وَدان زار زار
بُتھِ دِتھ رومال ۞

(ودان) پانس سیتی ژٕسے گبر ہیتھ بکجا پانو بوٚ کیشاہ کرٕ سکینسؑ ۞
بوٚ اُسیر پانس واتا باکیہٕ جاٚنس بیمارس مِسکینس ۞
اُمیس مے رو برو لوبہ ہم سیٚھٹاہ کرٕ پام زار پار شِمرِ لعینس ۞
اُنی تیٚنو بُرقاہ تو ہیرِ وُچھان چھُو عالماہ آسِو نہٕ پان تہٕ وان روح الامینس ۞
دوٚہیم گژھ فرِی یادی بابس چھُسے غارتھاہ مو کلاٚوی تن زین العابدینسؑ ۞
یہ نے مرِ یلکل ووتھِ وسخاہ بابس امیرالمومنینسؑ ۞
اَدِ نس بیبہ کُن وَدان لاریو وُسہ پادشاہ صاحبہٕ بوٚ چھس
غارزان بیٚنوٗمُت کیشاہ چھُ طوٗفانے ۞



[1] بیٚژلان (امہٕ کوٚل)

دِوان ہُنز بُنزِ دپس زینب کبریٰؑ ژٕ تٔے چھے نا باکینہٕ خبرو
اَز یٔزِ یدٕن جہانس کوٚر گیہٕ کار۔ حضرت رسولہٕ سٕنڈ ہُنٛزٕ اَز گرٕ وبار ⊜
اُسی کور تُھہنز ے کریکھ درٕ بلا یم چھ مارٕی منتی تہٕنٛد ی گبرو۔
یہٕ وُچھتھ نا دارِ چھوٚت ییوٚمُت لرِ بھٕرِ تٔل ہتھ جگرٕ پارٕ۔ یوٚہے گو بوے
میٛون اِمام حُسینؑ ٹیڈی بائِن یادگار ⊜
اَدٕ سُہ پادشاہ تِتھ جایہ گولاران شاہ اکبرؑ ییتہٕ اوس ڈولانو ⊝
دار کڈان اُنٛدی اُنٛدی اوسُس پھیران ژٕ تٔے زِنٛدٕ اُسی بھٕ کوسے لولانو ⊝
سوٚر ملہٕ نانو جوانہٕ کیاہ چھے جان سوٚر ملہٕ نوٚر بیشانی پھولانو ⊝
شوقہٕ جایہٕ آیٔس بو دوران چھم جایٔ دژٕرے مٔے کرے یہٕ زولانو ⊝
آیٔس زِ ووٚنی ژٕ تٔے کرے دیداراہ تراٚدِ تھ پادشاہی ژھنٛڈان
کوٚہ تہٕ بال ⊙
مٔے اوس جنابہٕ ہٕنٛدِ رویکھ رۆدمُت تمناسہٕ بُتھ کِتہٕ اَنہٕ ہازِ
بُتھ وُچھس ⊝
برٕ یم براٚنٛتھ پی ووٚنی ژٕ تٔے کاسے لولاہ۔ زٕن کر بأم زیارت تِس
پادشاہس ⊝
وُچھنہٕ اَز کمہٕ بُتھِ وُچھمک یہٕ ینیوم کیاہ بروٚنٛہ کوٚنہ واژٕ اُسس
اُکی سے دوہس ⊝
بلاے میٛانِن اُچھن یہٕ اَز چھسے وُچھان کیاہ۔ نوٚرِ دیدٕ ہٕنٛزٕ ہٕنٛدِ
شبیہہٕ رسولِ سُبحانے[ا] ⊕



---

[ا] شبیہ ظاہر (نسخہ امیٖر کول)

آسہ روشنہن مو کلنچ چھیہ صوٗرتھاہ کرُوے پننین عملن نظرو
بمو عمرِ ڈلکہ گٔھہ بوٚے ہمیشہ روزٕ دار تہٕ شب بیدار تمنَ تہِ پَننہِ
عباۭدژ بیٹھ کینہ اوسنہٕ اِستظہار ⊜

تموٗ نہِ خلاصہ یہِ ہنز وُچھ لیٛٹ وتھاہ وُدن شاہ حُسینؑ زونکُ دین و
دُنی یٛہک آبرو۔

پٔرتھ سہنمازِ پتہِ وظیفہٕ کینہ تَس ودان آسی زار زار دوٚیکھ زِ مو کلوے تہٕ
اِمے روبہ آسہِ بخشہِ پروردگار ⊜[۱]

خلقو وَدِ وُنِس یَس چھُنا پٔننے فخر آتَس جنابؑ اُچھنے چھُ وُچھانو ⊝
ہارِیُس نِہندِ ناوِ اکھ قطراہ نتھ ملک اُچھن منز رچھانو ⊝
چھہ ہلم دارِتھ آمژ فاطمہ زہراؑ محبو کونہ چھُو منز چھانو ⊝
ذاکرن اُکی لیٛچھمژ وُچھم جان غبرا سنگدلن کرتھ اُنی ژھ چھن مثال ⊙
لیوٚ کھمت چھِن امامنؑ کرہ بلا منجاوٗ آباہ ۔ وُتیٚہس نہ کوٗفی ترِ بِش
رَٹہِ نَس ⊝

توٚہہ آسنہِ آب منگان چھُو رسالتؐ ماباہ، کیتھاہ پَرنہٕ[۲] اُچھ وٹنہِ تہِ
اوٚشِس کھٹنَس ⊝

کوٗفیو روٚٹھہس آب تہٕ توٚہی دِیوٚسن نَے اَکِہ قطراہ۔ اُدٕ دشمنس تہ
دوستس روزِ فرقاہ نَے ⊕



خلقو لیٛکھان ابن بابویہؓ حسرتھاہ سَند اَرچ چھِے معتبرو
آسی ترٕ ہن دوہن کرہ بلا ڈولان شہید ناچار بیمہٕ ابنِ زیادٕ تہٕ واتنا دی نہ
کانسہِ مزار ⊜

---

[۱] عاصین (امہِ کوٚل) [۲] پڑیا    نوٹ:- اَدے آسی از برونہہ ۳۰ ہن دوہن نام
اکثر مومن سہنمازِ پتہِ زٕ ژور مصرِ مرثیہ پٔہندی پران (م۔س)

اُس بنی اَسَد نکھہٕ کربلاس آکھ جماتھاہ لۄُز کھ زِ شہیدن ننیو نہٕ مقبرو
یہٕ لۄزِ تھہ نہٕ ہِنزن زنانَن ہیوٚتُن نار دۄیکھ مردن ہِنٛزن ہیٚکی چھو توٚہی
دیندار ○
یہٕ دوچھہٕ ڈولان اہلبیتِ رسولِ خُدا ندرن تو یہ کیتھہٕ چھو نہٕ درو ○
ڈیٚکی نو ڈیو کیاہ جواب فرداً لگہِ دعوا ییلہٕ محشرس اندرو ○
دۄیہکھ چھہٕ ابنِ زیادن کوٚر مُت منع، یُس یمَن دفن کرِ تس ڈَند تھوان
چھہٕ حلال ○
یہٕ لۄزِ تھہ زنانو دۄیہکھ ہاران رتھاہ ہے ہے حیف تُھندس ہیٚکس غارتس ○
توٚہی چھو ہِنٛزن جایَن کران راحتھاہ یہ دوخانہٕ ویران کوٚرکھ حضرتس ○
حضرتِ زہراسؑ چھہٕ مُصیبتھاہ بوزان یاکھہٕ یاکھہ سارِس راتس ○
توٚہے چھو کھوژان وونی اَسے دیور وخصتھاہ اَسہٕ کیتھہٕ تاب ییہٕ
ہیٚکس حسرتس ○
مارِ نے گژھو اُسی نہٕ پھِرنی روزِ کیتھاہ۔ شاہ ہِنٛزن کورِن
اُسی قوربانے ○



زنانَن ہُند لۄزی نِتھہٕ مردن آیہٕ شرما۔ لۄگی یُڈی یکبار دژاے گرو۔
قتلگاہ وٲتِتھہٕ یانُس کوٚرکھ مسمار، وُچھکھ بدن اکثرن ریزہ ریزہ
کوٚرمُت نہٕ تِلنس نہٕ وار ○
وُچھکھ کینٛژھن سرِ ژِھج مٔژ بدن سارِی بے سرو
اُسی نہٕ کانٛسہٕ پیٚژ زنان گاہ مُتی اُسی حیرِکار، ناگہ نقاب پوش سواراہ
قِبلہٕ کِنہٕ سپنکھ نمودار ○

---

۱؎ پگاہ یعنی محشرس منٛز

تَس نِشانہٕ زٕنجرَن ہُنٛد حلقس تہٕ گلبن سُنٛبر رزاہ ۔ زَن بیمار گرٕ س
بیٹھ گیرانو ⊖

دٕ ہینکھ ییتھ جایہ تو ہیہ کیاہ چھُو عرضاہ کوہٕ پتٕری میدانس چھُو پھیرانو ⊖

وداں وداں سارٕ دٕے کوٗرہس عرضاہ اسی ہصائبہ گاہتی چھ ییرانو ⊖

آیائے زٕ برا خدا دفن کرو کھ یم شہداء چھُ کیاہ موٗرٕ ڈولہٕ ناوٗن ھُوبال ○

ہصائبہٕ سٔر رؤس سَر چھُپنہٕ سینان کانہٕ کیتھہٕ پأٹھی ساوو کھ مزارس ⊖

یہ بوٗزی تھٕ کٔڈ آہ بٔڈ تٔراو یاکھاہ لُج اُشِس دٔگ تَس سوارس ⊖

دٕ ہینکھ ہٹے ہٕرو تہٕ کٔن واتنأ دیوٗن یس اکھاہ بوٕ دٔمو ناو چھُس کیاہ
نامدارس ⊖

اَدٕ اَکہٕ اَکہٕ ہٕرو تہٕ کٔن اُہنَس شہداء بیوٗن بیوٗن اوسکھ ناو ونانے ⊕



اَدٕ بیلہٕ اوہَس بدن مبارک سیدالشہدا ؑ اُس تتھہٕ یوان بوُئے عنبرو
یانٔ تتھہٕ بدنس کٔن نظر کرِ شہ سوار ۔ تھوو نَس ہتھہ تٔڑی متس حلقس
پیٹھ سیٖن بے ایختیار ⊖

شہ بدَن تہٕ ہیوٗر ووتھہٕ سوارس نالہ متہٕ رٕٹہٕ زٔٹہٕ متہٕ ۂٹہٕ نالہٕ زٔھٹہٕ
میثانہٕ پو ترو ۔

چھُم لول آمٕت خیر چھُپہٕ اوسہم بیمار ۔ سر چھُم تہٕ اُچھ وندٕے بوٕ کیتھہٕ
یأٹھی کرے دیدار ⊜

آہ اَکھہٕ چھم تہٕ تتہٕ اوسُم تمنا ۔ زور نالہٕ موٗت کرٕ ہے میثانہٕ پو ترو ⊖
وتہٕ وأتٕھ اُکھہٕ رٔٹ بو کرٕ ہے نا ۔ یم زٕنجر کیتھہٕ زرٕ ہے میثانہٕ
پو ترو ⊖

بیمارس باند ہنہ تے زاشہ یہ نے زن مرہے مثبانہ پوترو ۞ پوترو ووِنی کرنہٕ پننس باپس بیکسس ہنہ زاہ چُھکھ ووِنی امام ژِرے نہٕ حق نکھہ وال ۞

اَد ہشرٔ ایِن پانے ایامس کرٕ کھینہٕ قبرا تیار لو جانہٕ لحداظاہر گیس ۞ بنیران ننہٕ بوئے مشک وعنبراہ لحزہ ہندِس نشاندس کُن نظر پییس ۞

وُچھُن نہٕ اِستادٕ ووڈِ نوّن سرور دوسری دُچھنہٕ کینہٕ گوٚبرٕ مول نشاہٕ درینٹھ بیبس ۞

کھورِ کینہٕ شاہ حسنؑ قبر دِتھ ھقراہ، بہأرکری نفہ کفنس مولیس مولیس ۞ کھورن تَل لیل کران حضرتِ زہراؑ شنؤد گوم پوٚترو آزی ہو مولیس ۞

اَد پانے قبرِ بیٹھ اوٚسُن سیدِ شہداءؑ کُنی لحز منز واجانے ۞

## علے

سِر کینہٕ بَر دارِس رسولِ خوداؐ زٹی ہِنس ہٹس کفنچ کرِس سرورو۔ دِلیَن تَنتھ جابہٕ مینو کھٹاہ سُہ بزرگوار پوترو یہ چھُ مینون بوسہٕ گاہ نہٕ یاد چھُے تالوکیار ۞

باکھہٕ ژھٹان شاہمردانؑ شہیدس رتِس کمرو۔ نہٕ بِنا عابدینؑ شہس سپُن مددگار دوٚپُن بہنہٕ بہ ہیکس نہٕ مدتک چھُس آزار ۞[1]

پانہ لوٚڈ زہر لد حسنِ مجتبیٰؑ پننس بأے جانس رٹس کھورو ۞

---

[1] بہ ہیکم نہٕ تامِ لیتھ چھُس آزار (امہٕ کوٚل)

رَسہِ رَسہِ بانْس عابدین شاہؑ ۔ ساو تہِ شبیرسس قبرو ⊖
اَدِ بانْس پُرِ تھِہ فاتحا پانس ہشرائین شاہچ وتھاہ بنی اُسد
رُٹتھ دامن کرنس سوال ○
دَدِ بِہس توہِ کم چھُو ژُنی نوٗ ناو چھُو کیاہ ۔ کیاہ ہصاؑ یہ وآنو امامس ⊖
دَدِ بنکھ بو چھُس وٲرِث تہٕ ناو چھُم عابدین شاہؑ اہلبیتؑ ہیتھ
گرٕ ھُن چھُم شامس ⊖
یُننے ژُنی تھِہ تْرو تہٕ کنہٕ سپنکھ ناپیدا یُتی اسد نُتی ییہ ودانے ⊕

علے

# وان

اَدِ نچ باکھ دیُت چاک ہیو اَسہِ بُرقعہ چھُی نو بآے جانو
اوےسول خاک لگیو اَسہِ بیبہِ کُنہٕ اتھہٕ ودنے نو بآے جانو ۔
شُر منا کہ ہتہٕ وَد تہمے بآے مالینو ⊕
چھکھے ودان ستم مابین روز دلو انو بآے جانو ۔
بُرقعہ رٹھن ڈیشہٕ تم ماکرلیتہٕ نم ماچھ دایہ کنہ ہیبہ پانو بآے جانو
بوتہٕ صآیہ ناوچون ہیمے بآے مالینو ⊕
بوٗ دنکھہٕ داتم بوے شاہ حسینؑ اوس سن پیے کو چھہ رچھانو بآے جانو
سنتہٕ دیکھ دو دِبیہِ چھس اماڈیکس چھو کہ چھم لشانو بآے جانو
اَے سینی پیرزنان چھمے بآے مالینو ۔

---

لہ یہ چھُہ تأریخی صداقتن برعکس بلکہ جناب زینبؑ اُس امام حُسینسؑ کانس بینہٕ ۔

ووٕ نی ظالِم بوزٕ ہن تیھنٕے اَسہٕ یا ٔنٛدی وانو یأ ے جانو
نتہٕ ڈیشِتھ ہیبہٕ یٕنے زاشہٕ واہ بیزٕ پدن درٕ خانو بأ ے جانو
سوٕ ے نتھ چھمے بأ ے جانو۔

نتہٕ موٕ ہنے سارِ نی تہٕ مارٕہن تہٕ نے آسو یأ ے جانو
نتہٕ یامہٕ نے دیہن ہیہن نٕے مٕلی میثون جانو یأ ے جانو
چھون دوٕ کھ مشان چھمے بأ ے مالینٛو

•

نوٹ:۔ یہٕ مرثی لیکھنہٕ وِزِ تھاوِ متے ییمہٕ بیاضہٕ پیشِ نظر:۔

۱۔ گلشنِ مراثی جلد ۱ ازٕ حکیم محمد علی مرحوم ۱۳۰۸ھ
۲۔ ۱۲۔ بیاض مملوکہ حکیم طاہر حسین کتبہ احمد علی مرحوم ۱۳۲۵ھ
۳۔ بیاض مملوکہ ذاکر احمد علی (اگنٛڈ خواجہ قاسم) کتبہ امہٕ کوٗل
۴۔ بیاض مملوکہ سیّد حسن شاہ (دولت آباد) کتبہ ملا طالب تہٕ منشی محمد عباس ۱۳۲۶ھ
۵۔ بیاض محمد جعفر بٹ گونی ماکام کتبہ مرحوم رسول بٹ ۱۳۲۶ھ

# مضمون قفس

یا اللہ کرِ تَن دِل کُشادٕ وسیع فضا میٹھون قفسِ سینے
چھُ گو ہوٗ سَتی گومُت تنگ وتارو انتھ منز کبوترِ دل
گرفتارو (۱)
چھُس گژھان دم بَنٛد ہر دم دِم والپِسینے
حقا کمہِ شُبہ کرِ باہو گفتارو چھس گژھان حلقس حلقہٕ
نفسچہِ نارو (۲)
تہٕ گمُت ہوا وہوسہ کین دامن سینس قفس تنگ بس نہٕ مو کلے (۳)
چھُس کلہِ کڈنس گاہٕ منز کامنِ نفسِ سرکش چھُس کڈان کلے (۴)
چھُس گومُت نالِ طوق دُنیا چھُس نہٕ نفساہا فارغ بائے (۵)
یا اللہ ساری معرفتہٕ آشنا چانہِ اصلہِ نشہِ وِہ پرو (۶)
بلند پروازن وصُلک آشیان ژھانڈان موٗر دِوہ دریو (۷)
بوٗر کھیہٕ قفسِ جسمک پروازاہ مرغِ روح کرِ تھ گو کھ پروازا (۸)



---

۱ یلہٕ ۲ مرِنٛ آن ۳ ٹیزی پائٹھ، واقعی ۴ والہٕ واشہٕ
نوٹ :۔ یہٕ مرثی چھےٚ ذاکر علی محمد فقیرس وننہٕ آمژ۔

آے یم قدسی آشیان عالیشان بر زمینے
ہیو تکھ نہ تنگنائے دُنیاس منز زانتہ قرار و اُسی پنجرس
زن لدی منتی وار و ۞
اُسی کاشیان زِ چھ صیادِ اجل مدام در کمینے
کوُر کھ نہ اکہ دانہ آرام اختیار و ہمیشہ راتھ دوہ مرنس رودی تیار و ۞
چھوُر بوُر نہ زانتہ غیرالانامن مالِ دُنیا ہک بوُر کھتہ کینہہ مُلے ۞
اوسُس بینیتہ تکلیف رٹنتھ دامن شتہ یہ دامگاہ کرِہے نہ منزِ لے ۞
اوس ژھنڈان کوہ سارتس دنیا ہیچ وعشتگاہ ہا کھوژان ولبم مازالے ۞
تاجدار سے کبوتر حرم بام عرشہ نشہ گذر یو ۞
سأری جرحی ہارن دم کرِ تھ تتھ تھفرِس نظرو ۞
تیوت کھوت عالم بالا اڈوتے شہیرس تھوک پر و بالا ۞

اما شاہ دم ساز ہر جا بوس ہمنشینے
اوسُس نہ تس ہیو نیکوتر جوراہ غمخوار و تمن یاطن اکے زوٗ
ظاہر زِ مرِ نموُدار و ۞
دبان نفسکے نفسی[۱] تس رسوُلِ امینے[۲]
دمکے دمی[۲] دمہ دمہ نامدار و شاہ نہ تھنزن وتن رکھ
کران نثار و ۞

---

۱ اُمی سُند نفس چھ میون نفس ۲ اُمی سُند خوُن چھ میون خوُن

بوشاہ سُند دولت خانہ بے پرن نامن^(۱) پرورش کرن یس
بیلہِ آو چلے (-)
موکلو وکبوتر بازس نشہِ امام ہمامن^(۲) بازُک ماز دِیس ژُ ٹتھ
بأزے (-)
یاشاہ اَسہِ نہِ چھُ چونے بناہ کرتہٕ حمایتھاہ ہا اُسی چھِ
بے پرو بانے (٥)
رَچھتہٕ یِرن تَل اُسی چھِ پرسنارِ منتہٕ نژاو تہٕ یاشاہ پرو (-)
چنگِ ظألمس آمتی گرفتار یتھہِ بازَس اَتھہِ کبوترو (-)
چھِنہٕ ژَنے سِوا چھِبنس جایا کرنہٕ سون موکلن پایاہ (+)

عــــے

باشاہ ژے رچھأت لارلد کو نژنہٕ سپیر کرتأ تھ بوچھہِ ہوت شاہسنے
دِژ کھ چھگھ یأنس کوترفوجس مدینہٕ لجکھہِ وام کَنڈ کھ لارو
گرکھہِ اُسیر کرہ بلا نا چارو (-)
کرنکھ مرہ ین پنجرِ خنجرَو تہٕ تیرَو ستی بے دینے
لدنکھ سرنأژ شأخن نیزدارو کوڈ ہکھ کبوترِ حرمن شکارو (-)
کڈ ہکھ تژیشہِ ہتین رأچھ آبہٕ دامن بوچھہِ ہتین پھُرِ ژبرِ گکھ
کانہ پھلے (-)
چھوکہ ژری کھ بدن نازک اندامن ژھرکھڑ دیاوِکھ کانن تہٕ کنن تلے (-)

^(۱) جائے امن - پناہ گاہ

ییلہ تڑاُوِ کھ شاہ حسینس نکھہ پھٹکی جُدا جُدا مأری مأری سرِ راہ ہا
زو نہ کھ نوون حلالے ○
کرِ تھہِ اسیر ہیبہ لرٕ کھ بیٹھ وٕ نٹن کجاون اندرو ○
پھرِ وکھ بیمار پرٕ شہرن کرٕی ستھہ زنجرن ہُند ینجرو ○
تس گنڈو ستی رو دمُت نہ زُوا گرمہ ستی پھیٖر کان بھوران
نہ شاہ ○

## علے

اُس بیب زینبس ستی کر اوس لرٕ مٕژ بیب سکینے[۴]
تس نحفہِ کوٗرمُت دو کھو تہ جیلو او نمُت چارو دبیہ اڈ کج
وَدان زار زارو[۱] ○
ہے میا نی پو پھدیدی یوت کیاز کو فیو ہُور اسہ کینے
یو دے پنجرس چھین لدان جانا وارو تس تہ چھہِ گنڈ مُتران
دوان نہ آزارو ○
منٔز اوس پینے قفس تنگ کوٗرمُت کجاون دوہ نی کیاز
پو پھدیدی کرہ ہم ہا نکلے ○
یِم ظالم اتھہِ تے منٔز تڑاون بو پرٕ بیبہ پرٕ ژھینی دوہ نی
کوٗت ژلے ○
بو پھدیدی پنجرس تہ چھہِ کران غلافا وانہِ جانا وارس ناپھ
مالہا منٔز نیو کھ جامہِ کڈی تھہِ نالے ○

[۱] اُس کارِ ہن تڑاوِ تھہِ ناچارو (نسخہِ)

تھاوُ ہس تاپہٕ ژُرنجہِ ٹیٹھ بانے مرتستان چھم زُنجرو (۲)
چھم تمنّا بچھیر ہا لرِلایہٕ نم کیتھ کاڑ پھِرو (۳)
وونے مرہا خدا کر کرِ ژلھنم یم ارسرو (۴)
یہِ بوزان اُس زینبٕ[2] کبریٰ جگرس یلچس نبرا (۴)

## عملے

دوٗ بینس یوہ پھِد بدلچی متہٕ ودنہٕ طاقت، ژِرتے چھیٚ نے ہکہٕ ہانہٕ وچھی تھۆ چانی اُزسر آمہٕ لوکچارو مۆے اکھ ہے کینژہ آسہٕ ہے چارو (۱)
ٲیتھی میانی زُن ہٕ کانسہٕ زا ایکھ زُن ژِرتے بأے اُسی نے زُن ہٕ اوس قبیلہٕ زن ہٕ اُسی قبیلہٕ[1] دارو اُسی ہمیشہٕ مسافرِ اُتی اِتی دارو (۱)
اَسہٕ کراُس زانۂ ہال جامن اُسی تھہٕ نعامہٕ مالی اُسی ہمیشہٕ تالی جیلے (۱)
اِمام کور رہِن پھِروان ٹُنرِی عامن زن ہٕ ستراچھ اوسمت بلکلے (۱)
چھ اَکھٕ لگی اِتی ظلمن تہٕ یامن زِند چھا کونٕہ کرِو تس گلے (۱)
اوس سارِنے ہٕتر جایہٕ عابدین شاہ[2] اُمس تہٕ چھپٕہٕ پھوران شاہ ہا اُسندُے گرٹھیٔا ملالے (۱)

---

[1] ژِرتے (نسخہ)   [2] وطندارو (نسخہ ہا)

پزٕ چھُ ہَنٛنے بیمارِ سِتی بیٛوٗ مُنت پھٕرو (۵)

ہانکلن لمان بیٛلہِ چھس نٲلان اَژان چھُس نَفَر ٹھٕرو (۶)

مے دِہن امان زٕنجرٕ وسان گرٕ ھٕہاتہٕ رٕ ہِس ٹھٕرو (۷)

وہ نے خودا اِشٛدس دردس کرٕہ ہے دوا   اَسہِ مورد لا

اوس یِنٛتے زٕوا (۸)

## غزل

سین سخت وقتاہ سُہ عوشوٗرک پیٛشنے

تمہ سانہٕ عالمس گوگیٛٹ کارو   سیٛن نیٛشتھے ماردارو (۱)

گوٗحالاہ بیٛلہِ گرٕ پہو آل یا سیٛنے

سیٛنی تنٛرٕ ہٕ وُحشتقاہ جانورن تہِ بیٛلہِ تَھپہٕ ٹھارو   تنزٲوِتھ

آشیان ژٕلی سیٛنی فرارو (۲)

بوٗزم بیٛلہِ لر تنزٲو ہٕ مٕژٲس رٕتس متزِ اماً من   تس وُرنی کاہٕ پر

تہٕ و تھرنی کرتلے (۳)

تنزٲوی تھٕ فرش عرشک عالی مقامن   سیٛکہِ تاپہٕ تنزٕ

پیٛٹھ تنزٲو ہٕ مٕژ زووے (۴)

تانی فلکہِ قفسہِ چرخی کوتراہ وُپہان اوس پیٛیس اماسٕ کُن

نظراہ ہا   دُ چھُن شہبازاہ لوٗگمُت زالے (۵)

دوٗیِن زِ چھُ ہُما سون پادشاہ پیٛوٗمُت آنسرورُو (۶)

---

۱۔ بے کس کے تانی قفسہِ فلکک (نسخہ)

سر چھُس نہٕ سَر کرٕ ہا چھُ ما ساقی کو ثرٕ و (۔)
مُرِس اُنڈی اُنڈی چرکھ اوس دِوان تھا دان کھو رَن بیٹھ سرو (۔)
اُمِہ غرِ بیرِ زِٕنُن چھُ سیّد شہدا چھاوِن پَر زٕ میٖنس دِرتن
وِدٕنِکی صدا (۔)

علے

اوس دِوان پنجہ تہٕ سینس ہیوان تہٕ سکینے
شہیدَن بیٹھ رَتہٕ سَتی کرِن پَر داغدارو          والِن پر کاٹُلی
پانَس کوٗرِن پار پارو (۔)
سَینس طوٗفان تہٕ گوٗ وُچھان ہیو لوٗسی تھہٕ اُکس جایہ غمگینے
تَنتہِ آب و ہوا جان تہٕ سبزارو          پھُلِ متی گُل تہٕ گُلشن بہارو (۔)
وُچھن ہیوٚن ہیوٚن جانا وَر بہِتھ تل سایَن          آب چھاوان
بولان خوٗ شدِ لے (۔)
کرٕ یکھ لاٗینکھ تُمی بے نواین رتھ باران چھاوان گُلشن کلے (۔)
توٚہی چھُو سایَن بہِتھ بینن شایَن غیر چھُو ناشہِلی کُل دِرٕاو
مُلے (۔)
چھُ شہید کربلا شوٗمت تا یہ کرٕاین گلُبدَن لگان چھکھ ڈُ لے (۔)
اِہِ بیٹھِ کوٗرمُت چھُس تَنتہِ کی نیشاین توٚہی چھُو. بولان اَڑِ گُلی
کران چھِ لیلے (۔)
ترٕیش رٕ ٹِکھ شاہ حسینس شُرِن تہٕ باین حیف افسوس توٚہی چھُو
نالہ زٕٹتھ کوٗ لے ۔

زبان ژھنہم وَنہٕ موکو یتاہ سێے اُچھو وُچھم کیٚاہ کیٚشاہ ہا
تنتیٚنگ احوالے ⊙

وُچھم پھِرتَل شاہ حسینس موصما تژاُوتھ لرو ⊙
بیٚیہ گگی جوراہ ما آنژلاگی تھٕ پیٚمتی تَس رو برو ⊙
سێے وُچھُم سرو الَر تژاُوی تھٕ سہٕ زن پیغمبرو ⊙
بیٚیہ وُچھُم پھیٚکی ژوٗٹ قدا وارسرو ہُسی پیٚمتی شہید
واراہ ⊙



بیٚلہ یوٗز جانا وَرو چھُ پیٚمہ حالہٕ پیٚومُت شاہ سُنٛد نازنینے
شوٗر مُتلکھ تہٕ لگی دِنہٕ ساری بارو ولسرے لنٛجو پیٚٹھ وُسی تھہ
بیے یکبارو ⊙

ووٗد ہَس ہُما سانہٕ کتہٕ ہیٚے مرگگ ستا ہیٚنے
کوٚت گیے شہباز خبر اُت عباسؑ جاں نثارو
بیٚیہ شہزادہٕ اکبرؑ عقاب سوارو ⊙

اُسی خوٚشی یَرِ مثر گلزارن وۄنی جنگلن پھیرو چانہٕ حلے ⊙
ژہٕ اوسکھ لوٗگمُت کُنۍ اکھ ہزارن مور پکھ بے آب
اَستہٕ تاب انیا دِلے ⊙

اُسی پھیرو باغن کِتہٕ مرگزارن ژھانڈان چون اَڈکوٗل
بلبلے ⊙

ژھانڈو نہٕ باغن کِتہٕ مرگزارن دیٚدہٕ روٗزتھ دوہٕ روٗس اَڈکوٗل بلبلے ⊙

یِہِ وناں لاران آے یکدفع وأنِی کربلا ہا وُچھکھ یِپرَس تیرَو
کوٚر مُتْ غربالے ۞

کینہہ یرَوِستی یکھٕ کرنس شیٚہلیس نا جگرو ۞

کینہہ یکھو ستی رَتھ وو تھرنس کینہہ سایہِ کرنس پیرو ۞

کینہہ یرَ ترَ کرٕی تھٕ آب چھکنس سٕراَنہٕ رَسہِ تہٕ مسافرو ۞

شمعِ وینٕس پروانہٕ زن جُدا جُدا ساری کرنس جان فِدا ۞



یِہ مرثی ترتیب دِنہٕ وِزِ روزٕ مےٚ یِمہٕ بیاضہٕ پڑوشہ کینہٕ :-

۱۔ گلشنِ مراثی تحریر حکیم محمد علی سنہ ۱۳۰۸ھ

۲۔ بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد سنہ ۱۲۹۱ھ

۳۔ نسخہٕ محمد جعفر بٹ (گونی ماگام) تحریر مرحوم رسول بٹ سنہ ۱۳۲۵ھ

۴۔ نسخہٕ علی محمد (فقیر) مملوکہ ذاکر محمد شفیع (بمنہ) سنہ ۱۲۷۱ھ

•

# وان مضمون قفس

نوٗے بناوِ دِ ہیب شہر بان ہیبلِہ ذو الجناحس کھِستھ وڑایو ہو
گٔژھِہ کھ جایو میٲنہِ نِو دایو
مور ہم خانہ دار گبرو سان وَتہِ بیٚھٕ گیٚس ضایو ہو
یٔژھِہ کس دایو میٲنہِ خو دایو

کوٚت گٔژھِہ کیاہ کرِ دِتم مشوٗرِ ہو شاہ اکبرؑ دِیدہ لجیو
پھِران جاے زارِ سر کتھ وَتہِ بیٚھِ مرِ ہو علی اصغرؑ دِیدہ لجیو

یہِ چون مرمرِ ذرِ پھِر قبرِ اندرِ بیمار مضطرِ دِیدہ لجیو
پادشاہ بابہِ داو بیٚوم گبرتہٕ کورِ زینہٕ یہِ کیاہ بنیوم

•

ماجن چھِ شٔری زینہٕ آرزو ینِران گبر زینہٕ ہُران بایو ہو
گوٚبر موج چھیے پادشاہ بابو میٲنہِ خو دایو
اوس کیاہ ازلہٕ میٲنہِ بی چھُم پھیران ہے ہے مرگس بلایو ہو
کم کم گبر سٔے زایو میٲنہِ خو دایو

سٔے دِیام اکبرسؑ کارِ خیر اکرس ڈیستھا لگیم گرس خو دایہ میٲنیو
امید آسیم زینبلہِ مرس واتہم مقبرس کھوزنل نوٗرِ اطہرس خو دایہ میٲنیو

وونی تسلاس سۆمب اصغرٕ مٔٹے سۆزی توم مو جٕلجیو آلوابۆزی توم

•

دنیاس ڈیکہٕ رتہٕ یس بیوان تاوان راوان ینٛن سایو ہو
تونتہٕ چھُ باکہٕ باکہٕ دِوان ینینے جایو میثانہٕ خوٗدایو
چھس خویش تہٕ آشنا آسہٕ تھوٚپ دِنہٕ یوان ستیٛ ستی رِوان نینہٕ مایو ہو
یَس ہنہٕ کو شہٕ آسہٕ تَس یِوان چھ ہمسایہ بایو میثانہٕ خوٗدایو
مے زن مرگُن ساٗلاب آیام کو شہٕ ہنہٕ روز آم مزار تہٕ نہ زِ حصہٕ خوٗدایہ میثانیو
دُنے زن زِندہ روزِ کُنہٕ دوہس بٔہن جاے منٛگہٕ کس اَزٕ کتھ مزارس خوٗدایہ میثانیو
کراگرٚاو نوشیروانس کینہٕ شاہم دانٕش ترم شنوٗنگی تھٕ رۆدی پانس خوٗدایہ میثانیو
بِی توم اکھاہ نکھہٕ مَنتہٕ ترٚاوی توم کُنہٕ یاٗ کٹھی مدیٛن واتناوی توم

•

---

لہ اڈہ یو نقل نُو یسَو چھُ یہٕ مِصرٕ ییٚمہٕ آیہٕ لیوٗکھُت :-
پادشاہ بایہٕ یہٕ کِیاہ بنیوم گبرٕ تہٕ گورِ زیٚٹھ واو بیوم

سہ کھاوی توم منتھا نکھہٕ مَنتہٕ ترٚاوی توم ...

# درختِ طوٗبیٰ

یا اللہ ہمیشہٕ سرسبز چھُہ چانہِ فضلُک درختِ طوٗبیٰ[1]

برسر امیُک بے برگن بیوان سایے کرُن نہٕ کانٛسہِ بیوان سیٖسے ()

چھِس پرُ بار کنیاہ شاخ درشاخ شوبہس طوٗبیٰ[2]

اَسِتھ امیُکی بٔنیٖخ آسمان فرسایے بارٕ ستی لنٛجہِ زمیٖنَن سائے ()

تمہِ کے بیوٕ ندٕ ستی کُل جہاں گو نہالا ()

نتہٕ اوس چیزٕ و کل بلِکُل بے تن او سُکھ نہٕ حالاہ ()

یا اللہ چانہِ اینٛجسانکی سایہِ دار اشجار پرُ اثمار کنیاہ بے شُمار ()

ہر فصل دوان میوٕ چھُہ خالی رُماہ نے ()

فیہما فاکِهَةٌ وَّ نَخْلٌ وَّرُمَّانٌ[4] ()

ژٕ رے کران خستہٕ خشک سبز خو رمو کڈان ژٕ رے چھکھ خارٕ نتہِ

خو رما ()

**علی**

یا اللہ کوٗرتھ اصلِ شجرہٕ انبیاء پنُن حبیبا

تس سدرۃ المنتہیٰ ادنیٰ پایے رٕ ٹِہس طوٗبیٰ اَدنا پایے ()

---

[1] جنتکہِ اکِہ کلیٖکُ ناو [2] مرحبا [3] مۆل [4] تِتھ منٛز میوٕ تہٕ خرمہٕ کُلی تہٕ
داٗن (سورہ رحمان)

نوٹ :- یہ مرثی چھِنے علی محمد فقیرس وَننہٕ آمژ۔

چھ فرعِ[۱] آویز نہٕنٛدی ساری سہٕ ئمبرین مُنیاب[۲]
تٔس رٕنگہٕ رنگہٕ جتنٕچہٕ ڈالہِ آیے ہوٗ کھٕ منٕنہٕ کُلہِ مٔنٛز خورمہٕ دڑایے ⊖
نہٕنٛد سرٕو بالا پُرثمر سمر عالم بالا ⊖
صنوٗبر قدسہٕ نو بر نونہال اقبالا ⊖
تٔس ہٕنٛہٕ ظاہر اصلا سایا اصلاً نخلاوٗ سایہ دار سایہٕ کر دگار ⊙
تٔمۍ شجرۂ مبارک آسہٕ نخل بنٛدِ امکانے ⊖
روزِ کوہٕ برد مند روزِ کون و مکانے ⊖
دِ بہٕ بہی الیوٗس[ع] کوٗرٕن سبز خضرو تٔمۍ از خاک تٔل فلکِ خضراہ ⊕



چُھ کیاہ شیرین شاہ[ع] سٔنٛد مدحکہِ رتبک رطبا[۳]
کام نا جانٔس لذت افزایے تلخی غم گرُایے[۴]
نہٕنٛدِ وصفہٕ سپنان بیان عذبا زبان رطبا[۵]
سپنٕز ثمر میوٕ لذیذ بمن اوس سرو برگ نوٗ لایے مؤل محبت مولایے ⊖
رگ ورِیشس مٔنٛز وٕتھوس حب حبِ شاہِ والا ⊖
پھل جنک دِیہٕ ثمر شجرۂ[ع] وَالِ مَنْ والا[ع]
سُے سرشاخِ امامت تہٕنٛدی حسنین[ع] بار نی برخوردار نشاخِ نبوتکی بار ⊙
تِم دو نوسے نو بادۂ حدیقۂ ایمانے ⊖

---

۱۔ شاخ ۲۔ سردار ۳۔ آیتھ رُوس خرمہٕ ۴۔ تمچ تلخی دوٗر کرن وول۔
۵۔ شیرین زبان ۶۔ تر زبان ۷۔ کہانی، داستان ۸۔ تمۍ سٔنٛد (علیؑ سٔنٛد) دوست چُھ مہٕتھوٗ دوست ۔

رتمہٕ نےٚ کیٖتھ والہِ میوٚ حضرتؑ باغ آسمانےٚ
اوٚشکھ باغن پھیران تاو ماکھینہٕ موٚ فاتحہ کُلی میانی یَڈٕ نمنا

علیؑ

رتمہٕ نےٚ فاتحہ کلُہن واتنوٚ اُمتہو کیوٚ شہہ آسیا

گوڈٕ ژوٚکھ سر شاخ حسنؑ بلند پایہ کوٚرکھ سایۂ خوٗدا ضایہ
دتیہس زہر آبگ سگ دگ وُژھہ سہ جگرس تیٚنتھ کھیٚون ضربا

گو سیر نتھ یکبار سر تا پایہ درخت طوٗباس نتھ ژایہ
رتتھ آب شاہ حسینسؑ ژٕ تتھ نتروٗکھ امامنک نہالا
دوٚشاخ بیٚن سس لدٕ توٗکھ ہتھ خوٗرد سالا
اَد آیہ تتھ کل بیب زینب کبریٰؑ میٚنز لدان ئیٚتر ودان امؑ اسس زاری
زار لگیو بابو بوٚ نثار
ژٕ یہ روٚتتھم بیٚنز کُل شہلی کلہٕ میانہٕ لگیو قوربانےٚ
عباسؑ سروِ قدلہٕ تراو بیٹھ عوبہ آب ژھانڈانےٚ
میانہٕ بانوٗ ژلہٕ بےٚ کوٚت کوٚ شجہ لنگ لنبجہ ژھینہٕ موٚ روٗزم
نہٕ شٕ شہل کرہ نس جایا

علیؑ

بابو بہٕ مولہٕ کڈٕ سے اُمی بیٚنز کلی جایٔ لدٕ تار باہ
اُکس کٔنجہ بیٚنجہ جایٔ ژٕ گنڈتہٕ آیہ بیٚیس لنبجہ
تاپہٕ ژٕ بجہٕ تھوٚوٗکھ سون سایہ

کیاہ کرِ بیمار چون چھُم زردتھ گژھان زَن کہرباہ
یہِ چھُم کران زنجیروسان تیرسَ نَل آیہ گژِاییے ہیے ہے بالیس
آیہ گژ اے ⊖
یہِ چھُم گلُی رٹان تیرِدارسؔ ییتھو مَنہٕ کرتَس یُیتھ احوالا ⊖
ئُڈی با بنس شہسوارس تیرِ گژ اینؔ سو مب چھُس نہٕ حالاہ ⊖
ہیٛبہ نے یتھر کیتھہ پاٹھی ہلم دارسؔ گنڈی تھہٕ نرووُم ٹیٹھ کالا ⊖
ظالموِ یہِ ہو چھُ میٛون بابہٕ نامدار۔ یوٚت مٲری ٚمتس مَنہٕ دِتَس
آزار للّٰہِ بی ننو عار ⊙
گرہ گرِ مےٚ تھٔی منہٕ اسی توسں گژایہ دِوانے ⊖
اَمہِ سِتنہِ گژایہ سِتی جایہ جایہ مےٚ چھم گژایہ یوِانے ⊖
اَسِنڈِ یتھر ییتہٕ تھٔر کمان گیہِ مو نتہٕ زنجرن ہُندؔ او سُم نہٕ پروا ⊕

**علی**

بوزِم صُحی خبراہ ییلہِ گو اِمامس باٚے فوج تباہ
اوس کوٚرمُت مرگن دربلا کرِ بلاییے ییش کیاہ آس یتھ
دُنیاسں بلاۓ ⊖
اَدِ وَلہِ ئُڈی بایُن رِداتہٕ تھٕتہٕرے قبا آلِ عبا[٤]
گنڈ تھٕنڈے دستار وِدان وِدان پِران آییے۔
یتھٕ اوس گنڈان رسوُل خوداییے ⊖
دزاو کژتھ تخت الحنکا شور وُوتھ تیتھُ عالم بالا ⊖

---

[۱] تیرِ دارس (نسخہ) [۲] تیرِ گژاین (نسخہ) [۳] دستار وُک اکھ اَنڈ بلہٕ تژاوُن

زمین گو ینیلاہ زونکھ زِ ؤسی تھۂ ییو عرش اعلیٰ ⊖
ملکن بنیثو حالاہ گو کوِ نۂ عالمس تہٕ و بالا ⊖
اَدٕ ووت امام منز میدانس یانٕ تےٚ سپاہ سالار یانے علم دار یانے سردار ⊙
کرِ سعد قوحس کُف ہلہٕ کرِ یوس تیر بارانے ⊙
اَندی اَندی گندِ ڈ وصف کو نۂ جھیوون ڈلی مارانے ⊙
گوس فوج یکطرف یہ دو جھُ طرف رسول سبحانے ⊙
وُنہ کبن صورتِ حضرت کرنۂ یاد سعد وُ نمس تہٕ تس ما پچھےٚ
تفاوت مویا ⊙

**تعلی**

بوزُم سعد اوس دیار باگران جمعدارن دوان فریباہ
بڑو شہ نیر تیر اندازن سُہ نا غوداپے گوڑ امامس یانہٕ کان لایے ⊙
کُنی سے جانس تِر نۂ ساس لوکھ ضربن یبٹھ اَسی لایان ضرباہ
ولہ سر نۂ زور ونشہٕ ییو حجت نغو دایے ذوالجناحس تہٕ زخمو ستی نٹھ ژایے ⊙
کرِ و ویلا واویلا ویلا صد واویلا ⊙
ئلو سؤراہ ابوالحنوق جعفی اوس بد فعالا ⊙
لایہ کان امامس سرس گزر کرِ تھ گوس نعوذ باللہ ⊙
ییو حوانس منز وجہ اللہ منھان بُنھسِ اوس پران انا للہ ⊙
دِیان گوس پننہٕ رتہٕ سر خرو شکر خدا ییتھے یا تھی مےٚ کرن وانہٕ
مُلاقاتِ رسول مختار اے رُوِ یہ موکلن میانی دوستدار ⊙
اُوس وتھران رتِ جیٚنس تانی سینس آس بیا کھ کانے ⊙

دلہ سر لوِ نۂ زور ونہٕ .... (نسخہ) لایس تیر اسرس .... (نسخہ) مہ ییٚتھ تھِ (نسخہ)

رۄد سیٖنہٕ دِتھ زٔمینَس آسمان اوس خوٗن چھکانے (۱)
ہیوٚ ڈوسنھ گرٕ بیٚٹھٕ اوس ہٕ حرکتھ کرٕتھ ہیکانے (۲)
دوت نہٕ بیٚٹھ زٔمینَس ہےٚ ہےٚ تھوٚد رٔٹنَس کانے (۳)
دستار وٲلِتھٕ ہُتھٕ ہُتھِ دی تۆتَس آغس سٲئنس بنیوو کیاہ (۴)

علی

اَدٕ ییلہِ نہٕ رۄد امامس تیرو، ضربو تہٕ بیٚنتو زخمو طاقت تہٕ تاباہ
تنتُھے رۄد کوٚھٹن بیٚٹھ قُبلَس کُن کرٕتھ سبیعے اوسٕ ڈِچھن تہٕ کھوور
ہیوان بُلند پائے (۱)
اَدٕ اوس ڈِچھن تہٕ کھوور سِپر ڈُکھراوان تتھ بیٚٹھ یان ترٛاوان مظلوم
غریباہ۔
تانٛی ذرع بن شریک شانَس ذی شانَس شمشیر لائے مرسلن تہٕ
نبیَن ڈُژھ ہوٚلایے (۱)
دِوان دَب لڑی زِ ہنا رَب صالح بن وہب آو کرٕتھ ہلا (۱)
لایہٕ نیزاہ امامس ہُتھٕ رکنٕ ڈسِتھ پیوٚ حجت اللہ (۱)
کوٚ چھٕ ہیٚتھ یوٗ نہٕ للہٕ وہس تمہٕ آیہٕ پاہٕ شاہ اسد اللہ (۱)
تِی وُچھان اٚس زینب کُبریٰ خیمہٕ منٛزٕ دژابہٕ یاسے مایہِ بے اختیار
وُچھنس ڈولان دستار (۱)
دِیان اٚس سعدس خبر چھے نا یہٕ زاہٕ ہن پانے (۱)
یہِ دو نماز منٛزٕ اوس ڈِڈی بابس نکھہِ کھسانے (۱)

۱؎ مُعی چھہٕ شریک

آسس کتھ مُقرر اوس کران فکرِ ہیٔمے    وسہم کوٗرنکھہٕ امامؑ کوفہٕ کر ییہٕ دے
اوٚسُس سامانہٕ سورُے تیار واہ ظُلمے    بوٗزُن زِ کربلا مارِ گوشہٕ مظلوٗمے
کورِ ماٰلِس گوس گٹہٕ کار وشہہ ہیوٗس اوس شرمسار    دوٚپُن نہٕ کامہ ٹسہِ گوس
ہول اوس دِلہٕ ہسے ہیٚتھے

عادت اوسُس پڑتھ نمازِ وقتَس    خلوت کرِہے گرٕ ھیم ما خلل
بہان مُصلاس ییتھٕ تنہٕ آدِ نتھ تخنَس    تَسنزٕ عبادت تنہٕ آس مثل
تَس کورِ مُرشد اوسُس تسلی    سو اَنہٕ ہیٚیس سجدٕ گاہ تہٕ جا نمازے

•

غمہٕ سنی اوسُس گومُت درہم برہمے    ودان ژھایہ شاہ حُسینسؑ اوس دمہٕ دمے
دوہہ اکہٕ یانی نمازِ سپنیاؤ عاٰزمے    سو کوٗربڑو نبھٕ کینہٕ آسس مُلازمے
گو بانگہ بران بے اختیار یا ذکرِ محمّد رسول اللہ گُفتار    تنیُتھ غش
آس ودان ییوٚ وُ سِیٹھے

گیہٕ حیران سوال کوٗرنس    یہٕ کیاہ گۓ بابہٕ اَتھ کیاہ چھےٚ عمل
ودان ودان پھیرِ کتھہٕ دوٚپنس    وَنے کیاہ قصا چھُ مطوّل
دوٚپنس بانگ بران زٕلوکیازِ گلی    لِللّٰہ یاؤ توم یہٕ رازے

•

بالبوٗژُنے چھےٚ آمی سے محمّد رسول اللہؐ سُند قسمے    ژٕ نے کیازِ غش
آیے یانی زِیو دژٕ آیے یہٕ اِسمے
دوٚپنس کوٗری کیاہ وَنے نارہیو تمُت چھُمے    شاہ حسینؑ مارِ خطا ہیٚنزٕ وُ چھُمے
اوسمہٕ چون بیبہٕ ودل تیار کربلا پھوٚرمہٕ ماردار    چون مہرازٕ موٗرہم
بابہٕ تہٕ بایے ہیٚتھے

بہ نسبت اُس اَستی دیِد فاطمسِ مێتے اُس ہِنہٕ کاماگرہ مژ سہل
نیہنٛے نوٗرٕ زا نِپانس حوٗرٕ زالہٕ ہنٛے بژوشہ بژوشہ عود و صندل
ڈیکہٕ لیوٗرے ہنہٕ وَدتہٕ پانس ہے ہے بہ کیاہ اوسے ازل
دَبھتہٕ ہیٚنی وو ژٕ کیتھہٕ پاٹھٕ ژٕ تے غفہٕ ژٕلی رووُم تینٛتھ مہرازے

•

توٗرہٕ ئیژمن اوس رسولِ اکرمؐ ئیژمن باے حضرتِ ام سلمیٰؓ
یَیتھ ہیٚنہٕ واُسِ مَنزٕ اُس حضرت فاطمہؓ یِی بِنہٕ ہا ہے ہے مێتے راٰوی تِمے
یَیتھ شاہد اوس پروردگار رضا مِن شاہ حسنؑ نامدار قاضی محشر نکاح لیٚکھہٕ پانہٕ یَیتھے
گوڈٕ نتھ جاٰنس کاغذس مُہر کرہٕ ہے خاتم مرسلؐ
نوشِ کرے نکھ شاہ حسینؑ جنت لیٚکھہٕ ہے مہر معجل
سپنہٕ ہے وکیل حضرتِ عباس علیؑ بنیوٗ کیشا ہتام اوس خدا سازےؔ[1]

•

بیٚلہٕ بوزِ مہر ہیٚنی مہرازٕ مۆدے ماشنزٕ لاگنکھ تمنا روٗ وُمے
اُس وَدان بُتھہٕ میٚشرٕ لدٕ تھہٕ ڈیکہٕ ژٕ گیٚس معصوٗمے یہ کیاہ ڈیکہٕ لانہٕ اوسمے
دوٗ ہیٚنس بابو وارٕ کرہٕ تم اظہار مور کُمی سٕہ میٚون تاجدار نیوٗکھ کتھ جایہٕ بوٗ نہٕ
لار ہِس توٗری ہیٚتے
وَنے کیاہ ژٕ تے شرمدار س مێتے تہٕ واتہٕ مرُن تس کھورَن تَل
بنیوٗ تس کیاہ نتھ لو کپارس ہو ورٕ بدَل ژٕ او مزار بَل
دوٗ ہیٚنس ووٗ ژٕ ہیٚنی کوٚنٛت پشُن ژٕلی سٕہ ماٰری کتھہٕ نیوٗکھ شامس سرافرازے

•

---

[1] بنیو نہٕ اوس کیاہ خو دا سازے (سید ابراہیم رضوی و علی محمد)

اَدِ تراُوی کھۄ دولت دِژہن وست بر ہیے دوٚپن وونی بکار کتھ ژٕ وتہٕ بیچھ موٗد ہیے
ہیٚمژ َن گُنیز دُستنتھ سٕنٛی بینہ محرمے وونی ژھانڈون بُیزمٚن بٲے حضرت شہر بانہٕ محرمے
دیَس منٛے موٚرہم خاندار چھیٖم نہٕ کُن گژھنَس وار منے مہٕ ضایہٕ ترٲوا غرتھہ ندٚے ناوچھ منٛے تے
مردانہٕ رخت ہاہ کوٚرنہٕ پانٚس دژا یہٕ سِلاح گنڈی تھۄ سارِ مکمل
ژھنڈان واتہٕ عسقلانس فِشہٕ باندن ژھنڈِ تھۄ جنگل
ڈیچھکی بِہِتھ ظالم ینیزن وُلی وُلی آندی آندی تیٖر اندازے

•

دوہس روزان ژٕ وشنزن سِتی کران فلکہٕ نوے
ظالم بیٚن سٕنٛدرِ کرِہِم سر بہٕ ژوٚرِ ینمے
یانی سٕنٛدرِ پیے ستمگر برابر آیہٕ تمے
نیکھ سر یکسر ینیزن کرٕتھۄ قلمے
ماری کھۄ کیٚشہٕ ینیزدار شباشب روٗٹکھ کو ہسار
بیٹھی تعزِیَس کو ہَس بیچھ سر ہٕ ستھے
ہیوٚن ہیوٚن بیچھ کِہ ہسارس ودان آسہٕ سارِ چھاوان پل
مہربٲنی مہرانہٕ جانٚس ژھانڈان کران آسِس لیل
آسہٕ ودان سوٚرتُلی ملی ہیوٚن ہیوٚن دوان جازے

•

## وزن سوم

اَدِ سرَن منٛز مہربٲنی ژھانڈان اُس مہرانٚس
سوٗرتُلی تھۄ وو ڈٕ شُنٛی لیل کران اُس سرفرازَس

---

۱؎ ماری تھۄ گے (علی محمد) ۲؎ ہیمہٕ ہس بمل

ژ سےٚ ہیجی نہٕ ترٛیٛشس چیٚنزوٕ وٕنی شرٛبتھ ہٕ لوٚچاوتھ نا

اَدٕ تمہِ مہرٛ بٚبنہِ دِوٚبنکھ ہےٚ پیٚرٛژھ ہُمت وارٕ چھُم بابس
چھُس رسولن ہُند ہیٚو موکھ صاف اتھہار چھُس جنابس
وارٕ چھلی نوکھ یمِ چھیو کھ چھُکھینہٕ رنہٕ سِتی پیٚرٛزان کانٛہہ

اَدٕ سرٛن گلابہٕ سِتی چھلِن اُس نہٕ پیٚرٛزنان شاہ اکبرٛس
موکھن سارِنے خوٚن تُلُن ہیٚتھ یارٕ زان بنہِ سرورس
ہیوٚن ہیوٚن نیٚوٚ ژگُلن سنبلن چھکان خوشبو یا

تانی وُچھکھ سراتابان پیٚرٛ وٕ تراوان ہیتھ آفتابس
تتھ سِتی نورا نشو بان زن سِتارا نکھہِ مہتابس
وارٕ کرٕ ہکھ یارٕ زان اوس شاہ حُسینٛ تہٕ اکبر شاہٛ

ادٕ مہر بٚبنہ واٗج وہ ڈیٚنا کرٕ فرشاہ ہینٛس مدنس
جان شیٚوٚرنس تکمی یاژ چھیم شاہ تہٕ سپیہر گوٚ نڈٕ نس
شہزادس شاہ ہٕندی ہسے سرٛس لاگہِ تاجاہ

لوٚت لوٚت نوٗرٕ ژھاگین نشان نشان گنڈٕ مُترٛ نس
تُلس رتہٕ زاٗج چشمن تہٕ کوکلن شاہ نہٕ کوٗرنس
لگیو اَمہِ نوٗرٕ کمی لوکے سوٗرٕ سوٗرما

اِدِ سارِ آلوان پان جان وٚنِدنس
وونی کٔشاہ کروے خلعتس نِفرٕ کٔڈ ہو گنٛڈ ہوے بدنس
گٔلی ہاوتہٕ صاحبہ کنتہٕ چھی لاگہٕ ہوے مآثرا[1]

اَدِ بادشاہ بأے کرٕتھہٕ سایا مآثر دِ سنتھے نوّے وونٛنس
سایہِ میشانہٕ ژٕ ہئے سِوا غوصہٕ وَنہٕ کَس
گرِ دڑالیس چانہِ مایہِ وونی کرہٕ کیشاہ

ودان دوٚیب مہربٲنہِ دایَن بیہِ شاہ لُدی تون زاپانس
گرُ شیری نوس یانی رِنمہٕ ہون ٹُڈی بابنیس آستانس
دُعاکرٕ[2] ی توسیّد بایَن یُمہِ قآدخانہٕ موکلن نا

لِللّٰہ لُدی تو پیغام یُز من بایہِ بیب شہر بانس[4]
ڈیٚی نوس نوش چھےٕ آہٕژ ہش پھیرٕ ثا بیا بانس
مےٚ اَز مہر ازٕ ڈیوٹھ تشُند گلہِ میوٚ کھٔ مےٚ یِزِ نا

ننہٕ گڑاو کرٕ کیثا ہیب زینبس[5] سو چھم لُجھمژ بآندی وانس
دَپہٕ کیاہ مہربٲنہِ فآطمس[6] مےٚ وڈیا کینہٕ نَپنِس تا وانَس
تَس تہٕ گنٛڈی نتھہِ خلعت مآثر ہوّت مورہس قآسِم شاہ[3]

---

[1] موکھ ہاونم صاحبہ کنتہٕ چھی پآری لگیو لاگہٕ ہوے مآثرا (نسخہٕ)
[2] دُعاکرٕ (علی محمد) [3] مآثر لاگی نتھہٕ مورکھ (علی محمد)

تَس تہٕ میٲنہِ کھوتہٕ آس کوس وُدی نوس ڈ ہکہٕ رسی تِس پانَس
مہرازس وَنِنوی نوس کیاہ بنیٚو تَس نوجوانس
تَس تہٕ وارِو گژھنک میانی یاکھڑ رُوٗد تمنا

ووٗنی کوشہٕ ہیٚیہ مُلی جان میٚون تمہٕ قادٕ خانہٕ موکلاوِتَس[۱]
ڈ ہکہٕ رزٕھہِ انوارِ انوارِ لیل کرہوس دوہس نتہٕ راتَس
سون ہیٚو بیٚیہ کانسہِ سیٚتھ دُنی یاس گومُت چھا[۲]

اِدٕ یادشاہ بابہٕ کرِ کتھہٕ سایہٕ وَنہٕ ہے مشر نوٚے وَنِنوس
سایہِ میٲنہو وَنہِ کتھ جایہٕ ووٗنی ژٕ ے سِواغوصہ وَنہٕ کس
گرِ دژایہِ سے مابہِ جانہِ دیتہٕ مدنو ووٗنی کرِ کیاہ ۔

•

---

[۱] نتہٕ ژومیٚون ہیٚیہ مُلی کسو (علی محمد)

[۲] سیٚتھ دُنی یاس کانسہِ چھا بنیٚو مُت سیٚتھ ظلماہ (نسخۂ منشی نذیر)

# وزن چہارم (مضمون کتاب)

شاہ ؐسندِس شہزادسؐ وَنہٕ وَے صاحبہٕ بو کیٚنہٕ ودَے بو
کربلاکس سربازس سر وَندَے بو
ژےٚ ژٲٹھ ہے مٲنزٕ گلی اَکھہٕ رنگے بو ودَے رنگہٕ رنگے بو
ژےٚ روٗ ستنۍ نوٗرٕ بیٚزنگس کیٚشاہ مُنگے بو

ژےٚ ودَے خاندارس تاجدارس بو کیٚنہٕ لو کچارس بو
ودَے بیٹھ کوہسارس منٛزٕ غارس بو
ژےٚ نِنے شہرِ شامس کتھہٕ مقامس بو بیٚزارے مدنو
ہیٚرا منٛزٕ عامس مہریٚنۍ چھس بو[2]

●

---

[1] مہرازس

[2] بیکی تھہٕ زانا منٛزٕ عامس ... (علی محمد)

ماخذات:

۱۔ نسخۂ امیہ کوٗل مملوکہ ڈاکٹر خواجہ احمد علی ۱۳۰۸ھ

۲۔ نسخۂ علی محمد (فقیر) مملوکہ ڈاکٹر محمد شفیع ۱۲۷۱ھ

۳۔ نسخۂ سید ابراہیم رضوی پالر مملوکہ سید انیس کاظمی ۱۲۸۶ھ

۴۔ نسخۂ قدیم مملوکہ منشی نذیر احمد ۱۲۹۱ھ

# مضمونِ خواب

یا اللہ چھُ وصال چون محال امُشِک خیال خواب گوٚمُت ہوشیارَن۔ چھُس کفارِ تھ دوٚ تھان بیٚمہ یا بانی ہیمہ ناموٚ۔ آنہِ کھٹہٕ یا یوٗسف تدبیر سَس رایا۔ کانٛسہِ تعبیر کرنک روٚیا ⊜ شوقہٕ چایہِ زانان آرام حرام۔ اُسَس راتھ دوٚہ نیٚندر رٕاوان بیدارن۔ تنٛز اوکھ لَرٕ یران یا قیوماً لا ینامو[1]

اُسی تَھہٕ ذات چانٛی روشن تہٕ عالم آرایا
آیکھ ہہ دٕر شیٹھ رای العینؑ زٕ عالم روٚیا[2] ⊜
اَدٕ وُچھ کیٛا ہتے ہیوٚہ بے بصیرت خواب غفلت زوٚلمہٕ نفساہ[3] ⊖
ذِکرِ حق نہٕ زِ یاد پیوٚم عہدالست گوٚم افسانے ⊖
ہتے رٕوٗد زندگی ہیٚنٛھ شانٛد اڈٕگن تہٕ گوسنہٕ آگاہ۔
زوٗنٛم یہِ دُنی یا خواب گاہ گیٚم زوٗلہِ اَمِچ زانِشہ نہٕ تنٛز آوم بائے ⊙
ہتے تکی یہِ دُنی یِہس ہیٚنٛھ کوٚرُم لوٗنا نیوٗنا پووٗنم خواب شُنگنے ⊖
سپنٛم وُرُن وتھرُن حرص و طمع زوٗنٛم دُنی ہِیِچھ سَنتچِنیہِ
نرم بالینے[4] ⊖

گژھنہٕ ہوشیار غافِلہٕ پانوٚژ دیکھ کیٛاہ ہیِلہِ بیدار کرنے پگاہ ⊕

## علے

یا اللہ گیہٕ زندگی کران بندگی چانٛی بیدارِ دِلن شب زندہ دارن۔

---

[1] اے ہمیشہ روزن والہ نیٚندرِ رٕ سنہٕ [2] اچھ ژٹہٕ وارِ بن منٛز [3] خابکِس عالمس منٛز [4] شانٛدٕ گَند

(نوٹ) یہِ مرثی چھےٚ مرحوم محمد ... [illegible]

ہیوان اُچھن تَل صبح قیا منز راتس کران قیامو۔
ہیبہ ہا نیندرِ تھنرن اُچھن منز جایا آسکھ چشمو وُزان
اَنتہِ جوبا ⊝
خوفہٕ چانہِ ہمیشہ بیقراری اُس کلس بیٹھ نیندر ادالابصارن۔
کران نہٕ اُچھ بیٹھ اُچھ نتراوِ خیرالانامو۔
دوٚپ تٔس قُمِ اللیل اِلّا قلیلا تُرتھس مایا[1]۔
تو نتہٕ تس آرام اکھ ہوٚیا ⊝
اوسُس نہٕ ذکرِ حق گژھان زانہٕ فوت خواب[2] بیداری یکسانے ⊝
باطن کران سیر ملکوت زانہٕ ہے ظاہر یا تھٔ شو ٹگانے ⊝
شبِ معراج نہٕ اُسی نتراوی تھٕ زولاگیے وُتھی تھٕ عالم بالا۔
وُنہٕ اوس بستر خواب گرمے نہٕ سارکرٕی تھٕ آئے ⊙
حضرت ابو طالبؑ چھُ فرماوان لو کچار بیٹھ ساوِتھ نازِ سے ⊝
نیندرِ منز وُرنہٕ تلہ اوسمہ غائب سپنان سبھٹا اوسُس گژھان
غمگینے ⊝
یا دٔ ژھانڈ نہٕ وو تھٕ ہاشہ دِیہ ہم صد الحافہٕ تلہ بیٹہِ گژھ ہے
بیدا ⊕

## علے

شتوٚرن نہٕ زانہٕ نیندرِ وو تھرن اکثر لر نتراوِ سندرن خیرالابرارن۔
آسان کشٹرِن بیٹھ ٹرِشاندِتھ شو نگن نہٕ زانان آرامو۔
دِیہ ہمیشہ محنت پانس اشرف برایا۔ وُچھن نہٕ زانہٕ
دُنیاہک راحت پرِ دوٚیا[3] ⊝

---

[1] سورۃ مزمل یعنی راتس آسیو (یانبی ﷺ) کم پیٹھن ہیادُنس منز کھڑا ادزالی  [2] نیندر راتھ خابی نتہ

اما جان وونڈنس پان وتھرنس پرٛنھ مھس غمس حیدرٚ کرارن ۔
شوٗنگ تھٔنڈس فرشس مرنس بیٖٹھ سُے قایم مقامو ۔
یمہ شبہ حضرتن بدلاو جایا
اُسس کیٛا دُشمن کران جستجو یا ○
تیلی آدمن خوابِ عدمہ کلہٕ تل بیٛلِ لرِ شوٗنگُس سرے
سرِ سُبحانے ○
نوٗرے نجف کورُن مرقدِ شاہ یوٗتُے وانتم مرِ نھٔ لبہ جانے ○
بیٛلہ دڑاو لباطس بیٖٹھ سہ کھف الاولیاء
زٕچ نٕندر اصحاب کٔھفن دیٖکھ یاد صدا
کرٕ ہس سلام زٕنٛرِ جھکہ برحق خلیفہٕ رسولِ نعودایے ○
سُے شاہ آسان بیدار سحرس تانی اوس پھیران بو چھہِ ہوٗت
کاتھہِ مسکینے ○
دِیہ ہے گدا صدا وو نھٔ ہے تھاران گرٕ ھ ہس تلخ خوابِ
شیرِ بیتے ○
دبان پانو یم آسن فاقہ پھرِ سے نٕندر یا یم کھیاو کھنے[۱]
نہٕ میٛون دلِ آرام ہیٛیا ○

## علی

کیتھہٕ سناعو شرحِ راتھ نٕندرِ پٔیس یتی بوچھہِ ہٕتی بیدار
راتس دوہن پہارن
اڑسہ کران لرِ لرِ پھیران صبحس تامو ۔ کرِ ہے کُنہِ وتہِ آب
اتھہٕ نک سعیا اُسس تٔرتبہ ہٕنز وٕلتہ ہرسویا ○

---

[۱] ساد کھنے (نسخہ)

بنہٕ ننِن روزٕ دارن پھوٗر سارِ ہے پھرِس تکل ساوِ ہے۔ بنہٕ ننن
شیر خوارن۔

کرِ ہکھ ہو ہو نیٚندٕر ہیٚبہٕ ہکھ یامو۔
واتنہِ ہے کربلا دلو ہٕ تُم گتھہٕ ہن ضایع
مرٕ ہنہٕ ترٕیشہِ ہنٛد روزِ ہکھ ہٕ اورِ زوبا ⊖
بوٗزم زِ تمہٕ شبہٕ حضرتِ زینبہٕؑ خیمہٕ بتہٕ خیمہٕ اُس پھیرلنے ⊖
بایَن ہٕ گوٗبرن برٕوشہٕ کیہِ شمع زٕ ڈٕتھہٕ بُتھہٕ وُچھانے ⊖
دپان بہٕ چھُہ اُنھر دیدار بہ رانٛھہ خواباہ چھُس بوزانانے ⊖
اُس معصومن نیٚندٕر ہیتن وُزوان اُتھی توم لگمو فدا۔
دہ ڈٕشنی روزٕ ہٕ اکھہٕ تارِتھہٕ کرٕی توم دُعا
ڈٕیی توم مرُن شاہ حسینؑ منہٕ ہاوی ننم خوداے ⊖
ڈٕیی تو زینبسؑ بحال روزی تن بٕلے غمخار تہٕ یتیم متہٕ گرٕ چھی تن سکینےؑ ⊖
یتیمہٕ مُہی میہ دِی تن نجات پروردگار باذی متہٕ لگی تن شاہ
عابد بیٚنےؑ ⊖
زٕلی تن ناچارن اسہِ ظلمہ لار ہیٚبہٕ واتہٕ ناوی تن نوٗری مدینے ⊖
ہکہٕ ہا ہٕ وُچھتھہٕ یگہٕ ہک کتھہٕ کار کرٕی توم دُعا بہ اُزی رانٛھہٕ مرٕنا
بوزنا خودا ⊖

## علے

راوٕ ہٕ نہہ ہٕ نیٚندٕر ہیب شہر بانسؑ سینٛس گژھہٕ کار نہہ
پھوٚچس بیٚٹھ کو ہسارن۔
رووُس خانہٕ دار شرٕی ہیتھ نُتوٗ نگہٕ گوٗس تمامو۔

اَدٕ اُس بیٚہان پٔرتھ صُبحہٕ کربلا چہِ وَتہٕ بیٖٹھ زن فُقیر یابا۔ ییٖمنا
خانہٕ مالِین ہِشٕر بو یا ⊙
اوسُس دوہ لوسان کوہ ژھنڈان راتھ سوران لیل کرٕ ان
فداوارن۔
ہوان نہٕ آرام گرٕاہ صبح وشام و۔ ودان لول آم شاہ اکبرؑ
وندٕ ے آیا۔ وُچھہِ ہا خانٕ بی چون رویا تہٕ گیسو یا ⊙
بیٖسہِ ہَس نہٕ زوٕ لا اُصلا اَدٕ بیٖلہِ لوٗسی تھہٕ اُس ہِوانے ⊙
خانَس اندر دشتِ کربلا نٔمے رَنگہٕ وژ بیٖٹھ اوسُس لوانے ⊙
زن آمُت شاہ حسینؑ دربلاتس ژورٕ طرفہ تیر لوانَے ⊙
بیٖسہٕ کجہٕ مَژ برملا بیب زینبؑ بُرقہٕ ہوانے ⊙
عابد بن شٔہس کرٕی تھہٕ جیلا بیمارس ہا نڈی نوانے ⊙
بیٖسہٕ اُس وُچھان زن سرلڈی میتی نبرن جُدا جُدا بینہٕ رِنس بالس ستھی
سرِ اصغرشاہؑ۔ اُسس خانسے اندر موز داران پوتر
ہاے ⊙
وَدان بہٕ ہسا اُتھن بیٖٹھ للہٕ وتھ جگرو بابہٕ کیا کری اُمس بَزِ
چھےَ نے ⊙
ہندرن نن ڈولان چھس بیٖھرِد بَزِ نےَ آسَس تہٕ دارِ ہی
سیٖنے ⊙
کوہ ہسہ ہسے بیٖٹھ بوذن کرتھ پوترو ننتہٕ نےَ تو ہسہ ہیجو ژیمنے ⊙
اُس تھارٕی تھہٕ وو تھان وُچھتھ سہ عرصا تھا، گژھان پیٖتھ
راتھا سکراتا ⊙

بوزُم تیلی شبِ عاشور وۅ نہٕ شور بیبلہِ اِمامؑ وصیٚتھ کرنہِ لوٗگ بایَن تہٕ بارن ۔

ظالمَن مُدعا میٚؤ نے چھُ ہیوٚن اِنتقامو ۔ ژُنگیٚن چھیٚے راتھ دُشمن ہُنٛد چھیُٚنہٕ پرواہ ۔ گرٛزِ ھوپرِ نفہ توٚہ ہیٚ ستیٚم چھیُٚنہٕ کانٛسہِ گفتگو یا ⊜

اَدٕ یڈِ ووان آہ کڈان اوس دیان مُسلم شاہؑ نِیٚن جِگر پارَن
بسَ چھو توٚہ ہے بابہ پٔنٛز شہادت تمہِٕ نفوٗ نامو
توٚہی تہٕ گنٛباز ہیٚے سیٚتی مُرِو کرِو ییٚن پایا ۔ لسیٚو وَے کُنہِ جابہ
سپاہی چھو کس وکو یا ⊜

وَدان دو بہس زِیا اِمام اَسہِ گنٛباز ییٚتی مَن چھو تڑاوانے ⊝
بایَن تہٕ قدمن ووٗنٛدِ جان اسہِ تہٕ روٗ کٔٹ چھُ جون داما نے ⊝
آسہِ ہے ساس جان کرِ ہوٚے ژِ نئے فِدا
گرٛز ھوے نہٕ جُدا یٔنٛد یَنٛد نیٚے کرِ نے جُدا تِٔ ئے پینہٕ سانٛس لسہٕ نَس بلیٚے ⊙
چینیچہ بابہ باہٕ سوں اوس چون خاصہ غولام اَسی نِہ چھی غوہ لام زادٕ کمینے ⊖
بیبلہِ مَرِ اکبر شاہؑ تہٕ اصغر شاہ اَدٕ سون کُسُن چھا آ پٔنٛنے ⊖
بارنین سپنوک اَسی ژٕ بارٕ نی فِدا وُچھتو خدمژ کرٕ و کمیٚ نو ⊖

آخر چھُ مَرِ نے مَرِی زِنارا راہِ خدا ییٚتھ دوہا بیبہ گرٛھیا
اَسہِ یاد آ دا ⊕

## علے

خلفو لگی زِ فو ربان تمن ذاکرن شاہ حُسینہٕ نین وُدوٕ نین
بخشا وارن ۔

سپنک عاقبت محمود بخیر انجامو۔
اُسکھۂ اما مسن ودنہٕ سوا کانْسہٕ رابا ۔ تمہٕ ہمے
نیتو دین و دُنیا ہنک آبرو یا ⑪
اوس محمد شیخا مشہور جوانا محرمہ اکہ رنجہٕ ناوِ تعزیہ دارن
یمہ معرکہ دورنس کورن مرض جذامو ۔ اوّن نفرت
خلقن اٰسنہٕ گژھہِ ما ژھایا۔ ہینن تہِ گوس پھیرِ نتھ
دست و بازو یا ⑫
اَد اوس لوکن روزی بتھہ ژھایہ وارانن منز پھیرانے ⑬
ییلہِ آو بیا کھ محرم تہٕ دوستدار مرثیہ پران گوچھہٕ پھیرانے ⑭
اُسی رنگہٕ رنگہٕ پھیران ظلم کربلا از آمت چھُ آغہٕ سون دربلا
کران وا حسینؑ وا حسینؑ تلان ہولائے ⑮
وچھی نتھ تہنٛد حال اوّ نہٕ نس حال سیٹھاہ بے حال گو مسکینے ⑯
تمی مرثیہ یاد نتھ جورا ڈیپن قلیال پران ودان گو غمگینے ⑰
تمے شبہٕ خابی آس محمد مصطفیٰؐ بخت گوس بیدار تہٕ
بخشنس شفا ⑱

## علے

اوسس اقبال گیس مرثیہ قبول کورہس تقصیر معاف رسول مختارن۔
سپن سقبول تہٕ یاہٕ مقبل کورنس نامو۔
اَد دپن مرثیہ تیتراہ زِ ہیرتھ جایہ گیہِ شایع۔
تیتھ سپن بے نظیر ذاکرا فصیح گویا ⑲

بیوٚ کھمت چھُن زِ اوسُس وَنان واقعہٕ کربلا یہِ گذریوٚ وِ امامس
بایِن گبرَن نامدارَن۔

اَما یِمہِ دوٚ ہیہ قصہٕ شہادت کوٚرُم تمامو تمہِ شبہ گرٕ میوٚن سپُن
ماتم سراپا۔ تیُتھ وۄدُم زِ وۄتھ ژوِ پاٚرِ ہاٚے وہوبا (۱)
مرثیہِ پران اوسُس تتہ لوٚسی نِنہٕ ہیوٚس گوس بےہوش گوس ودان ودانے (۲)
ڈُچھُم زَن نِجالس اندر ووٗتُس کربلا آستانے (۳)
ڈیوٚ ٹھُم روضس منز پاٚرمُت منبر ابوان تتہ لوٚے عنبرا۔ تتھ
بیٹھ پانہٕ پیغمبرؐ سرورِ دوسراے (۴)
ڈیوٚ ٹھُم زِ تانی حاضِر کوٚرُکھ محتشم دِبیس پانٕے رسولِ امینےؐ (۵)
اَز چھُ شبِ جمعہ کھسِتہٕ بیٹھ منبرس پیر مرثیہٕ مظلوم حسینےؑ (۶)
اَدِ کھسِتھ بیٹھ منبرس تِتراَدِن باکھاہ پرُن ہیوٚتُن قصہٕ کربلا (۷)

## علے

بی بوٚرُن زِ بیٚلہِ یہوٚ گزرحرب گاہ منزی قافلہٕ ژھینہٕ گمژن بیبن
ناچارن۔
تنبٚلہِ وۄتھ شور اسِنی زِ رقیا منڈ مُنڈ یِن میوٚل شامو۔
لابہِ وۄتہٕ بیٹھ ووِ سوٚٹھ بٔرتھ سیّد بابا۔ آسہِ میٚثر لدان
ودان کڈان سوبا (۱)
تانی یِییہِ نظر بیب زینبس ؑ دُچھن بیٚلہِ کرہ تِتراَومڑیتھر باٚے
سردارن۔ دِتُن فری یاد ھذا حسین بےاختیار ژٹِن جامو۔

دۆدُس جگر کو ڈُن آہ واخدایا غش گوس بٲبس نشہِ پیٹھہ سو نہِ سو یہِ گویا ؁

دُچھنہٕ بیب زینبن احوال اہلبیتن رُد حالا نے ؁
سٲرِی سُمنہٕ آے بیب زینبن ہیوٚر نالا نے ؁
سو چیر ژٕٹی نٕتھہٕ یدنس بٲے مدنس کھنچہ پتہٕ تالا نے ؁
ناٲی لایہِ مدین گژن صدا یوز داد یا رسوٗل خدا ۔ بُڈی بایہ پچاٲنس نازنینس یہے چھا جابے ؁

دُچھنہٕ کیتھہٕ پٲ کھٹی خوٲنس مُنز چھے ڈولان ہبدان اندرچون حسینے ؁
کمہِ رنگہٕ سینس بیٹھ اوس ہن رچھان پیوٚمُت بتھر ازسے حسینے ؁
پارہٕ پار کوٚر مُت یدنس ژھرٕ ٹ دِوان پارہٕ جگرچون حسینے ؁
دوٚہس محتشمہِ یس کرغش کرِ رسوٗل خدا ۔ تتھاوی نٕتھہٕ مرثیہٕ خلعتھا کوٚر ہس عطا ؁

## علی

مُقبل زِ گوم دِلس منے دوٚیکھ نہٕ بہُرن دلو نہٕ قبوٗلیت چھیٚے میانین اشعارن ۔ ناٲی اَنہٕ حوٚرا جنابس دید فاطمُن پٲ غامو ۔ ییرناوی یُن مُقبل اُمی ننہٕ روٚ ٹمُت شاہ حسینن پایا ۔ یہ تے ودٕنی نہندُے چھُ مرثیہٕ گویا ؁

اَدِ حکمہ رسولٔہ ستِد ہیوٗتُم یُرن گوٚ اَنٛتر کنٛنِ نۂ کَرِ زٛاو
در و دیوارَن ۔

یوٗرُم زِیبیٚلہ آوتنگ مَنٛز میدانَس مظلوٗم امامو
ہتھوٗ سنہٕ دو کھو نۂ جھو کو حرکت کرنکُ یا یا
رٛوٗد نہٕ زخموٚ ستی ذوالجناحس طاقتِ ننگ و پا یا ⑫
اماسٕ اَدِ ہر گران نَرِ خنٛجہ او سنہٕ شمشیر تُلتھ ہیکانے ⑪
ذوالجناحس تنہِ نٹان بَنٛد بَنٛد اَنٛدِ وٕنٛد بَنٛد گیٚمتی کانے ⑪
اَدِ لوٚت لوٚت کَرِ رِکابہٕ شِرِ پاےٚ مُبارک جُدا
ہیوٗ زَن یرتوِ آفتاب سیدِ شہداؑ
نتہٕ زَن عرشُ ہیوٗ زمینس ہیٚتھ سُہ بُلند پاےٚ ⑩
دوٚپ ہم زِگیٚہ بےہوش خیرالنِساؑ زھو یہ کرَ نہٕ بہٕ دو
ہیٚیہ ہے تسکینے ⑨
اَدِ گو ضریح مُبارک وا صاحبا دژاونس جھو کہ لَدِ جیٖنے ⑧
آہتی ناز تنہِ تیر سرتا پاےٚ ہیٚر بون نوٗرٕ نش سارِ خوٗنینے ⑦
کرٕنم مہربانیاہ سیٚتھاہ خلعتا بخشُنم شُنگینے ⑥
عرض کوٚر مس توٗہی کم چھو لگمو فِدا دوٚپہم زِ لوٚےٚ گوس
سیدِ شہداؑ ⑤

عملے

# روانہٕ خواب

خلقو کرِو ڈیلا ڈیلا واویلا واویلا ڈیلا ڈیلا واویلا واویلا
ڈیلا ڈیلا واویلا واویلا

بوزم شُری ہیتھ امام بیلہٕ ماہر گو کربلا ہیئے شامی ءغمن لوٹنہٕ یر ملا
اُسکھ رٹان لوٹان لایانے

وۄتھ واویلا ژوِ پور اوس شورِ غوغا آو کرِ ہتھ دور شمرٕ اکتھ ہیتھ تیغاہ
دیان مے مورا امام اوس ٹھکانے

بیلہٕ تس ڈیشن موصمن رۄدہٕ کاتہٕ ہوشاہ دوپ بیب سکینہٕ اُمی مورمہٕ بابہٕ پادشاہ
سو مشر بیبن اَس ژھایہٕ روزانے

شمرٕ غمن پھیران ژھانڈان اوس عابدینٕ شاہ وُچھن مظلوم بیٹھ مُت گومُت تس غشاہ
بیمارس کرٕ تس ریسمانے

اوس واویلا گڑھان عالم بالا ہے ہے جلا کوٗر کھۄر از رسول اللہؐ
فلکو بیٹھہٕ ملک ژھرکھٕ دِوانے

بوزم تمے طوفانہٕ مشر گیہٕ کریکھاہ تانی وُچھان آوِ غمن مشراو ملکھاہ
سُے زن شہیر لاران یر دِوانے

سۄراہ ملہِ سہٕ مورمُت تُلہٕ معصومٕ ماہ   دِوان فُریاد روان ژھلہِ گوم ستماہ

کران سماع لاریو آسمانے

ہیوٚتنہٕ نکھن بکھن تمی کوٚرسہٕ منزلا   دود چھیوٚکن آسی ژےٚ کرتم زولا

داو کران اوسُس کُلوانے

اُمائمی ملکن کوٚر حالا بوزُم حسرتھاہ   موٚتھن پانُس تمِس موصمہٕ سٔند رتھاہ

ژاو منز جنتس عسین عسینۂ کرانے

پونژہ باجو ساری کرٕ دواویلا گوبرپالبو کُرِ توتہی ترٕ واویلا   دوستدار وشمتھٕ کرٕ دواویلا ڈیشہِ موصمس جنتس منز گو حالا

یان ماران حوٗر آسہٕ سوٚر لدانے

بوزُم تمہِ ساتہٕ جنت سیٔن ماتم سرا   پیٹہِ تُس موصمس وُچھہٕ فاطمہٕ زہرا

خوٗن ییکان ہٹی ہنہٕ تس کانے

دوٚیُن ملکس اوٚنتھ کنہٕ یہٕ صغیرا   کوٚ پیٹھ چھُس ہٹی ہنہٕ دیشمُت تیرا

وار ونتم کوٚہُشد چھُ زدانے

اوسہٕ یتیم سیٚمس کیاہ بابہٕ اوستا   دو دیوان مورمُت چھُ معصوم بے گناہ

چھُ بنیومُت سیٚمس کیاہ وکانے

یہ کمی ظالمن کس ماجہ کوٚر تھراجا

دتہٕ لاج گیس چھُس یہٕ کاشہٕ عبلا جا

پونژ باتم ابُ چھس کاشانے

نَس ملکَس یہِ یوٚز تھ روٗدۍ ہوشاہ       موریے شاہحیٖنؑ یہِ ہصابۍ چھُ اصغرؑ شاہ
ہاٗلی پوٚ ترٕ وٕ یکجا دِیتنکھ جانے

کیٛاہ وَنہٕ مُرِتھ زولہِنکھ خیمہٕ گاہ       ظاٗلم لوٗٹان روٗ ٹمت اوسکھ عابدینؑ شاہ
آسی نوان کورِہن یاٗدی وانے [1]



---

منقول از نسخۂ علی محمد (فقیر) کنندہ محمد صفدر ابن ذاکر محمد عباس (فقیر) سنہ ۱۲۷۱ھ مملوکہ ذاکر محمد شفیع (بمنہ)

[1] یہِ چھُ ادٕلیوٚکٕ باسان۔ اماپوٚز بیاضہ پیٹھٕ چھُ یُتے لیکھِت۔ (م۔ب)

# زنجیر

یا اللہ وصف چانٛی مُسلسل کرٕی زِ کو ییٚنا اِظہارے
اَنہٕ دِن سلسلۂ بیان از دست فصیح زبانے۔ آسہٕ نے
چون فضلِ سِلسلہٕ جنبلانے[۱]
اُسی تھٕہ ناطقس طلاقتِ[۲] تقریرٕک استظہارے
سینس حبسِ نفس[۳] تہٕ عقدِ لِسانے حلقہٕ آہن ہُند گلو گیر
حلقِ زندانے
شور و غلغلہٕ ساری مٹھس کینہٕ تہٕ پھوٚرس نہٕ شاہ گوس زن جیرے[۴]
آیس نہٕ کار مطلق گیٚس فصاحت و بلاغت غول[۵] زنجیرے
اِدٕ وَنہٕ کتاہ منٛے لبہٕ نہٕ لبِ دہن گفتارا سینٛیا بے زبان وصف آرا
کرٕے قیل و قال منٛے ہیوٚہ لال[۶] واٚصفن چھُ عار و
اَمہٕ جایہٕ گنڈ گرٕ ھان اشہٕ گنڈ بوان اُسی افصح کاملس[۷]

---

[۱] کرٕس منز کوٚرر لاٚوِتھ [۲] خوش بیانی [۳] شاہ بند گرٕ ھُن [۴] شُہنرٕ کوٚر
[۵] جھنکار۔ شروٗ نی شروٗ نی۔ [۶] کوٗل۔
نوٹ:۔ یہٕ مرثی چھپےٚ مرحوم خواجہ جعفرسٕ ونٕنہٕ آمٕژ۔

لوٗکھ ہنہ اَندراٹھ ہنٛد گیٖہ تہٕ بند بند وۄسرٕ سے پژٕ نھ کانٛسہِ وا صلس
اَمہِ کے سودا گنڈٕ نہ آسے عُقلا ساڑی دِن سر بسر سر بصحرا ⊕

عل

دپہٕ مَا عَرفنا سر حلقۂ انبیاء مرسلن ہُنٛد سلسلہٕ دارے
تس قلاوٕہ بند گی گردن رضا دارٕ بتھہِ اوس نہٕ کنٛہ سلیماننٛے تہنٛدس
زنجیرِ حکمس جنِ وانس دیوانے ⊝

دپہٕ مَا عَبَدنا اسی بتھہٕ در بندِ بند گی پائدارے
پاسے بندِ علائقن کھوڑانے گاٹز زندگی زولان کڈان دُنی بیٖھک
فاد خانے ⊜

اما اوس اکی سے شخص سنتی پیوند بوس پنُن دلبندسہ شیرے ⊝
تمن کنی کانکہٕ ہانکل اکے سلسلہٕ علیہ جناب نہ حضرت امیرے ⊝
سپن سے شاہ یوسفس زندانہ گرہ کتاسہ اوس زر خریدِ
عزیز تہٕ کوٗرن شاہ
پانشاہ چھُم امید یوسف پنُن غلام ذلیل کرہن رستگارو ⊙
اسی تھہٕ نا لی عملن ہُنٛد جیل قبرِ ہنٛز بانٛد ہال چھُم کڈٕ نی گونہگارس ⊝

---

۱ کوٗر ۲ ہاوس - خاہتہِ ۳ عالی نسب
۴ کرانکہٕ ہانکل، شجرۂ نسب -
۵ یہ چھیر چھنٛے مُنشی محمد یوسفن تخلیق کرمژ نکیازِ مُنشی یوسفن چھُ سپوٚد پنُن ناو
یا تخلص اتھ مصرس منٛز استعمال کورمُت یہ چھُ واضح ثبوت زِ حکیم عظیم تہٕ مُنشی
یوسفن چھنٛے یکوٹہ مرتی لیچھمژ (م یس)

کھوژان چھس پگاہ غول نہٕ زٕنجیر کرٕتھ ہنیم ما نارس ○
یا شیرِ خدا تمہٕ ساتہٕ بوزی زِمیثون صدا ڈُپی زِ یہ چھُ سونٕے
سگِ درگاہ ○

علی

باشاہ مےٚ چھُمی طوق غلامی شاہ حسین نالی نہٕ سٕے دربارے
بیٚس ملک تہٕ حلقہٕ بگوش دروازس بیہتھ حلقہٕ حلقہٕ آسی بیہانے
دُبان موکلہٕ ہوٚ آسہٕ تے اشنزرے رٕز گنڈِ ہانے ○
بوس رُنباہ زِ اوس وسان جبرائیل آلرِ نہٕ تس گہوارے
دوہ یہ اکہٕ ببرِ تھٕ کھوٚت بڑ زھیس حق سنجانے ازوٗ چھُتھ
کیاہ جنابہٕ سنگ گرکر بیانے ○
عرض کرٕ ڈیو ٹھُم گنڈان منزلس منزاوس شاہ حسین ماہ پنیرے ○
بیٚہ عرشہٕ بیہتھٕ منزلس نام او یزان نوٗرٕ ہانکلا کران نظرٕ خبرے ○
دُچھم تنھٕ ہانکلہٕ بڑ زلان الاٰ تُندی لال جورا ہا
نوٗرٕ بارو تمن سہرو ماہ کھوتہٕ نوٗرا
تمہٕ نے گنڈان گہوارٕ منز سٕے دُرِ شہوارو ○
چھُھم وآحد شاہ ہِدٕ زٕرے پی آرزو گوم دِلس ○
اَمہٕ جایہٕ اُچھن میثا ہن ہندی لال آسہٕ ہن گنڈِ نی چایس
مقبولس ○

ا میائن جیبہٕ سُندگرٕ (نسخہ)

خلقو یس ثنا ہحیس بیشہ پژھہ بر حق تعالیٰ لدیس گنڈ نی کنتی زہ لال
تنہ نوٗر ہا نکلا ⊕

آسہ تُہندی سے اچھن ہندس لالس نرِ لوسان للوان زنجیر نہ آرے
بیمارس ضعفہ ستی غش انانے تس چھی گنڈ گنڈا رگو زمژ
تنہ جبلن ہندی گنڈ سنانے ⊖
کرنس تسبیح گلین اِمامس ہا نکلہ بے عارے

اسی ظالم گری ٹکوان کران جولانے وائے تس پیادِ بکناوان
گری تھہ زوالانے ⊖
سہ کڈان بانہ ہال کوشہ نہ بیژھان حال ہیلہ بیژھ کال بیبے
اسیرے ⊖
نہشنر بے کسی ہیتھ خفہ گوبانہ دوانس نہ نالہ دیہ زنجیرے ⊖
تس گامژ دو گمی نظر موژمژ ہا نکلا ہیو تمنت تل جیلوسہ پادشاہ
ہیو تمنت ہیتھ گنجہ سے زن کشتہمارو ⊙
اسِس بر کس کرِس ستی رزہ کڈ مژ زنجیر کس خلقس ⊖
کیتھہ دنہ زیوژ ہینم درواز مژران لگان اوسہ چار حلقس ⊖
بوزی تھہ ہیتھ جبرا کڑی زِ کو نیتا صبرا بوزی توو نہ مو بنیا کھ خبرا ⊕



ہیلہ کوڈکھ کربلا بانہ ہیتھ کوفس کن بیمارے

لوسان وُسی وُسی پھوان اُسکھ ناچارن اَکے رَز گنڈی تھۂ نوانے
ظالِم نہ کُنہ ہیہنہ دِوانے (۱۱)

تم پگاہ واتہ ہَن کوفَس راتھ کیوت ظالِم نِندرِ ہیے بیمار اوسَن بیدار رے
تہ بنا پہنہ ہو داد لوستی کرِ کرِ پھیرانے نتہ بنا بایَن تہ بندن ہند پھیرانے (۱۱)

بیہ ہیٹس نِندرِ کیتھ نِندرن اَسِس ڈولان بآے اُمپرے (۱)
کرِ ہا آرام کانَن تَل ڈیپھِن ژھرِ کھ دِوان جانہ میرے (۱)

یمے فکر کران آسس ساَر راتھ سوران آمُت بشپرے (۱)
تانی ہنگہ منگہ پیدا گوس ملکھاہ کرِ تھہ سلاماتژاد باکھاہ
بژوشہ کینہ اِمامس لوگ وَدنہ زار زارو (۱)

دپیس یا امام لوگو مُصیبتھاہ وُچھتو بنتِھ کیاہ آو چانس بابہ جانس (۱)
دِژِو تَن کاژا جبرَس لگو قوربان تِہندِس صبرَس تہ تابس (۱)

تعزیہ بژ ژھننہ دوبنس یا امام سپنُو حکم خدا گژھو دفن کرِ لوکھ
ساَری شہداء (+)

## علی

اِمام زِ کیتھہ پاٹھی واتہ کربلا کوَر مُت چھہس گرِفتارے
منے زنجیرِ اتھن کھورن چھِنہ زانہ مُژرانے لبسم نہ
موکجار ساتھاہ کمہ حالہ گژھتھ زانے (۱۱)

مَلک زِ یا امامؑ بے جبل کڈ مولگہِ مو نثارے

بوز نو امامؑ بپھیری تھہ ملکس نوّے اوس دیانے چھس کھوژان

میانہ ہڑھی اہلبیتن گنڈن بے ہیتہ مو کلینہ گژھہ پانے ⊜

ادِ لوّت مُژری زنجیرا امامسؑ ملکن تہ پانس گنڈن چیرے ⊖

بلاتشبیہہ گیہ تس صورت عابدین شاہؑ تہ رنگس نہ تغیر ⊝

دوہیس یا امامؑ تتہِ ہژاران چھو رسول خداؐ کری تو متہ زیرے ⊖

ادِ امام طی الارض کرِ تھہ ووت کربلا اوّ سنس وُچھتھ شہداء حالا

ڈیوٹھن مدن گلبدنن گومُت پارہ پارو ⊙

سیٖن بے حال نالہ اوس ژھٹان رٹان نالہ ہِرتھ بدنس ⊝

وُچھن ہیلہ اکبر شاہؑ ترا وِتھ باکھاہ دوّین بنہ بأے مدنس ⊝

بالو بہ چھسے بیمار لبیٹم نہ طاقت مےٖ کُنی سے باپس نکھ دِنس ⊝

ژِ ہیوّر ووتھ باکرم رفاقتھ بارنی بکچا نمہ ون مُدی نس ⊝

اوس ڈنی دوان شہیدن جُدا جُدا ووت نوّتے ییتہ اوسُس

پتھو مُت بابہ سیّدالشہداءؑ ⊕

عـلـے

ووّدنس بنا معاف تھاوی زمم بالو مےٖ اوسے نہ مو کجارے

ننہ از تام نبتو مُت چھا بہ طوفانے گوبر آسہِ زِندہ تہ مول آسہِ

قبر روس ڈولانے ⊝

---

لہ لیٖبے بنہ (نسخہ)

نتہٕ کینٛہ ترٛاوِ ہتھٕ نکھہٕ اوسہٕ سےٚ نا  بو حقدار ے۔
ژ ہیے زِندٕ او سےٚ نہٕ رٔو دمٕت اکبر جوانے۳  تمیٛ ہر وٕ نیٛہے وٕندنے
جان تمیٛ گوژ جانے (=)
ژٕ ڈٕ زینہٕ ملالہٕ میٛون ترٛاوِ ہتھ کینٛہ یوٚت کال بو اوسہٕ سےٚ بگیرے (-)
دٕ نہٕ چھم نہٕ فرصت منٛے زِ شہیدن جدا جدا قبر بو سٔیرے (-)
ادِ امام را تہٕ رات[1] دفن کرِ ساری شہداء  پٔرِ تھٕ فاتحا بیوٚن بیوٚن کرِ یکھٕ وداع
ژ یر ویرِ ووت بانٛدی وان تِرٛژھ آسس ظٕلمہٕ لارو (٠)
چھٕ لیوٚ کھٕمت آسی چلس تانی کوٗ فیٛن دربیٛنٹھی یوان شہید منٛز میدانس (-)
یہوان نہٕ تمِن رحم کھوژان نہٕ بے عار خودا یہٕ سِندِس امتحانس (-)
بیلہٕ بچھیری نتھہٕ ملکس نشہٕ ووت عابدین شاہ۳ بوزی تو وٕ نہٕ موبنیوٗ کیاہ (+)

علی

نٔچہٕ کو نچہٕ ملکس سیٹھاہ گو جبرِ کار ے
دٔ پیٛن یمن زٕ بٕچرن ووٕ نی کیاہ کرِ پانے دٕ بارٕ نا کی امامس دٕ چھنہٕ
ہیکہٕ ہانے (=)
وٗ ژٕس نہٕ کانہٕ فکرِ اگو لاچار ے
زٕ بچہٕ ترٛاوی نتھہٕ ژوٚل دیوانے  میٛژ لدان ، رِوان
اوس نالہٕ دِوانے (=)

---

[1] یعنی راتو راتھ ۔ سٕلہٕ ژ یری یا (سیٹھاہ ژیری)

بیٚیم زیوٗژھینۍ ہیکاوٕ نیتھ آم ٹینتھ کیٛاہ گوم زبروزیرے ⊖
بوزتھ یہ عسرتھ ہارٕ زبنارتھ دِمہ نازھرٕکٹھ آم جگرس
زن تیرے ⊖
بوزی تو بیلہِ غائب گو ملک نہٕ مظلوٗم امام اد کیاہ لدی زبنا
خاک والی زبنا چاکھاہ نٹان ٹمان تیمے زنجیر تلہِ بیمار و ○
ہیکان اوسنہٕ ظالمن ہندِ ہیمہ کرِن پانے پانس ⊖
نہٕ بنا ادس کھوژان نالیٚ نے وچھنم لاے نم بیٚم جانس ⊖
گزریو نہ عابدین شہس ہیوٗ دُنیاس مظلوٗم ادِی تو بیہ
کس بنیوو بیٚتھ ظُلماہ ⊕

ماخذات :۔

(۱) نسخۂ امہ کوٗل سالِ تحریر ۱۳۰۸ھ مملوکہ ذاکر خواجہ احمد علی

(۲) بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد سال تحریر ۱۲۹۱ھ

(۳) نسخۂ مرحوم سید مہدی رضوی (ریشی پورہ بڈگام) سالِ تحریر ۱۲۶۸ھ
مملوکہ انیس کاظمی

# مضمون برادری

یا اللہ ژٕ مبرّا در ہر باب بے انبازا نسب تہٕ نسبتہٕ نشہٕ بری۔
ہاٰوی ژٕکیشا چانہِ معرفتہٕ چہِ نمتشالو۔ بے ہمالہ لبینہٕ کیشہ خط وخالو ()
ژٕ علاقہ الوہیت و نبوتہٕ نشہِ اُسی تہٕ منزّہ باب چون طفل پروری
لبینہٕ کفواہ بے مِثالو کتہِ شوٗ بنے ژٕ ئے اقران وامثالو ()
کاشہٕ تہٕ ژٕ ئے ہیوٗہ قریب چانہِ لطفہٕ سِوا کاٗنسہِ آشناس
تہٕ یارا ے ہاٰری ()
کفُر چھُ ونُن ابن اللہ اما خلق چھ چاٗنی عیال ساٰری ()
چھُ پزٕتھ ذی حیاتس توام چون احسان یاٰ ے ہٕشدِ کھوتہٕ
مہربان ()
حضرت یوٗسفس ہاٰ ے گٔے بے راہ ژٕھنکھ چھس کرٕتھ تدبیرو ()
ہاٰوِس چاٗنی احسانن ببیہٕ راہ لوٗگسہٕ چھس منٛز بیہ رو ()
چھنہٕ اخو تہٕ کھوتہٕ جان کاشہٕ ہبستا۔
بوٗ دوٗ ے یانہٕ واٗنی موجبہا کرٕ بکھ ژٕ ے عطا ()

علیہ السلام

دِ تتھ حضرتِ موٗسائس حضرتِ ہارٗون برادرا۔ کرٕکھ یکہٕ وٹہٕ
بارنہو پاٗ غمبری۔

---

نوٹ: بیہِ مرثی چھےٚ مرحوم علی محمد فقیرس وتہٕ آمٕژ۔

چھُ بوے نکھہ پھیوک باُلِس پر وبالو
باُے سُند ہیوہ زانِشہ پیٚتھرا نہ غم وخالو ۞
اوٚن پھَن بے برادر حضرت محمدؐ۔ آسِس نہ یُتھ ہمسراہ چھیے کیا
برادری برابری

امادُنیت کفس ابنِ عماہ غم خوار کمہ حالو
تیٚتھہ لو یا آسُن خال خال تہٕ محالو ۞
تَس لوٚز وِ کھو نہٕ نُوٹھ حضرتؐ شبِ ہجرت دوٚندَس رَتھ
اکرُنَس جان نثاری ۞
بِ ڈیِ زِ مو جبتھ پھیوک ملکَن سٕہ اخوت پروردگاری ۞
لیوٚ کھمت چھُ دِ بہٕ کرِتھ صحابن برادرِ بے پاہ وآنِ رسوٗل
سُبحان۔ کوٚرُن ابوذرسؓ بوے سلمانؓ ۞
دُنینکھ اخوت کرِتھ مقدادسؓ عمارسؓ دُچھان اوس
حضرتِ اُمیروؑ ۞

دوٚیکھ نہٕ کینٛہ تَس بزرگوارس سیٹھا سپُن دِلگیرو ۞
اَدِ گرِ ودان ودان بیرِتھ گوشاہؑ۔
ژھاندِلس تِتھے کرِ نلاشاہ بنیو ہُند پادشاہ ۞

علی

عرض کوٚرہَس زِ یا نبیؐ گو سیٹھا ملوٗل علی مرتضیٰؑ کیاز سٕے کرکھنہٕ
کانٛہہ ستی برادری۔
تانی نادَس سوٗزنَس بلالوؓ۔
اینوان علی ولی کیاز گوس ملالو ۞

ہیلہ آوشاہس نہ دۆیہس زِیا علیس کیٛاز گوکھ تا رضا۔
بہ بوزِت وَدُن ہیوٚت شاہ حیدریو یے تانی فرماوس
رسولِ ذوالجلالو۔

یا اَخی ژِ ذخیرہ ٹھوٚکھ پانَس کیٛتھ روزِ خوشحالو ⊙
ژے مےسوا مےٚ ستی کس چھیٚے مناسبت نہ اخوٚ پنج سزاوارِی ⊙
اَدِ شاہِ ولایت الغرض ژِ ژٹھ کھور منبرس بیٹھ زوٚن مختارِی ⊙
دَپہ خدایا کورم علی یَس ستی مو اخات بہ اَسند بوٚے نہ بہ
میثوٚن باسے جان چھ بارنہ اکیٛ زوٚ جان ⊙
ختم گیئہ تِہُنز برادری تہ غمخواری بہ کیٛا کر مو تقریرِ د ⊙
کاژا شادی بَر جنابن تِمہ دوہ زاو حضرت امیرو ⊙

پاک ذاتَس پانے رسول اللہ پران دُعا بران لولا اوسُس کران
غوسلا ⊕

## علے

اوس جناب آب ترٛاوان پانے لرِ لرِ پھیران شاہ۔
نہ ڈیشتھ باکھاہ ترٛاو آنسرورین۔
دپہ شہنشہ نوٚے کرِ یس سوالو
کیٛاز خوشی منز وۆدُو گوٚو بے حالو ⊙
دۆپنس بوزنہ ہنی اَسند پانے لرِ فیرِ نہ مےٚ لوگم بنشا۔
کیٛا وَنے مےٚ پتہ اَمیس کیٛا گذری۔

ییٚلہِ بیٚیہِ دُنیا ہہ بہٕ کرٕ ارِ تحالو۔
نیٚہِ پوٚترِس یو ہے سٔران دِیہِ سِینہٕ غسالو۔
دوہ کھہ میانہِ پھُچھِ آسہ لَس تَرِ کوٚ نٔرٔ ھابیکَس تمہِ گرِ کرہِ یس
نہٕ یارٕ ی ٥
ییٚنھے پاٹھی آسَس پھیران لرِ یہ تہٕ پانٕے اسٔشر ڈلیٚتھہ
ناچارٕ ی ٥
أنغرسٔے بوٕ ئے بکار آو جنابس۔ کُنہُ دیُت لَس سٔران کُنہُ واتہ نوو
قبرستان ٥
دُچھتوٲسی کانٛتیاہ باٲے اِمام حسینسؑ بیٚیہِ دوہہ مظلوم آو
بگیرو ٥
روزِ ہسے اَکہِ آلِ یاسینَس وَنہِ بیہِ ڈولہِ ہا زَن فقیرو۔
بالوٚ تہٕ گبرِ و کنہِ دِ تُس نکھ یٚرِ و ناز ہینَس اُچھ وچَس
واہ تیرو ٥
آب کنہٕ بنہِ ہَس مسکینس سٔران دِیُنُس شمشیرو ٥
زَن نہٕ اوسُس بویا تہٕ کانٛہ گوٚبرا۔
مارِتھ تٔرووکھ سرِ راہ بے کس مُسافرا ٥

## علی

دوٚ دُس بَنا بیٚنہِ بیب زینبؑ قبیلہ داہ بابہِ لگیو فدا۔
رُودُے نہٕ کوٚ نٔرٔ ھا ژٔہے شانہِ پھرٕ ی۔
بٲیس عباسؑ علیس یہٕ دِمہ نا آلو
سٔران دیُن چھُی بٲیس مشکہ منٛز کٔڑہِ نالو ٥

ننۂ شاہ اکبرسٕ تہٕ قاسمسٕ دِمہٕ نا ناداہ۔ اکھ شربت آپری
بیاکھ قرآن پری۔
کم ہیتھ نوٗرٕ نن چاآن وتہٕ پیٹھ تالو ۔ چھمہٕ خبر ووٕنی ڈولہم
کوتاہ کالو ۝

ییٚمہِ عالہٕ چھنے بیلہِ سٕرراہ یکہٕ ونی لوٗکھ دپن مالگہٕ یو پاری ۝
مُسافِر بہٕ موٗد مُت چھا کیا سنہٕ اسہِ چھسنا زانہٕ خانہٕ داری ۝
بُمہِ سے آسہِ ہے گوٗیراہ سہٕ ودِہس ناکرِ ہسنا تعزیہٕ داری۔
کُس ونکھٕ زِ ییٚمس مظلوٗمس آسی شداہ بابے پہلوان واتی ہتی
گبرٕ کم کم جوان ۝
کُس ونکھٕ زِ بابے باہتھرٕ، گبرٕ تہٕ یار یاور دُشمنو ماری ہس
جوان و پیرو ۝
یہٕ کتھ روزِ پیتہٕ وتھ ماجن کو چھن پیٹھ ماری یکھ صُغیرو ۝
کوٚنہٕ ونکھ زِ ہہہ نس ماتم بیٚنہِ کورِ تمہٕ ینہٕ ہس اسیرو ۝
ازتاسٕتھ سرِ ینہٕ کاشہٕ یُتھ ظُلما نہٕ بٕریدٕ سٕس ہیوٗہ ظالِما
ژےٚ ہیوٗ نہٕ مظلوٗما ۝

علے

خلقو دُنیاسس گُزرے گبرِ مالی بابے بابے کاتبا۔
کاتبہِ اکی مرنس کاتبہِ کرنہٕ یاوری۔
چھُ مُرِتھہٕ محبت اکھ اِکی شُند پیٹھے بکمالو۔
چھلن، کفن، ولن تہٕ تلن میٚتٕرِ کُرن حوالو ۝

بأے تہٕ گبر گےٚ امام حسینٕنٕ کمہٕ رنگہٕ وونٛد ہس رٕتھاو۔
کٔرٕ غنیم براڈری عباسس علی بِن دِلاوٗری ۔
تس دِیثا وشمنن اَمہٕ چاےٚ بیٚنہٕ وانتیم تہٕ یہٕ چھُسے نالو۔
مٲلی سٕند قبیلہٕ کھوتہٕ ٹوٹھ چھُ آسان ماتا مالو ○

یہٕ بوے چون تریشہٕ ہوت فاقہٕ پھِر کاژاہ کرِ یزِ پدس ستی دعوادارٕی ○
تیٛر اُووی ہس، یار یاور مأرِتھ لرِ لرِ یہٕ تہٕ مرِ اسہ تھرے کرُی زیٛا
وو مید واری ○
کیُتھ بیٚٹھ ژٕرِ ہیوٗہ جوان یتھس فقیر سٕند کیٚنہٕ مرِ۔ دُنیا
ترٛاوِتھ بکار کیا چھِے یزٕ دین داری ○
بےشمار دیثا وے دِیار سپیرہ۔ بیٚنہٕ یور کُن بیٚنیہ
تھاوے فوجِ سرداری ○

دِیثاس بِنا امامس تہٕ ژٕ نِہ کیشاز مٔے ستی یارکھ پان۔
ژٕ اسے لسہٕ ہکھ تِی گژھِ ہے جان۔
دِلو نہٕ لگہٕ ہن بیٚنہٕ قدآن ○
ژٕ ہے استادٕ آسہٕ ہکھ تہٕ عابدین شتھس بیٚنہٕ ہے نہ زانہٕ چیرو ○
ژٕ نٔے رٕتھی بیب زینبس تہٕ ام کلثومس کرِ ہے نہٕ کانہٕ زنجیرو ○
بیٚنیہ بِنہٕ ہے رٕوہ خصتہٕ تہٕ اہلِ بیت مدین نٔھکھ زیرو برو ○
ژٕ اوسہکھ محرم تہٕ بیٚنہٕ کورِ بینہٕ آسے صغیر و کبیرو ○
بیٚنیہ بنی ہی تہٕ چاوہن تریشا سکینہٕ میاٚنی اینیم صغیرو ○
بیٚنیہ دلو چانہٕ اکھہٕ بنہٕ ہے کفن دفن شہیدن میانہٕ دستگیرو ○

بوٗزِ نفہ عباسس علی بن دِژن چاکاہ ۔

ہا سے صاحبہ لاۓ ووم شنز اکھاہ دِیہس جواب دِتھ باکاہ ۴

## علے

دوٗپنس بہ چانہِ دبدِ تہ بابس تہ ٹڈی بابس تسِنہ وُبھ دمہ گیاہ

بییلہ سۄ قاضی محشر بہ قضیہ چون اُشنزری ۔

آسن اکہ اکہِ بزر ژھان شہیدن احوالو ۔

گنز ھیم کلہِ لوٗن کُن کمہ رو بہ کار ہیوٗر تالو ۳

گژھ ڈکرِ فری یاد مسافر کوفہ شہرک مُسلم شاہ ۔

آسنس سر ہیتہ اکھن کستھ ہیتھ پیتہ ٹشری ۔

تھاوِ بزدِشہ کتہِ جنابس سۄ رتہ لوٗڈ آبہ پیالو ۔

مَر ہتہ تزیشہ بدل ہیتھ منز ہار ہم دَند مالو ۲

بیبہ کتہِ آسہِ مہرازس گزراوان حسن مجتبی بئیمس گلہِ میوٗٹھ

کتہِ ہیبہ والہِ خلعتس زٗتی ہم ئزری

مارِتھ تہ گُری ہیٹھی ٹکہ وِتھ کوٗر ہم پایمالو ۔

چھس گنبدنس نموٗ دار وُتہ گرُہن ہشدی نعلو ۱۱

اَژن اکھہ واس کرِتھ اکبر اصغر ہیتھ اکھن کستھ سر

اُسی تزیشہ داٗدی ماری ۱

معصوم حضرتِ زینبہ شدی تہ پننی آسن ہاوان برخورداری ۱

وہاب کلبس رض تہ حرم شہیدس تہ حبیبس رض آسن کران منت داری ۱

بہ کمہ رو بہ تتھ مجلسہ منز اَژ بابس گژھہ بڑو شہ کُن سہ ماکرہ ہم گلہ
گذ آری ⊙

بیٹھی چھا بائے آسان، مئے کُن وُچھان آسن ساری ⊙[1]

دید چاپی دید میشانہِ گژاو ماکرِ۔ حسینؑ مرہ عباسس کرِ یا
دُپی یادآری ⊙

ہو بائے صاحبہ ژ مرکھ تہ بہ زِندِ آسا روزان۔
اَز ہے سہ مئے آسہ ہے ساس جان کرہے قدمن تہ قربان ⊙
مئے چھینہ بوژ دینُک جُرتھ چھُسے بہ غلام ژ میٹون پیرو ⊙
وونی للہ دیتوم رو حصتھ میدانِ شہادت بہ نیرو ⊙
یاتے یمہ تزئیش ہیتھ نتہ ہارنم رَتھ یتھ نہ زانہ پھیرو ⊙
بخشی توم چھم منتھ میشانہ اَتھ زانہ ہے بخدمت آو تقصیرو ⊙
یِی دُپی زِ مو حیتھ تہ غیرت سہ گو درداہ آسِس ستی بائے
سداہ سارِ وے کوڑ ہس جان فِدا ⊕

علے

خلقو چھُ تحقیق بینہ آسان بائے ستر مجتبا۔
اَما ماجہ لوکٹ گوبرُے چھُ مشہور محبت مادری۔
فِدا بینہ بائیس یتھ کران جان و مالو۔
اما عز ہز گوبرہ ہنُد کھوتہ بوے آسُن محالو ⊙
کاتُسہ بینہ حضرت زینبسؑ ستی چھینہ نسبتاہ۔

---

[1] بیٹھی چھا بائے آسان بیگانو تہ دوندہس جان ژ تے اسہ حقدآری ⊙
سو شرمندہ گی چھا آسان مئے کُن ما آسن وُچھان اسان ساری ⊙

گیِہ غنَم تِہِنز نہٕ شاہ حُسینٔنی برادری۔
تِمہٕ وُندی باۓ جانَس اُچھن ہِندی لعلو۔
دۄپُن فِدا اسِندین قدمَن یہٕ روزِ ہیمہ بحالو
قُربان تہٕ تِہِندِس دَر دس زٕو دِزاوتس شاہ حُسینس وِدان زار زاری
کۄت کال گُذریوو تَس بۄزُم وُنہٕ گُذریپیہٕ یِیٚس تِہند مرگ زاری
تِہِنز قبر مَنز واحسین شاہ حُسین بوزِنہٕ یِوان۔
زَن چھیٚتے سرخان وُنہٕ للہٕ وان
نتہٕ زَن چھیٚتے یزی دِنس برَس تَل لیل کران گونٛدمت اوسُس جایہٕ میرو
وُنہٕ زَن چھِس طشتہٕ پیٹھ کھووٗمُت باۓ جان تَس زیرہِ
دِوان یِزِ ہِند شِر پیرو
نتہٕ کیتھہٕ مَشَس سُہ روزِ دیوان شاکٔک تہٕ عامَن ہِشرپیرو
کَن تھاوِی تو محبو وَنہٕ مو حسرتھ الوگُم والنجہِ ضربتھاہ دُنیا
کیا چھُ عبرتناہ

## علے

بۄزُم بیلہ کربلا خیمہٕ کوٚر بر یا امام حُسینٔن مسافری۔
گیِہ پٔرتھ طرفس یہٕ خبر فی الحالتو۔
کۄ قینو سُبتھ پھیٚر امامس کربلا کٕرِی تھٕ انتیا کھ سوالو۔
اوس بییٚ شہر بانس بویا پتہٕ شہر پادشاہ بیلہ خبر لۄزِنہٕ بخناوری۔

---

لہ بوے امیرد (نسخہ محمد جعفر بٹ گونی) ؎ وُنہٕ آسہٕ زہر تھ دِوان قیامتس تانٛ نیٚرِس یہٕ اصغرن نیٚرِو (نسخہ ایضاً)

درٛاوٕ لشکراہ ہیتھ بڈٕ جاہ وجلالو۔ ووت کربلاہ نیبر مُنزِ لاہ ژھنڈی تھٕ
کوہ تہٕ بالو ⊖

تتھ جایہِ کرِ منزلاہ۔ دوٛیُن اَتھٕ نَنِیلِہ کربلا بیَیلِہ سمہِ ساز سوارٛی ⊖

"نادِ آسمانہٕ گیہ وُزملا زٕمیننٕ گو ہنیلٕاہ نیٚٹے کوہ ساری ⊖
عالمس وَلِہ وُنلاہ شہزادہٕ یہ ڈٲلیتھ کھیٚنہٕ ہولا گوہ ہر کارے۔
ساعتہ اَکہِ پتہٕ سیُن روشن ہوا۔ وُچھن نقاب پوش سوار اَیوان۔
تس گرٕ جایہِ جایہِ وُسی وُسی ہیوان ۞
گرٕس جوٗ یہ جو یہ رٕتھ وَسان خوٗنس مُنزٕ زن گوٚمت اوس پیٚرو ⊖
شہزادہٕ ڈیٚشتھ گو حاران سوزُن خبرا کھ وزیرو ⊖
دوٛپنس وُچھنس کیٚتاہ چھس گوٚمت جبرا کربلاہ ہیچ آسہِ نا
نبرا، اَدٕ زٕہن یوٗری ہمراہ ⊕

## علی

وُزیرس سہ سوارنہٕ گرٕ ڈیشتھ رودُ سنہٕ حالا
وُچھن گرٕس ہیٚر بون گاٚمتی تیٚر تژی تژی۔
نیٚزو تہٕ شمشیرو کوٚرمُت غربالو۔
تس نتان بند بند بے زبان اوس ژھٹان نالو ⊖
وُچھن اوس سہ سوار بیہاہ گجُمر زن ہلالا۔
اَمس دِوان کلہٕ ٹرٕی ٹرٕی۔
چشمو نیوٗت اوش ہاران ژالو ژالو۔ گرٕس چھلنہٕ اَمس یوان
رَتہٕ بوڈ یالو ⊖

پٕرٕژھس وزیر تۆ ہۍ کتہٕ آو کمہٕ شہر وٕڑاآو گرٕس کیشازِ چھو
نۄن جارٕی ⊖
ڈُنی تۄ ئینِتھ کیٚا اوو بییہس ظُلم کمُی گرٕی نو ستمگاٗری۔
تُمہٕ بییہٕ گرٕ ٹکہٕ نوو تھہٕ ژن کھفن نہ زِ کٔن ھفوو کڑ یاٗس
زاٗری ⊖
وزیر پھیر تھہٕ آو تہٕ وَنہٕ شہزادَس چھیٚے لاہٕ لد بییاہ لاراٗن پنہٕ ہنن
ژھایَن تہٕ چھیٚے کھوژان ⊖
بوزٕی تھہٕ یہٕ احوال شہزادَس رنگَس اوٚہٕ نَس سپھٹا تغیرو ⊖
ہفاریوو زِ کربلاکین مُسافرَن کیٚا سنا چھا غیرو ⊖
بوزِ تھہٕ کربلاہچ فکر گیٚس سپھٹاہ بییہ نشہٕ وا تنِتھ کورن نہٕ صُبر تھاہ
نَس سنٕی کرِ ہے کتھاہ ⊕

## علے

بوزُم زٕنی اوس پٕرٕونہٕ بنا ڈیوٹھُمت ذوالجناح۔
گرٕس وُچھنہٕ لوٗگ اُچھہٕ پھیری پھیری
اوٚشں ہاران تۆ ے کرٕس سوالو۔
زٕ گرُ امام حسینؑ چھکھ مامئے چھُم گرٕ ھان خیالو ⊖
یُتھ ظُلم کمُی کوٚرے زٕنے آسی تھہٕ نیٚشتھ بناہ۔
چُھکھے تھہٕ ندُ ے یم چھوکھ کیتھہٕ تمی زٕرٕی۔

---

ا‌ ژلان (نسخہٕ ہا)

للّٰہ وَنتم سۄ پانہٕ چھِا بحالو ۔ اوس آمُت کربلاہٕ ستی انیشان عیالو ۝

ببہٕ بیانی حرم خاص منٛز حرمن چھےٚ کرٛ منٛز تمٕ تا جدار ۝
آغہٕ سُنٛد چھُے التماس پوٚز ونتم یہٕ پوٚت آس تٔہند اماری ۝
یہِ پوٚزی تہٕ زن ذوالجناح نیز آس یانی منٛزِ ہے زبان ۔
تانی دِیس بیب شہربانوٚ ۝
گرٕ پوچھے خبر زٕ یتہٕ چھم لاران تار مہٕ کر زیرو ۝
ٹکان نے ببہِ گرٛ ھوبیٛران چھس کھوٗژان بمو بگیرد ۝
دَیہِ شہزادس کُن ودان کڈان آہ ۔
ہئے چھِہم مارِی ہتی اچھ گاہ روٗدمُت چھُم نہٕ گاشاہ ۝



ہو صاحبہ ژٕ ما آسکھ نامحرم تہٕ دوٗر روز برائے خدا۔
چھُنہٕ پوٚکمُت از نام ہوا تہٕ سانہِ بری ۔
بلاے مرگس وُجِس یمی زالو۔
ملکن تہِ بے روٗ غصتہ گرٕ سون اژُن اوسنہٕ مجالو ۝
دوٚ ہنس شہزادن توٚہی کم چھونہٕ گاہ ہتی چھوکتہِ جدا۔
پہٕ کوٚہ پُترٕ ھی پیمٕژ چھو در بدری ۔
دوٚ بنس کیاہ ونے چھم گُمژ زندگی وبالو۔ وُنی مور ہم خانہٕ دار
ہیتھہٕ نعو ردٕ سالو ۝

دوٚ بینس کیا وَنے کم کم جوان مٔتے ڈلیشہٕ وٕنی وتَن بیہِٹھ ترٲوی ہم
ماری مارٲی (=)

نعایہ دار ہیثون اسُلطان امام حسینؑ مارٕ نو و یزٕ دَان بدکاے (=)
ننارٕی ہس ساسہ ہٕدی نیزٕ تہٕ کان چھکھنا وُچھان گرٕدس کیاہ چھس
زخم کاری (=)

العطش العطش کران دیُبت تھٕنزٕ رے کو چھِ بیہِٹھ جان میاٲنی
شیرِ نعوارٕی (=)

یہ بوٗزٕی تھہٕ رٔو دنہٕ ہوشا شہزادس دوٚ بینس بینہٕ دِیدی یہ
لگے قربان یہ چھُس نا چون باٲے جان (٥)

دوٚ بینس باٲے صاحبہ یہ چھُسنہٕ نہٕ بیزٕ زنان۔ مرگن جہان
کوٗرمہ نیرو (=)

کیاہ وَنے کیا پیش آم ڈیکہٕ رٕزٕ ھہ اوس کیا تقدیرو (=)
باٲے صاحبہ مٔتے یھوٗر کربلا مرگن گرٕنس دربلا یہ یوٗم کرٕ یوٗٹھ
مُتنزِلاہ (+)

●

ماخذات :-

۱۔ بیاض مملوکہ حکیم طاہر حسین از منشی احمد علی غازی ۱۲۲۵ھ
۲۔ بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد ۱۳۹۱ھ
۳۔ کتاب البکا، دارالاشاعت مراثی حبہ کدل ۱۹۷۷ء
۴۔ بیاض مملوکہ محمد جعفر بٹ از مرحوم غلام رسول بٹ ۱۲۲۵ھ
۵۔ بیاض مملوکہ ذاکر محمد شفیع از محمد صفدر ابن ذاکر محمد عباس ۱۲۷۱ھ

# وزن رَوان

شاہزادگرِ سیٹھہ والہِ ببۂ دیدِ بیب شہر بانسؔ رُود سُنہ کاشہ حالاہ۔
بارنۂ نالہِ موت کوٗرُکھ تنتِی منز میدانس وُنسی تِتھہٕ ہیبے ٹیز کالاہ۔
سُبھہِ سُبھہِ دِوان دونوے، بتھہنے لوٗدُکھ نماکا چامَن کوٗرُکھ جاکھاہ۔

دوٗہینس وُنۂ ٹینتھ کیا آو تَس امام زمانس ادسے سوالاہ۔
کمہٕ کوٗرخانہ واٗران رسولِ سُبحانس یہ کمہٕ ہیوٗت دو بالاہ
کوٗفِ ین تہٕ شامی ین منز اوسنا کانہ مُسلماناہ کلمہٕ خواناہ

مۂ ہینی وُننہ گُذریوو کیا تَس عباسؔ پہلوانس
شہ تہٕ ستی یوٗکس ناتھہٕ زے برادری چھے مشہور جہانس
امامی دِ ی تھۂ ہیوٗکس ناتس رٗوس کیٖتھۂ درایاو اوسس سوالاہ کیٖہ اوسو ملالاہ

وُننم زِ ستی یوٗک ناکانہ تس سلطانس عالمک اوس ییراہ
بیگانہ ستی نے آس اوٗن کونہ ستی یانس پنُن جانہ میراہ
بیگانہ شہرس سفرس نے نیرہے تنہا کیا ہینی بی ببۂ ہا؟

بوزاوٗ زِ رٗودی منی آسس یانِس امام حسنس برنور دار جوراہ
دیپان قاسم اوس نادِیس جوانس گٹہ منز آسن تس کوٗراہ

وننتم زِ چچھِر بابُن موننُ نا تمہٕ امراہ سۄ تہٕ آس نا ہمراہ

بیٚیہِ بوزاؤ زِ بابن منٛز سیٹھاہ اوس اِمامس غمخوار مُسلِم شاہ۔
سۄ تہٕ سٕتی پۄکُستا یآ ہِس ہیتھس ہُہمس تژدون کِتھٕ کُنہٕ بادشاہ۔
رِسپر کرہ ہے پان امامسؑ رِیی ذرِ ہا کانٛہ تنٛل مرِہ ہا!

بوزاؤ محلٕچانہٕ سور سٕتی اوس امام حُسینسؑ تمن بنیۆ وکیشاہ
رِنمہٕ دیٚدِ فاطمہؑ کورِ سوزکھہٕ مُدینس تۄے ژٕٹے سٕتی چھُنہٕ بیٚیہ کانٛہ
تمن رۆ چھُمت آسکھ حضرت سُندحرمتھا تۄے دِژکھ وننٛاہ

ہٕسٕتی بنیۆ کیشا اکبر جانٛس کوٚت لۄگ عابدین شاہ
رِتم تہٕ لور سٕتی اُسی تا ہینہٕ پٔنس پانہٕ جانٛس کٔتہٕ چھُ اصغرؑ شاہ
کران کتھہٕ چھپایہٕ تہٕ بوزٕہَس کاسہٕ ہَس لولاہ ژلہِ ہیم ہولاہ

بِمہٕ کتھہٕ بیب شہر بانِ زنٛ کان آس جِگرس دۆ بینٛس دِتھ باکاہ
پٔژ ژھنٛتھم زِ گیر جاۓ اُسی تا سٕتی بابس وانٛجہٕ لاۓ ہیتھم نشراکاہ
بس گو ظُلمس اکھ گراہ روز باکربلا ساۓ ظُلم بوزبا

باۓ صاحبہٕ پٔژ ژھنٛتھم زِسٕتی پۄک نا کانٛہ فرزندِ شاہ مردانٛس کیٛا ونے زِ بنیۆ کیٛا
اُسی بیٚیمہِ دو بہہ مدینہٕ دژاے تہٕ بیہِھی منٛز میدانس باہ ساس خیمہٕ اُسی ہمراہ
سارِنے خیال اوس زِ کوفس سینہٕ شاہ دژایاے گدا تہٕ شاہ

لہ وچھنس (نسخۂ علی محمد)

سوزاَن سہٕ مُسلم شاہ بۄروشہٕ کوفہٕ شہرس بیعت ہیتھ لیکھن ز خطا
سمیس ساسہٕ بدی لوٗکھ واہ اَگی سے پہٕرس بیعت کرٕی تٔھۍ پھیرٕ ہس تُھا
سنگسار کیتھ کوٗرد اماٗمتک دعویٰ معصوٗمن پۄوہَس واوا

بوزی نۍ بیلہٕ تسندہ مارٕ خط ووت اَڈٕ وَتہٕ چھگھ لُج فوجس اَدٕ
گاٗتسہٕ اَتھہٕ آو نہٕ کاشہٕ
سارِ نے رو خصتھ کوٗر کھ بیہ نِس پننِس مُلکس اَدٕ سیتی رٕوٗد نہٕ بیگانہٕ کاشہٕ
دۄ بچکھ کترہِ هو چھ مے مرنے راہ خدا کرُن جان فدا۔

پُرژھتھم زیٖنبو کیاٗتس عباس علیہٕ بأیس سیتی آونا
سہٕ تہٕ جان پان وندہِ ہس نا ملال تے آسہٕ ہیس بیتھ دقتہٕ پتھ روز ہا
پانژھ باٗے ہیتھ جان وۄ ندنس لوے آسی نتھہٕ لوگس سقا ہوٗرتس حقا

بہٕ ٹھیک رٕتھ وندہس نتھ تہندس عاٗرتس ناٗلی ژھنی کھہٕ دژاو مشکا
کاٗتنیاہ کان لاے ہس تہٕ یدُنک نہٕ پرواتس کھوژان مشکہٕ آوما کاشہٕ
دَپان مرے تہٕ گوڈٕ اَڈٕ کجہٕ رُمہٕ ہا تژہ شاہ وُنہٕ دلو بھرِ ہے شناہ

بوز با اکھ شاہٕ واٗلتھ مشک رِچے ین بیپس شانس ستہٕ بیبلہٕ کوٗر ہس جُدا
دندو سیتی رٕچے ین زیٖنبام نہٕ پانس اَڈٕ کجہٕ رُمہٕ ہا تژہ شاہ
بیبلہٕ تیر لوے ہس مشکہٕ نیلہٕ زیٖنہٕ نشہٕ سیٖن جُدا ڈپو بأیس جان فدا

معصوٗم جوراٗ آسی وۄنے کیشا بیب زیٖنبس دو نوے کھسہٕ ڈُنی ماہ
اُندی اُندی کوٗرکھ گٔتھ بارہ نو آفتاب دِہنس ماہہٕ صاٗبہٕ کرہٕ کرما
دَپان قدمن وندوے جان ژٕنے روز ٚکھ بہ جا آسہٕ لبہٕ ہو درجاہ

# وزن سوم (برادری)

دوٚہینس میانہِ بابوٚ ئے وَنے کیٚاہ  آسِس گبَر تہٕ بأے کأینیٚاہ
تہٕہنٛدی ظُلم تہٕ سِتَم وَنے بوٚ کأتیٚاہ  تمِن بنیوٚ کیشاہ کیٚاہ
امام حسنؑ ژٕ نے بپرُژھتھم تا  گوٚبُر تس اوس نا کاشہٕ
جینچہِ بالبَس سِتی یوٚکُس نا امہِ کنتھہِ  کوٚر نس بوٚ فنا
بوزتہٕ صاحبہٕ کران مہرازِ ہنز شُہ قاسم شاہؑ بییِٚلہِ مَرنہٕ ییٚرِ ہے شہٕ بادشاہ
تمیٚ خلعتہٕ کنہِ گوٚنڈُتم کفناہ  تہٕہندِ برٕ اَژٕنگ روٚدُم تمنا

بوزبا یأنی مہرٕ یِٚنہٕ لأجِم مأشنزا  تانی کوٚر سعدن غیضا
پوٚرُک مہرازس گرُ کنہِ نیٚزا  بہِ ظُلم بوٚزمُت چھُنہٕ زاشہٕ
ژٕ نے بپرُوٚژ تھم مدِین گیا زینبؑ کبریٰ تَس  بنیوٚ میانہِ کھوتہٕ جبرا
مےٚ روبرو کوٚر ہَس زنجرا  رنیکھ  سِتی سِتی ہمراہ [1]

بوزتہٕ باسکینہؑ کورِ ہنا اسہِ صغرا  کھَتیٚھ دِتھ نیوٚ ہَس کنہِ دوٚرا
کوٚر ہَس جیل حلقس کڈِتھہِ ہٕشنزوٚرا  کورِ موج ملہِ نا بوٚ سوٚرا
سوٚ ام کلثومہِ شاہ سِنز عزیزا  شوٚبہٕ ہنزٕ بوٚ تمُس کنیزاہ
لوٚیہِ ہَس مےٚ روبرو شانن نیٚزا  جِگرَس گوم ریزٕ ریزاہ

---

[1] نیکھ شام سرن ہمراہ (علی محمد فقیر)

مےٚ خانہٕ دارن ہیٚنہٕ کوٚر روخصتھاہ مےٚ ہیتہٕ کھاٚوی زٕہم ہیٚنتھاہ
ییٚتہٕ یورکُن درینٛھٕ پی وتھاہ توٗزی ژٕلی زٕ چھےٚ میاٰنی وسیتھاہ

یہ بوٗزی تھہٕ شاہزادس رٕوٗد نہٕ طاقتھاہ دوٗپُن ہے افسوٗساہ[۱]
آیاٰس شاہجینس[ع] بوٗ تہٕ وٕندٕ ہس رٹھاہ پھیرٕن رٕوٗدم عسرتھاہ

دپیاٰنس تہٕ ہیٚنہٕ دیٚدی بہٕ نہٕ کہٕ ہلا موٗکلاوٕ یکھ اَسیرٕ کربلا
موٗکلاوی تھےٚ ہیٚنم انشاء اللہ راضی گژھہٕ ہیم رسوٗل اللہؐ

آسہٕ وےٚ خوٗشی مدٕین ساری ہمو یکجا ییٚتہٕ گرہ گژھو نا بجا
ییٚتہٕ چھُ ظاٰلموکوٚر مُت بے جا ... ... ...

دوٗپُس بیب شہربانٕ[ع] ہے افسوٗساہ ووٕنی یہ[۲] زندگی کٔری زٕیا
سُیتھ پادشاہ مرٕوتہٕ بیٚٹھ جیفا گرس اندر ووٕنی مٔری زٕیا

ووٕنی کتہٕ یاد گژھہٕ تیٚتھ اکبرشاہ[۳] مہرازٕ قاسم[ع] اَچھ گاہ[۳]
تٕم موٗدی آبہٕ کران پانہٕ وُچھم[۴] مشیم نہٕ نھٕند پیشہٕ پتشاہ

•

---

۱ ہے مےٚ افسوٗس گیہٕ کتھاہ (علی محمد)
۲ ہیٚتہٕ
۳ ووٕنی کتہٕ انٛن سُہ اکبر نہٕ اصغرشاہ (علی محمد)
۴ وُچھناد مےٚ نژشاہ ... ... (علی محمد)

# مضمون سال و ماہ

یا محول الحول چانٛی قدرت وُچھان کھوان عُقلاء ہولاہ
کران ماہ و سال تبدیلِ احوال[٢] ژِ ے قدیراہ ⊖
ٹھہران تہٕ وُچھنس چانٛی صنعت تہٕ قوت ساٹری پران لاحولاہ۔
کڈان ظلمتہٕ نِشہٕ نورلیلہٕ[٣] نِشہٕ نہار[٤] چون ندبیراہ ⊖
ہر روز چھُ عام چون روز بیتہٕ انعامے ⊖
روزان تہٕ خالی روزی نِوان انام[٥] وانعامے[٦] ⊖
ڈلِشتھ اختلاف لیل النہار اولوالالباب[٧]
وُچھان گردشِ سال و ماہ دورِ مہر و ماہ چانہٕ صنعتٕ بیٹھ آگہی ○
یا اللہ چھے ہینجہٕ اچھنیارس اَتھہٕ تحویل حمل و میزانے ⊖
چار فصل صیف و شتا[٨] بہار و خزانے ⊖
چانہٕ قدرتٕ گواہ روز و شب صباح و مسا[٩] ⊕

علی

[١] وری بدلاوَن وول [٢] حالات بدلاوان [٣] راتھ [٤] دوہ
[٥] لُکھ [٦] چاروائے۔
[٧] گاٹلی [٨] ریٹہٕ کول [٩] وَنٛدٕ [١٠] صبح تہٕ شام

نوٹ:۔ یہ مرثی چھے مرحوم علی محمد (فقیرس) وتینہٕ آمژ۔ یتھ مرثی چھُ منشی نذیر منشی شاہ محمد نی ہاوان۔ امایوژ حکیم صفدر، منشی صادق تہٕ حکیم محمد علی چھِس حکیم عظیمس ژُن منسوب کران۔ صحی تہٕ چھُ تی۔

یُو کیاہ سُہ روزِ فیروز دین افروز سدا ۱۷ ہم ربیع الاوّلا
کرن تمے ہفتہِ ہر ہفت ہفت آسمان سنخ ژ ہیہِ ششن
جہت گے مُنیرا
ییلہِ زاو حضرت کھوت ہنو تنگ ہلال آے ملک خوشحال لولاک
یران براں لولاہ۔
کران مبارک غرۂ ماہِ سعید چھِ عید آو دین و دُنی پھک از پیراہ
دِیہِ شرف روزِ جمعس تولّدِ خیر الانامے
سیُٹھ عیدِ مومنان گو نوے افضل ایامے
ییلہِ کھوت ماہ ربیعہ سُہ دینگ آفتاب
بہار آو عدلس تہٕ زوّل ظلمتِ ظُلمگ دٲنی ماہ
اسلامس لوب روزِ ہی
اوس عام الفیل یتھ ذِریہ زاو سُہ کفیل زمانے
اصحابِ فیل گے برہم تہٕ کعبن لوب امانے
سیُٹھ تہندِ ے زیہِ دوہ کہ برکتہٕ کعبہٕ آباد
گو خراب طاقِ کسریٰ




چھُ کیاہ فرخندہٕ فال با اجلال سال اقبال ستمولاہ
کُنہٕ تایہ جیمہِ سنہٕ ہجریہ ییلہِ کوٗر حضرتن جانشین حضرتِ امیر

---

لہ رۆمی کلنڈرُک اکھ ریتہِ یُس اکتوبرس ہیُو آسان چھُ۔
لہ رُت تہٕ مُبارک

دوٚپُن مَنْ کُنْتُ مَوْلاہُ فَھٰذَا عَلِیٌّ مَوْلاہ[1]

ارداٗہ ہمہِ ذی الحجہ اول ماہ جلاًلی عیدِ غدیرا
اوس عالم افروز سُے روز نوروزِ اسلامے
نعمتِ اَلْیَوْمَ اَکْمَلْتُ[2] تیمے دوہہ واٗتھ یا نمامے
حدیث فرماوِ حضرتؐ لیکھان چھُ صاحبِ کِتاب
کوٚر خوداٗے ایختیار دوہَن مَنز روزِ جُمعہ
بیبہٕ دوہ چھیہٕ اتھ ہی
شبن مَنز شبِ قدر رہتن مَنز شہرِ رمضانے
ژورنس نبین اندر بوٚ میانہو اندر شاہمردانے[3]
نشاہ نفسِ حضرت مُدعاےِ اَنْفُسْنَا[4]

علی

بوشاہ نفسِ حضرت زبدۂ خاندان بنوت زوج بتولاٗ
نس کنوٚ ہمہِ شب قدرِ اوس کیشاہ تقدیراہ
اوس راتس بیدار نماز گُذار خائفس کُن مشغولاہ
کڈان آہ یا اللہ بخشتم گوناہ کران توبہ تقصیراہ

---

[1] یَنْس بہٕ مولا چھُس تَس چھُ بہٕ علیؑ تہٕ مولا۔ (مشہور حدیثِ رسولؐ)
[2] یانے اَسہِ کوٚر تُہندِ دین از مکمل ... یہ آیت سپز غدیرِ خم منز تمہ ساتہٕ نازل
ییلہِ آنحضرتن علیؑ پننِ نائب مُقرر کوٚر۔ [3] واقعۂ مباہلس کُن اِشارِ
ییلہِ آنحضورؐ مولا علیؑ پننُ نفس قرار دیُت۔ [4] خلاصہ۔ نموٗنہ۔

بۆ چھُس ذٔلیل اٗسیر گو ناہ نتہٕ رحمتٕ چاٲنۍ چھےٚ عامے ()

چھُم کڈُن سفراہ کرٕ یوٗ ٹھ زادِ راہ کیٚتھ نتہٕ اَتھہِ آسے ()

یِی وَنان گاشس آو نتہٕ مسجدِ دژاو عالی جنابؑ ۔ دژ اُن خوداییس کُن

سجداہ پران سُبحان رَبِّیَ الاعلیٰ و بحمدہٖ ()

بلچِم کرِتھ آو انمان وُچھُن یانی نمانے ()

موٗرن روز دار سجدس بیٹھ امامِ زمانے ()

گوکرِتھ گٹہٕ کارٕ صبحِ جمعہ زانتہٕ مشیاسہٕ روزِ سیاہ ()





خلقو چھُیہٕ اَسہِ زانتہٕ خوشیہٕ ہُندٕ دوہ بلہ رات دوہ روزو نا ملولاہ ۔

آسُت چھُ اَسہِ حصہٕ ماتم ازلے سینمت غمکُ خمیراہ ()

چھُ پترِتھ بڈِ دوہہٕ مُصیبتاہ دُنیاس غوصہٕ روٗستےٚ نتہٕ کیٚتھ حصولاہ

کرو کیتھہٕ عیدِ رمضان اَسہِ دو چھُ تعزیہٕ حضرت امیراہؑ ()

کیتھہٕ نوٗو رخت پاَرو شاہؑ سُند بنِ شُترہ بنِ آسن سیاہ جامے ()

تِم آسن دوٗ ڈِشنی بہنھ دوکھس اَسہِ شوٗ بیاگنڈُن عمامے ()

کیتھہِ عیدگاہ نیرو معرکن پھیرو ژھانڈان اِمامے ()

سو عید پھران گرٕ دھِنا جگرس کباب

آسن کونکی شُری نیران عیدگاہ

شادی کران شہری دِہی ()

سِنیٛن بارِ نٲسن گرِ بہتھ بابُن دِہ کھ اللہ وانے ۞

بابہ اَزے چھیٚنے عید چھِ نایتیم یاد پیوانے ۞

پیٚنیٚ پیٚنیٚ مالی شُرین چھہ عیدگاہ نِوانے ۞

چھِ دِہ کھہ لدِ چاٲنِ خانہٕ مالی دِلاسہٕ دِنہٕ چھیٚنہٕ کاتھہ یوانے ۞

ژادِ سکھ ییمے دِہ یہٕ غریب شُرین نوٚو دِرخت دِوانے ۞

کرِ باوٲسہِ چانہٕ دِہ کھہ جامہٕ چاک دِہ نی یمِ تہٕ چھیٚنہٕ کاتھہ سوانے ۞

چھیٚنے آیہٕ اَز تہِ کوٚر افطار تعزیہ دارَن پٔژ زهانِ چھیٚنہٕ کاتھہ ۞



پھِران روزِ عرفہٕ بیکس مُسلم شہیدٕ کُرن عیدِ قربان مُحب کرِیا قبولا

اُسی کوفکی لوکھ خوشی کران پھیران سہ مظلوم اوس کوٚرمُت اسیراہ ۞

دوٚ یہس کسمہ کھےٚ یزید سٕنز بیعت ژادِ دِ نفا اَتھ کروے عہد وفولا

گوس یقین زِ مارِ م پھیرِ نہٕ تقدیر یو ہے چھُہ روزِ آخیراہ ۞

اَدِ دوان دوان مظلوم امامس لیکھہ نامے ۞

سٕتینس روزِ عیدِ قربان یا امام بو تہٕندِ غولامے ۞

چھُنہٕ مُلاقات دِ نی اِمکان بینہٕ دِہدن ڈیٚپی زِ یم سلامے ۞

چھیُس موالتماس کران بحلیت[۱] ڈیٚزِ یم نام بنلامے ۞

---

۱ مطلب بخشِش تھاوِ نی سارِ نے ہنز

یا امام چھو دنان پانے یتیم رچھنک ثواب دوٗنی یتیم میانی چھوحوالے
بعدِ خودا یتیمن ہندی مالی چھوٗ توٗہی ○

چھ کیاہ محمد نۂ ابراہیم غولام زادِ چانی میانی زوٗ دانے ○
دُنیکِ تمام آسی زِندے اما کوٗ فی چھکھ تُھاتڈانے ○
کرِی زبکھ ماجہ تسلا سو تِہند پُتری آسہ وَدانے ○
پکُن بیٚنہ چھُکھ نہٕ کوٗ نتر ہا چھم نہٕ خبر بیش یِیکھ کیاہ ○




ماہِ محرم آسہ کوٗر داہ، نمے دو ہیہ پنجتن ع دراد مولاہ
گوٗ روزِ عاشورا خانہٕ رسالتس زبر و زبراہ ○
گوم سنہٕ عمل سنس مَنز ڈیوٗ ٹھم حدیثاہ امام رضا ع شُند قولا
گرز ھِ مایست و بلند حرفاہ مُدعا تمہِ کے کرہ مو تقر برا ○
اوس ودان دنان امام سینہٕ ہے محرمک ییلہِ کلانے ○
کافرِ بجۂ رتھس اندر جنگ آسی زانان حرامے ○
یجۂ مَنز خوٗن سون ہارن زانن حلال اہلِ اسلامے ○
اَمے رِتہٕ اہلبیت ع روٗٹکھ آب زوٗنکھ ثواب زائلن خیمہٕ گاہ
ناری تھہٕ تُراودکھ موٗہی موٗہی ○
روٗ چھُکھہٕ حرمِ سنھاہ کوٗر کھینہٕ پاسِ رسوٗلِ سُبحانے ○
دِزِکھ سوٗز رحمتھاہ کرہ بکھ اُسیر ساتہِ زنانے ○
یہ مُصیبتھ تاز روز بروزِ قیامت تام مَنشرِ نہٕ زانہٕ ○



دِوان چھُپھنہٕ کانٛسہِ آرام گردشِ ایام ہمیشہِ چھُس یی معمولاہ۔
کانٛسہِ بھوٚل نہٕ صبح خوٚشیاہ شامِ غم تَس دِیہ ہے نہٕ تغیراہ (=)
گوٚنٛشِدے پُرژِی یاٗدٕ سال وماہ رات دوہ تیٚژھنہٕ حضرتِ رسولاہ ؐ۔
تَس تہِ یہ سِتمسار جفا کار آزار دِنَس کرِ نہٕ تقصیراہ (=)
چھُ کیٛاہ یہِ دُنیا حسرت تیٚژھہ حضرت ؐ کَڈِہ سخنٕنہٕ عمرِ تمامے (-)
کرِنَس دِہ دٕنہٕ یابہ رحلت سُہ دیہِ خاص دُنی یاس آدیامے (-)
پھیٚش آس ییٚنٛمس مُنزِل بے حِساب
زٕ ہنہٕ دوہ ہہٕ پیٚنٛٹھ ژٕ جِس نہٕ لار زانٛہہ
دوکھ تہٕ دُشمَن ییس ہہی (-)
اوسُس حضرتِ ابوطالبؑ یا بہٕ سٕندی یا ٹھ رَچھانے (-)
نوٗرِ چشمِ عالمس اُچھتے اوسُس دُچھانے (-)
دَیالی بہِ چھِم باٗے سُٕندٕ اچھ گاہ واتِس ما چشمِ زخماہ (+)




اَدٕ یمہِ دُری بہ کرِ قضا ابوطالبؑ گو بیکس رسوٗلِ مقبولا ؐ
ودِلس ہژٕوشہِ ہژٕوشہِ تولوٗدس چیٚنچھِ یابہٕ رودُم ژٕ ییٚے ہیٚوٗ دستگیراہ (=)
سُہ مرِی تھٕ رہتٕہٕ پتہٕ موٗ یہِ خدیجۂ کبریٰؓ تیٚنٛھ تہِ تیٚژھ لوٗگنہٕ طولا۔
راٗدِس بیٚلِہ دوشوٗے غمخار وفادار سِپُن سیٹھاہ دِلگیرا (=)
غمَن بیٚٹھ پیٚاٗس غم تیٚنٛھ دُری یُس عام الحزُن تھوٗو کھ نامے (-)
دُچھکھِنہٕ نمہِ دُری بہ کانٛہہ تہِ اسان گرِ بہِہنہٕ آسی ودان صبح وشامے (-)

دُشمن اُسی شادی بران گو کُن غیرالانامس ○

اُسی کبشہ وَتن کُنڈی و تھران کنہ لایان کینہ دِوان پلاوے ○

نِتھے بیتھہ دُری یہ کرِ وفات رسالتمآب صلعم

تَس پتہٕ ڈاپہ رِیتھی مو یہ حضرتِ زہرا ع

سیٹھا میٹھنتھ تیج شتھی ○

شہ بہتھہٕ تعزِ لبس حضر تَس گرِ سیتھ زٕ دانے ○

دُشمن اُسس دِوان طعنہ یا شاہ دو نی کیاہ چھُو ودانے ○

تِتھے دو کھ لدِس رز کرِ تھ اُسس کڈانے ○

بوٗزِ تو حضرتِ ابوطالبس ع بتہٕ حضر تَس پیش آو کیاہ کیاہ ○

## علی

دُیت ہس تیتھ آزار سیتھ فِرار گژھ تہٕ حجاز کوٗرُن نزولا۔

گیاو حجاز کُن کرِ تم یاری تھ پھرِ لس صغیر و کبیرا ○

دژاے لاران کروس سنگ باران اُسی اکھ اکس کران حلولاہ

ماہِ نا یان دادی لد کوٗر کھ چھو کہِ لدِ بشیر النذیرا ○

اَدِ رسوٗلِ مختار لاچار پھیری تھ آو بیت الحرامے ○

وُچھُن کُلا سایہ دار لاہ لدِ تتھی تل کرِ آرامے ○

رَتھ چھلان گنڈان چھو کھ خالقس کُن کران کلامے ○

یا اللہ کرِ تم چانہِ وَتنہِ یہ ظلم بے حجاب چھُکھ حالس مبالنِس بیٹھ آگاہ

کران چھِنہ ظلمس کبشہ کو تہٕ ہی ○

بوٗزِ م دوہ یہ اکِہ کعبس منز قبلۂ عالم نماز اوس کرانے ○

وُچھنس ییلہِ تنہا ابولہب ابوسفیانے ۞
ہیوٗ تنمٕ نارٕ ہنہِ ہتہِ نوٗر نتہِ کتہِ آسی سٕہ لابانے ۞
کعبس لرزٕ آیہِ وُسی تھٕ پیو رسول سُبحانے ۞
برہ آس مینژ سٕتی گیسوٕے مُبارک
دِتھ چاکاہ خاک لُدی زٕ بنا ۞



تِتھے پاٹھی مولا سون ظالمن تُشندِ بیمہ مدینہ ژچاوکربلاے معلیٰ
سمے کوٗفی ساری یاری یہ بدل پیر اوٗنکھ بگیرا ۞
کوٗرکھ نماز کران کتین تہ کان لشان فرزند زوجِ بتولاؑ
پیو وُسی تھٕ سٕجدٕ سے بیٹھ ظالما لایس ڈٕکس تیرا ۞
ہُڈی باہی پاٹھی نماز کران کوٗر ہس ہجوم عامے ۞
باہی پاٹھی زخمن اوس گنڈان ژٕ تھٕ عمامے ۞
بیب دزایہ یان ماران لاران ژٕ ژٕ جامے ۞
ودان آسہٕ ظالمو وونی نومنگو آب تِتھے اکہ ژٕ اوی تون براخودا
کرٕ ی ژٕ تو ہی پادشاہی ۞
وونی زانہ کو فس بمو ہ فقیری سہمو گرٕ ھوییرانے ۞
مرٕ ہو بیٹھ سنگرن آسہو جنگلن پھیرانے ۞
نتہٕ دِیو ہے روخصتھ ہُڈی باہی مجاوری کرٕ ہو
نتہٕ ییر ہو یہٕ زانہ ۞



ماخذ: گلشن مراثی جلد اول از حکیم محمد علی ۱۳۰۸ھ
ریسرچ لائبریری کشمیر سرینگر۔

# مضمون موسیٰؑ[1]

یا اللہ کیا بلند و بالا طورِ عرفان اوٚت واتنہٕ فکرِ شدِ موسیٰ۔
کرنے تجلی ہدایتُک نوٗرِ الٰہ
نتہٕ وَنہٕ کیتھاے بے خبر زَن تورِیت حمد کیٛن طور وطرزن ⊜
ہاوٕ تِم نوٗر کائناتُک قبساً موسیٰ آسا مدعائے اطلق لسانی
کرِہم ظہورا۔
کُن ترانی[2] امرِ وادیہِ مقدسہٕ بوزن، ہیبت کھین، بُتھو
کِتھ ہین، پِتھ روزن ⊜
اُسی یِم کلیم معجز بیان تِم کُٹی گئے ⊝
سپنتھ ہمکلام با حق نیو کھنہٕ پئے ⊝
یا اللہ چانہٕ قدرژ شجرِ اخضرِ نارِ نیران نوٗر گژھان نیران۔
چون قہر و مہر کرِ دُشمن نارے دوستن نارے ⊙
ژٕے کران جیبِ شبہٕ نِشہٕ یدِ بیضائی صُبحِ ظاہرو ⊝
ییوان لوٗسی نتھ ستارہٕ بیٛتھ موسیٰ ڈلشتھ ساحرو ⊜
خالی نہٕ ظہورِ چانہٕ کانہہ مقام پرٛتھ مکانا وادی ایمنا[3] ⊕

## علی

چھُم پرٛ نتھ لوح سینہٕ پرٛ نعتِ حضرت کرِ نتھ ہوسا۔
سے معنی یٰسین والطورا۔

---

[1] تمبٕری (نوٗر) [2] سنز کلمہٕ منزٕ [3] وادی ایمن چھے سو جاے ییتہٕ حضرتِ موسیٰؑ ہس کلمہٕ منزٕ نار دٕراو۔ نوٹ: یہٕ بر تی چھے مرحوم خواجہ اکبرس ونِنہٕ آمژ۔

تَس معراج پأرِتھ بُراق تہٕ رفرف سوزن۔
اوس پیٚاد مۄسیٰؑ طۄرس تے کھوٗرکھ زَن ⊝
مۄساسں گو ندا فاخلع نعلیکؑ بہِ چھُہٕ وادی مقدسا۔
اوسُس نکُن ننہٕ ووٗرِ ے دستوٗرا۔
کوٗرسیرِ بالا حضرتنؐ سر فرازن۔ نعلینہٕ سان سیُن عرشس قدم زن ⊝
ڈیٖتھہٕ نوٗر حق مُتجلی حضرت طوٗر عرشے ⊝
مۄسیٰ اَکِہ زرہ ہیوٗ پے ہوشے ⊝
بوٗزم زِ عمرہ سار مۄسیٰ عمران آرزو اوس کران۔ حضرت سےٚ تے پیٚنہٕ نین امی تین سٕتی یارے نکھتے مےٚ دارے ⊝ [1]
مۄسیٰ یوٚدوٚے زن نیل مصرس سیُن عابرؑو ⊝
روٗد نیلِ فلکس تہنڈِ عبور ومرورِ آبرو ⊝
کوٗرن بیلہِ دستِ بیعتِ غیر الانامؐ لوٗبُن یدِ بیضا ⊕

علی

بوشاہ یداللہ تس اَتھہٕ دول پیرس عصا۔
غمخوار بویا کمرک زوراؑ۔ کرٕے ناٹیبی موساسں ہارونؑن دم سازن۔ کرٕشبِ ہجر تہٕ جانشینی شہن جانبازن ⊝
اوسُس دپان انت منی بمنزلۃ ھارون من موسیٰؑ
شوٗبان پادشہس وزیرا دستورا۔

---

[1] بیٚنہٕ نین امتین سٕتی کارے نکھتے مےٚ دارے (امہ کوٗل)
[2] یعنی کھور بانہٕ کڈِ نہٕ نیرِ [3] عبور کرِ [4] یعنی اے علیؑ تِہ ثے چھُے مےٚ زتِہ سوے منزلت یوسہ مۄسیٰؑ سِس زِتہٕ ہارونس آسں [5] قوتِ بازو کمرگ زورا (امہ کوٗل)

کلیم اللہ کلِہ نشِتھ کیتھ بوزن بوزن۔ حضرتن عرشہ شتھ
شنزِ زیو کیتھ بوزن ⊖
موساسُ من وسلوا یو دہنے آس آسمانے ⊖
یو ہمقاب حضرت شاہ قاب و قوسینکِہ خوانے ⊖
حضرت موسیٰ اوس کاشپان گرتھ ہیس عصاسُ بیلہ
ثعبان۔ منزلہ منز شاہ حیدرس پننہ دِلاوارِی اژدر مارے ⊖
یوژم طورِ پیٹھ یُس نورِ تجلّی سپُن باہرو ⊖
دُزِتھ پییے سنتھ زِژ موسیٰ وُچھنس نہ بہریو ⊖
واتہِ نہ یمن سیرن فکرِ کرِژ زِ کیٛا کلام سہ اوس شہنشد
نورُک پرتوا ⊕

## علے

نبیو وکیو شہ گٹہ کارتس نورِ خدایہ سندِس نورِ دیدس افسوسا۔
منز وادِی کربلا سینس کیوشہ فتورا۔
سعد اوس لاگتھ فرعون دپان تیز بازن۔ کرِیوس تیر باران
وُچھوس میہ اعجازن ⊖
اُسی تھ مسلمان گئے یہودی رسولہ سُند کاتہ لوٗر کھیتہ ترسا۔
موسایہ اُمتس کور ہس بیز طورا۔
ژرِٹہ ناوِ تھ یدِ بیضا سعدن بد بازن گنڈِنس گراہ نیرن
گراہ درِ وازن ⊖
دیشِتھم نار منے تمی گلی وانج چھم دزانے ⊖

[1] اژدہا [2] ظاہر و امیہ کول [3] تیر اندازن (نسخ)

یَتھ ستنٛز اُسر گَنٛڈی تھٕ گُلی نوٗرِ تجلّی اویزانے ⊙
تَتھ کُلِس تَل اُس نوٗرِ زہرا اَتھٕ موٗران بابِس اَندی اُندی پھیران۔
یِیہ ہے ظالمَن ہِنٛز لارے پَتٕر مہ پزارے ⊙
کُلِس نالہٕ رٹِتھ ہے نالہٕ ژھٹِتھ ہے میانِہ سردرد ⊙
کُلِیمہٕ زِبو مُتُر رَتَم کتھٕ گرتَم گلہٕ اَندرو ⊙
کلے بِہ مٮ۪ے زِبو باکہٕ دِوان بائے جگرو ⊙
بنیو وِنہٕ وارٕ ملاقا تھا کربلا پیٹھٕ یوٚت تام۔ دَلہٕ با اَز بارٕنٛز
کَرٕ دکتھٕ جوراہ ⊙

## علے

دوٚدنِس کیشاہ وَنے مرگن چاڑ کوٚرمہٕ کیتھٕ ڈاسا۔ واتِھ سے نہٕ
خدمَتٕر چانہٕ تھاوی زٕہم معذورا۔
کرٕ یام سبھٹا آرزو دپیشام بیٚنٕہ بازَن یتیو بُتھاوُ چھِہ ہا بایَن
سرافرازن ⊙
لوٚزم نہٕ کانٛسہِ قدٕری یاد دِژام ناد عباسا عباسا۔ شُتُرٕنٛز
قہرن کُھیاے دنِس نوٗرا۔
لوے ہے اَسہِ عاجزَن پیٚتھہٕ نکھہٕ بیزن گرٕھن۔
چانِس سرخوانَس اَدٕ نہ با میٚنے نکھ دِنَس پٕژن ⊙
بہٕ دُنے ژٕکَن تھادتم کیشاہ گُذریوم بائے جانے ⊙
یِنہٕ پیٹھٕ بابہِ مارٕ گوہم تتہٕ چھس باکہٕ بوزانے ⊙
یہٕ ٹُڈِی بابہ ما آسِم ژٕنے وُتہٕ دَتہٕ ژھانڈانے ⊙

لہ آیہِ (امہٕ کوٗل)

پیٹھ کیا آونس عناںسں چھمہٕ پھیران دوکھ چانے گوٹاران۔
پوترٕ دادٕ نیرزن پتہٕ لارٕ ے چھیتھرِ دارے ۞
یہ دوباتیلہٕ وننزا نے زوہ دانے طیبؑ وطاہرؑو ؐ
اَز بہو آسمانے آو پانے چانہٕ خاطرو ۞
پتہٕ پھیرانے لیل کرانے پوترو پوترو ۞
وَنتم باوو ذکمہٕ اَتھہٕ کرہس سلام پھوٹریہ سعدٕن دستگاہ ۞

## علے

چھُہ بنا بڈی بابس تہٕ بابس ٹھرڑی تھہ موسیٰ تہٕ عیسیٰؑ حضرتِ
آدمؑ تہٕ نُبھجہٕ لدی تھہ سوراپکان ووڈ شنی تہٕ تہٕ واری پتہٕ ساری نیرزن۔
دَیان ہم تاری کمی ستا ساہنز عزیزن ۞
کیا کرٕ دوکھ لدبابس بہ تہٕ گرڈھی تھہ کرہس دِلاسا۔ اوسُم
تعزیہ دارس سمہ کھٹن ضرورا۔
دِیہ ہس بابو در بدرگرسہٕ یزٕ ہیدٕ سندی ستیزن۔ دَچھنم با
بہ کیا کرے ہمن شُترہن ریزن ۞
اتھہٕ آس حضرت آدمؑ تس ہتھبہٕ گرڈھ تھہ کتھہٕ زانے ۞
ہیمہٕ حالہٕ ماڈیشم تمی ہے چھس منزٕ چھانے ۞
پترٕ تھکے یہاے ماچھم کور شاہؑ ستنز ژو دانے ۞
ہمہٕ ساتہٕ پان مارٕم بابہٕ مبون شاہ مردانے ۞

لہ وَتہٕ وَتہٕ (نسخہٕ امہٕ کوٗل) لہ آنحضورؐ سندی ژینیچوی ہم لو کیار ہے منز موٗدی۔

بابہٕ میثون اوس ہیٚنٛدی کورٕن اَتھہٕ تراوان دِیار دِتھ موکہٕ لاوان۔
اَز نٕہٕ شٕتر اُسی کورِ سار سے چھےٚ وُنہٕ ژٕ سوار سے ٥
رحم کرِ قوم موسیٰ چَن کورٕن فرعون کاُفرِد ٥
اَز اَسہِ سیّدٕ کورٕن پٕننی مُسلمان کرٕی تھٕ زٕنجیرو ٥
پھِروان اَڈٕ کھورٕن نکھہٕ لڈی نٕتھہٕ مَنٛز بازرو ٥
چھِہ کِنہٕ دِوان عام کران پامہٕ پام کرَان نٕہٕ کانٛہہ اَکھاہ حیا[1] ٥

## علے

دَنہٕ موتانٛزہ دادی خبراہ کَن دِتھ روٗزِ تو نفساہ۔ جِگرَ دوکھہٕ نارٕ سپٕنم تنوٗرا۔
کوٗرُم سوٗرا اُستخوانَن تَمہِ کی سوزَن۔
گَیِم زبان زبانہٕ زن بند بٕند مٕنٛزٕ دزن ٥
بوٗزُم بیلارِ اہلبیتؑ قاٗد پیٚیے تِتھے گٕذرے بہِ وانٛسا۔
کران اوسنہٕ کانٛہہ بیکسَن ہٕنٛدُ ندگوٗرا۔
اُسی بیٚیمتی مَنٛز باٚنٛدی وانٛسَ مرد و زن مورِد زَن
عابدین شاہؑ اوس سیٚٹھا اڈٕ نمنٕت زیرِ مرضَن ٥
اَڈٕ امام زین العابدینؑ معجزا کرِ عیانے ٥
تِی یزیدُ چھِہ بے دین پکان زمین گروسانے ٥
یقین گوس بہ قہر آو شاہِ مردانٛ گژھہِ ماغرق گرِسان۔ قارٗون
ہٕنٛدی پاٚٹھی زٕمین مٕنٛزٕ تما چارے سیٚٹھاہ تھارے ٥

[1] لابان چھِہ کِنہٕ عام کران پامہٕ پام توٗہے چھوِ آبے حیا (امہٕ کوٗل) [2] رٕیٖہہ

اَدٕ عابدین شٕہس گرٛتھ ژِھتھ کڈنٛس گوٚڈٕ زنجیرو (۵)
مٕنز باگٔنڈی واتٕس سلطانس رٔٹس کھورو (۵)

کرٛی توم عطا میانہِ اَتھہٕ خطا ٹیٚژ آم۔ نوٚہی چھوٚ سبر کی پادشاہ (۴)

# علے

ڈیٛوٚ ٹھن بخارٕ ستی باندن اوس دو دریوٚ مٕت لیاسا، لُجمِز ژوٚن اٚچھن
تہٕ رٕوٚد مٕت نہٕ نوٚرا۔

ڈیٛٹھن ساری ژٔمہٕ ژِھتھ گاہتی بیٚٹھ جانمازن۔ تِتھے کوٚر مکراہ ٹٔمی
حیلہٕ سازن (۵)

حُکم کوٚرن شمرس تِمۍ شیرو سفرک اساساہ۔ گرٛتھ ٹِدین اماہس
ستی خُذمٕژ کرٛی ژِیس نہٕ قصوٚرا۔

شیرناوی زِ جان زامٔ ثنانا خشمنہٕ سان نِ زہن وارٕ سر نہٕ
بیٚہہ گرٕ واتناوی زہن (۵)

ادٕ ستی ستمگار اَنہٕ زرکار زانیانے، اماہسٕ دپہٕ بدکار سیٚوٚ تیار نوٚہی یانے (۵)

دفدے یانٔ وُچھکھ خوٚنخوار آسی شیر خوار کانٔیانے (۵)

اُکہٕ اُکِس تل ژِھایہٕ آسی روزان واہ لوٚکی ٹِڈی کھوٚژان۔
دیان کرامس ستی یکسٔ دِل سون کھٔرے پہٕ وٚنہٕ
مالدے (۵)

امی بابہٕ موٚرن اَسہٕ مَشہٕ کنتھہٕ اَسُند خنجرو (۵)

اُمی ژمهٔ کٹھ ڈیُوٗ وُن تہٕ رٚ بچہِ نوٗوُن شاہ حیدرٚ وٗ ⊙

اُمی کوٚر اِمام گرٚس تمام۔ آسے یہِ سٚتی مٚدپن گژھو پہٕ زاشہٕ ⊕

علے

ودان اُسی کیٚنا نعر پِدار زرکار زانپانس کھسان آسیا۔ رٚوٗد

وٗنٹہٕ زانپا پہٕ سون مشہورا۔

اَسہِ شوٗ بہٕ ساس ہم اساس پادشہٕن پزن

ببٕنہِ والہِ ڈیوٗ کٹھنہٕ زانپا ہٕ سآئز مہرازن ⊙

تمی خلعت کٹڈی کٹھ تژوو پژوو کیوشہٕ خوٗنگ طاساہ۔

مہرٚبنہ سانہِ چھوو زبچرٚک ہشرٚوا کٹڈی تھرکٹڈی رٚزکرٚ ہس

واہ بُرٚزہٕ مژہٕن۔ دوٚپہس شوٗ بہٕ سامان نیٚتھے ڈیکی رژھن ⊙

اَدٕ گژھی کٹھ شمرٕن دوٚپ یزہ پدٕس باندچھہٕ ہیٚون مانانے ⊙

بیٚبہِ رٕ ہٕ ہیے پہٕ سوٕ پہٕ زانپا ہٕ دوکھہٕ لدٕ چھ عاَب زانانے ⊙

بوٗزٕ مُم جازم النصاری دوستدارا جان فشان دٕ یہ یزیدٕس یہٕ

وندکھ جان۔ بہٕ گژھ ہ یہٕشہٕ خدمت گارے رٕ دٕ خنہٕ ہیتہٕ

لارے ⊙

سفرٕ ک ہیتہٕ سرانجام نشہِ اِمامٕس سیٚن حاضرٕ و ⊙

شیرِ دوکھہٕ سامان سِیاہ زانپان بختاور و ⊙

عرض کرٕ ڈیو بیبن ڈٕ کھو یا امام بہٕ غوٗلام چھٕس موہمراہ ⊕

علے

اَدِ وۄنھ اِمام نٹان نشان رٹان سینس تَل عصا۔
بانِ نزاُوکھ باٗنڈی واٹھچ دار ڈزھ باٹدن وۄنھ شورا۔
اٲمی بیوٚن بیوٚن زاتیان پانہٕ بیہ لزَن ۔ بہنھ ٹھہرے یہ نہ
ٹھپھ کرٕی کرٕی روزن رزن ۞
امام اوسنہٕ یکنھ ہیکان تھکان گرٕہ گرِ بہان کڈان لوساہ۔
واتی نزدیک کربلا کڈٕی نھٕ راہ دورا۔
تیتہٕ بریا کوٚر خیماہ مسافرَن غریب نوازن۔ یٚنز کالی کرٕ امامت جماعت
شتی پیش نمازن ۞
اَدِ فکراکرِ جاز من یمہٕ کھیے کرٕ ہکہ ماٰ دانے ۞
قبر یانٕ بیہ ڈلیشن شتی دن جان ودانے ۞
یمہٕ ہکہ بیٹھ وٗ نہٕ تی گزٕ ھے جان وُچھِ ہن نہ قبرستان ۔
یی پھِران ودان اچھوٚن ہارے وارِ دارے ۞
تیتھے دوہ جورا نتھ وٗ نہ بیٹھ کڈن مسافرو ۞
جازم اوس یمہٕ نے غوطن اہلبیتن بیٹھ فکرو ۞
اُسی ودان سوزس ما یہ پدن سون یاٗ غام دُبارہ اُسہٕ بیٹھ
شام نِن ما ۞
علے
اہلبیت گے غمس تَل یہ اوس ہاٗزھل سیٹھا اوٚنہ نکھ تلواسا۔
آخر یہ روٗخصت اوس سوٗرے مکر و زورانہ۔ یٚوکھ یاد روز
دیوان تہٕ باٗنڈی وان سیٹھا کھوژن ۔ چھوٚنہٕ ہاٗ تکلا ساری
بیہمہٕ ستی موژن ۞

لہ یژھ کاٗلی امامنھاہ کرٕ جماژ شتھ پیش نمازن (امہ کوٚل)

دیان آسی وُنہِ چھُنہٕ باٹھ راچھ سند لایہ تک اَسہِ ژلان ترسا۔
بیہہِ مایہ پدس نشہِ ڈیشتھ ہیہہ شمر مغرورا۔
اَدِ ودان) ودان جاہ مس دپن۔ کرنہ با پاسا دیدِ بابہ زژھن ۞
بیہہ ماسانہِ لوٗن... پھیرنک ووتے کیشہ پروانے ۞
اَسہ پھیران چھِ تو دکرنگ مرنگ اوس پرواہ نے ۞
اَسہِ چھُنہٕ رکو دمُت کانہہ سامان دموے ژ نیے دِتہ بااماں۔
وچھتہ پاسانہِ نادارے نہ ناچارے ۞
یہ لوٗزی تھف باز من عشق کوٗرن ہبو ہیڈرو ۞
وَدان تُمی مہیترِ یُنہ لوٗرنو اوس تچھان کھورد ۞
چھُسہ مو نابو غو لام بہ کیشا دژود زلوِ اندرو ۞
وانہٕ نادموکدین نموکنہ بہ شام۔ دنہ مو مے کیشا اوس مطلبا ۞

## علی

اوسُکھ پرن ہوان بیوٗن بیوٗن بہ ہوان یُنہ گوناہ آسا
مے ہصاحبہ تُہنزے آسانیش اس منظورا
اَدے ہصاحبہ کربلا ہیچہ وَنے مے دزامہ ژھین ۔ دوٗیُم
قتلگاہ تُہنزِ کتھہ پاکھی اژن ۞
بہیہ شہیدن بیلہِ ڈیشن نہ پیش مے گوم وسواسا۔ سپنکھ
برپا دوبارہ عاشورا۔
کھوژُس زجان نیرہ یم مایمن تھچہ مژن۔ مدین واتن نہ

یِیتی مُری نٕنہٕ گژھن ۞

ہلہٕ صاحبہ کرِو بِسم اللہ ٹیکو کر بلاکہٕ میدانے ۞

توٚہی للٰہ کرِی رٕ ووٗنی دِلا اوٚت وٲتِتھ مٲری زینہٕ پانے ۞

رٔودُمُت چھُوٗنہٕ کانٛہہ حالا شیٚیٚ رینھ وٲتو وَدانے ۞

اَدٕ قتلگاہ وٲتِتھ کانٛسہٕ رٔودنہٕ جان ڈیٚشِتھ لَر تراوِتھ باپے جان ۔

لارن قبرَن بیٚٹھ میٚتر لَدِتھ سارے سَنہٕ وارے ۞

رَٹہٕ بیوٚن بیوٚن پرتھ بیبا نالہٕ دِوان نالہٕ قبرو ۞

شیٚیہٕ رینٛتھ آے پھیرِتھ ڈکھِو با نالہٕ موٗت کرو ۞

سرَن مسافرن میلِو یا سیوٚد ڈکھو مریٚو ۞

میوٚل رو خصتھ از یزیدَن ڈکھو گژھو گرو ۞

اَسی شہیدن ناد دِوان نام بَنام سپن قیامژ شُہد پہرا ۞

### عٰلے

ماخذات :-

۱۔ گلشن مراثی از منشی محمد صادق

۲۔ نسخۂ امبہ کوٚل مملوکہ خواجہ احمد علی (گنڈ خواجہ قاسم) ۱۳۰۸ سنہ ھ

۳۔ کتاب البکا جلد (۲) دارالاشاعت مراثی عبہ کدل

۴۔ گلشن مراثی از حکیم محمد علی ریسرچ لائبریری سرینگر ۱۳۰۸ سنہ ھ

۵۔ نسخۂ علی محمد " مملوکہ ذاکرہ محمد شفیع (بمنہ)

۶۔ نسخۂ سید حیدر رضوی ۔۔ از آخوند صفدر میر ۱۳۰۴ سنہ ھ
(ملہٹہ)

# (روانہٕ) مضمون موسیٰؑ

سوٗر گوم دوکھ نارٕ دِل چھُم دزانو زن شمع سوزانو
جِگرٕ گوم آتش پارٕ آغٕ دود بو زانو بہِ دود دو بےٚ زانو
بیٚیلِ ووت عابدین شاہؑ نیٚیہ ہیتھ قتل گاہ

ساری کرٕی تھٕ جامن پارٕ میٚنژ آسی لدانو ییٚژ آسی ودانو
ترٛژ ھےٚ گییہ تمہِ گرٛتارٕ لوٗکھ آسی سمانو سماع گوٗ آسمانو
ووٚتھ واعُسیناؑ ہے شاہ حُسیناؑ

کیٚشہٕ آسی دِوان نالہٕ ہوسانہٕ یاۓ جانو کیٚشہٕ بابہٕ جانو
پھیرتھ آسی آے سوالہٕ وُتھو الال خانو وُچھو سرخانو
تانٛ زینب کُبریٰؑ نالہٕ متنہِ رٹہٕ قبرا

ووٚدنس ہومیثانہِ بابہٕ دو نٛ چھی یوانو آسی روزِ دیوانو
بأے ہیتھ وو کتھ بیٚمہِ جابہٕ نٛڈی بابُن آستانو گرٛژھو بأے سُلطانو
مسجدِ پیٚر بانگاہ روضس زال ژونگا

کرٛژاہ کرے گرٛژاو ییٚلِ آسی نِوانو آسہِ روزِ دیوانو
ژٕنیٚ سِوالبو کُس باوِکیٚشاہ آسی وتانو مرٛدکیٚشاہ زنانو
کران اوسس مژراہ مرٛی تھٕ مشیٚم یٕٔ زاہشہٕ
ییٚز دِتہِ بر ییٚلہِ ژرابہٕ لوٗکھ آسی اسانو، اسہِ اوٚش وسانو
آسم یوان گرٛژابہٕ تمہِ ہیر کھسانو آسہ آسی وُسی وُسی ییوانو
وَنے کوتاہ سہٕ وقت گوم سخت کوتاہ

ہُرقہٕ دِتھ ہُرٕ دِنہٕ دایہ ستیٚر رچھانو تماشہِ اَسہِ وُچھانو
میٚیٚز آسہِ لَدِتھ سیّد بابہ کوٚ ژشہانہ مندچھانو کران نٮ۪ٲری زانو
کیاہ وَنہٕ خبر چھےٚ نا ژٔرئیے تہٕ ڈٔیشن بیٚیہ نا

اِمام اِدٕ اڈٕلیکہٕ جایہٕ قبراوس کھنانو ضاف تَس انانو
سرکٔرٕ تھ دفن پایہٕ مرثی پرانو اوشٕ اوس ہارانو
کریکھ جنازا پَیر پکھ نمازا

اِدٕ اوس امام انوار انوارِ بہین دپانو مَنہٕ مٲری تَو پانو
سمسار بیٚنہٕ کُس دار کانسہِ بیٚمہِ زمانو چھِنہٕ مرگہ لَنہٕ امانو
صبر سی چھُہٕ اجرا خدا دِیہِ نو مجُرا

دیہِ بیب زینبؑ شہزادسِنو روانو مُرِو بیٚتی رِوانو
برہم گژھہِ خانوادٕ اُسی نے ٹِکانو گژھو بیٚمہِ مکانو
بیب زینبؑ لجِ شڑاکھاہ دیہس دِتھ باکھاہ

لگیو مجنٔرناگہٕ رُوزم وتھاہ نو بہٕ آسا بیٚنہٕ وٕ نھانو
بہٕ ہیا باسِ مچاٚور لاگہٕ مرِ بیٚتی روانو فریاد دوانو
بہٕ آسہِ بیٚنہٕ تنہا مےٚ مُدین گژھُن وا تیٚشا

مےٚ کیٚتھہٕ گژھُن واتہٕ بوے آسہِ م ڈولانو ہیتھ زُو دانو
دیدمیانی لوٚت بیٚلہِ واتہٕ آسہِ باگہٕ ژھٹانو اُمِس کھرٹانو
اَز مےٚ دوکھہٕ لَد تَسلا بیکس کورِ دِیہِ نا

بوٚہ ہیا پان بیٚتی بارٕ بابہِ کرانو اُمِس روٚزِتھ لَسہٕ گرٕاہ نو
اکبرٕ بیٚمہِ لو کچار قبر آسہِ کَڈانو بوٚ گرہٕ آسا ژھانڈٕ انو
لَرتنرٕاو قاسمؑ شاہؑ بوٚ گرہٕ گژھا حاشاہ[1]

---

[1] ہرگز

دِوان نوٗ یے باکہِ ہیٚیہ تۄتہٕ رِشانو خاباہ چھ ڈیشانو
وُچھہِ دید فاطمہٕ بُتھ بٔرِتھ خاکہِ گاٹہِ پریشانو اُس وُٹھ پھیٚتانو
دوٚ بیٚنِس یا زینبا اگرِ گژھ ہو ہیتھ عابدین شاہ
چھےٚ بلٲے سُندِ جِگرِ پارٕ امام زمانو بوٗزِ یوٗس فرمانو
گرِ واتنا ٲوی زینِ وارٕ امہِ سِوارٕژ چھےٚ کانو ہلہٕ شیر سامانو
ہیٚمتھ چھُس گمراہ، گژھ ہو ٚس ہمراہ
تا ہحسین چھُ شاہا ہٕ میٚون زوٗدانو تژاون جُدانو
اُمی سٕندِ قدرِ بےزانہٕ قبرِ منٛزٕ للوانو آسن سلوانو
قبرِ بیٚٹھ وتھس نہٕ زانہٕ یوٗ نام واتہِ روزِ جزا

# وان

اَدٕ حضرتِ زینبہ کربلا میدان مُیٚژ لٔدِتھ قبرِ بیٚٹھ نادا لایہ بأے مدنو
بو کور گژھہ گرِ جانہٕ رو خصتہٕ چانی ہیتھ زوٗدان مسافرٕژ چھِہم حوالے خوداٗیہ بأے مدنو
میے دِپیام بیٚتہٕ زانہٕ نہٕ نیرو ہیتی جایہ دوہ دوہ برو
جانہٕ قبرِ بیٚٹھ پہرا پھیرو تا ئدکنی چھےٚ مالنٕ مرو
کم ہیتھ دوٗنی گرِ نیرو خاندار چھ تژاوِتھ لرو
زَن نہٕ اسی ئدنگی اُمیرو فقیر یا ٹھرِ وتہِ بیٚٹھ مروہو

•

گیئم زِ دِلہٕ چانہٕ تا ئدکنہٕ دِتھ کلہٕ ودان ودان میے ہیاتن دِید چانی خابی آیہ یأے مدنو
دوٚ بیٚنم ہیٚچھنہٕ غوصہ ہیٚیہ بیمار یہ چھِ میٚون زوٗدان یہ ہے بینٛی چھی دوٗنی بأے تسنٕز جایہ
بأے مدنو

یُھتھنہٕ یہٕ مَرہٕم وَنتہٕ ییٚتھ دارِ و اَنٛاوِی زہٕم گرٕ و
گوٗلمُت چھُم بابِن ہول ہیٚتھ ژۄ گُمُت چھُم زٕ بٔجرو
دلو وُنہِ روزہٕم بحال دٕستھ مٔنٛے روزِ سٕتھ قبرِ اندرو
گژھ ہنِ میثون چھےٚ روخصتھ بأے یٕتٔنز مہ بَر فکرِ و
جانہٕ کُنہِ روزِ سس فقیری ہیٚتھ یہٕ لاگس مجاورو ہو

•

بابو بوکرِ کیا ہ بی چھم پھیران ییٚمہِ ساتہٕ ہرٕ وشہ ہیٚنم تم جانہٕ دایہ بأے مدنو
دیٛنم ماچھ کتہِ بوگرِن سأنی حضرت شہربانٕ وُنی تو خیر چھا پادشاہ بایہِ بأے مدنو

سیٚنٛے سہٕ ساتھ مٔنٛے گُذریو دِل درٕیو کو یناکرِ و
دٕیکھ کیتھ مرگ تس پھوٗرو مارِ سینس گبرو
یو تٕر موج سو دژایہِ دِنتھ موٗر وونی ژھنڈان چھےٚ سنگرو
پادشاہ بایہِ ڈیکِن آس کھرو چھیٚے کران گرو گرو ہو

•

بابو یہٕ ُینتھ دِمہٕ کیاہ چھس منٛدٕ چھان وَنتم بو کرِ کیاہ شٔر مہِ ہنٛزٕ جایہ بأے مدنو
شہ خانہٕ دار میثون غلام ہٕرو تہٕ نبرِ ووہ میزسان یُمہٕ جالہٕ فقیر بابو کیٛنھہٕ روزِ ژھایہ بأے مدنو
دنتم جواب کیاہ دیس ہیٚرٕ ژھِہ یِ شٔرپن ہٕنٛز خبرو
گبرٕ تٕرٕ آوی ہتھ آیکھ پانس کتھ جایہ تٕرٕ آدہم لرو
مالِنہِ ژٕھ بو اتٕ بیکس کٔمہِ بتھِ دارِ وَنہٕ یرو
ییٚمے طعنہٕ ہٕیٚنزٕ آم پانس رٕچھیم چانی قبرو ہو

•

# مضموٗن صرافی

---

با اللہ نقادِ فکر کرِ سرکیٖشا نقدِ عرفان۔
اُسِتھ درشِتیٖ[۱] سپنان شُستنگی صاف قلبن۔

زانان رُوٗد ناقص بیٛلہِ صیبرفی عقل کران معیار و کامِل عیارو (=)
اَسی نفٕس بےغل دغش کران غش چھُنہ تاب محکِ[۲] امتحان۔
دیان مغشوش گژھہِ عمل خالِص میأنی کھوژان راے قلبن
زون عین کیمیا عجز۔ اکسیر انکسار و اولوالابصارو (=)
سیُن سِکہ دار سیٖم و زر مہر و ماہ چانے نلامے (-)
کوٗرتھ صراف دہرس رأیج سفید و سیاہ صبح و شامے (-)
دُچھہان تیز ہوش عقلہِ کُندن ہاوتھ صنعتا باکمالے۔ پکان چرخ
بیہ یَنْد نہ گژھان زانہٕ (۰)
گرم بازارِ قدرت دُچھتھ ذی بصیرت بُوٗنہِ[۳] عیر نہٕ گٔلی (-)
خزینۂ مشرقیہ مغربی شمس ژٕٹے کوڈُکھ ٹلی (-)
تھاوِتھ بُری بُری دُکانِ بروج دینار سِنارٕ فلکہِ بازارٕ جا بجا (+)

## علے

ووٗنی کرٕ زرِ قلبِ[۴] خالص نثار اشرفِ ابنیاءُ خلاصۂ جہان
بیٚرٕ نعت تلہٕ مُہرِ درُجِ دہن۔ دِمہ سکہ ہمہ شہرِ سخن

---

۱ سخت۔ ۲ کہوٹ۔ ۳ غش زد۔ ۴ بوتہ گوڈٕ کتر ثُو باپہٕ یَتھ منز سونٕ سون یاروپچہ کاران چھ۔
۵ کھوٹ سون نوٹ:۔ بیہ مرثی چھےٚ خوجہ اکبرس دَننہٕ آمژ۔

سیٖنہٕ کلام زنِ طلائی دست افشار و راٰیج بازار و ⊜
مُسے سرمایہ دوکان دوکونٕ متاع کان امکان ۔
دِینارٕ دیہ بیٚیلہِ لوٗب رواج مہر بنوتن ۔ پکن ہۂ براٰنی مذہب
اوّہ نکھ کساد بازارو سارِنی یکبارو ⊜
بیٚیلہِ ووت بر سما سیماے نیرالاناٰمے ⊝
تیٚیلی پوٚختہ زرٕ زرٕ گو یہ سیٖم خامے ⊝
بیٚیلہِ بُراقہٕ سِنْدِ نعلِ زٔرٕ رنگ نقشا تُلہِ ہلاے سپنان بدرٕ
بدرٕ پُرٕ ہر ماہ ⊝
تہِنْدُے گرد راہ طلا کوٗر ستارو ہۂ گیٚے منجلی ⊝
تتہٕ میچہ بُراقہٕ سِنْزٕ پلکو فلکن لاجہٕ تُلی تُلی ⊝
گیٚے سُرخرو بیٚیہِ شبِ تارٕ نوٗر چہ تارہٕ جا بجا ⊕

## علی

ووُنی مُژرہٕ حرہٕ دہنِ دہان صرہٕ بیان
جواہر منقبت شاہ ہارٕ معدن معدن
صرف نقود و ثنا و درود تتہٕ ہزار ہزارو چھیہٕ در شمارو ⊜
مُسے ضراب یوم ضرابِ قلبِ لشکر کھُٹران ۔
روزِ خیبر ضرب فلس ماہی دیُت تہِنْدِ ی ضرب ⊝
گو تہِنْدُے رو یہ قلعٔے فولاٰدی مرحبس سمارو دِتن تمس مارو ⊜
رہٕ ضربِ المثل سہٕ سود اِسلامے ⊝
دِیہ ضرب دین دینارن کُلہٕ ٹنک کلامے ⊝
کران اوس کُفرک شہر وا فِلحاے

---

لہ زہ جہان تلہ اَنہ گیٚلہٕ راٰ زشہ کینوی تتہٕ بنجر زمین، تشنگی، (۸۷/۳۶)
لہ سچٹیٚلہ ۔

دِپان کافرٕ چھُ قبوٗل نَھاوِ یہِ شُہہ رَوا ⊙
یَس آسہِ حُبِّ شاہ مسکوٗک دِلُک درہم بغلی ⊙
محشرکہِ بازارٕ دست بدست ہیٚیہ ہشت بہشت موٗلی ⊙
آسہٕ روز بازار روزِ شُمارٕ خریدار خُدا ⊙

علے

ہیوان چھُس ییٚمہِ آنہٕ نامِ شاہ چھِم لبان جوہر زبان، پُر زر پِنان دم نقد غنچۂ دہن۔ یہ ناو روزِ حسابکہِ عرصۂ تنگہٕ پُلِ صراطہٕ دِیہ ناروکرِ رستگارو ⊙

بُوزُم سرٕ صرافاہ اوس محسن قرض دِوان۔
صُحی یُہییہ بیٚیٹھ اوس لیکھان ۔ شُہہ[1] سِنْد ناوٕ قرضِ حسن دِوان نسیہ کران نہٕ ییمہ چھُم شاہ ذمہ وارو چھِم نقد دِپارو ⊙
ہُنتِھ آس وقتا یاوہ لَس گُپشت یہ گردشِ ایّامے ⊙
گو نادارٕ دُشمنو ہیٚنزٕ لَس دِنہ یلمے ⊙
کرٕ دُ گراے شُہس[2] لَیِندِ ناوٕ لیِوٗ کھُت روزنامے ⊙
وَدان اوس یاشاہ[3] چھُمنہ دِپارِن ہُند گرٕ ھان ذرا ملاے۔
کران سینہ ضرب زبان چھُم دِمہ ہُنتھ کیشا ⊙
راتٕ اکہِ گیٚیس زوٗلہٕ خاٹی آنس حضرتِ قُوتہٕ حضرتِ علیؑ ⊙
جنابِ[4] اوس دِپان شُہس[5] یلہ دوس دار موکلاوی وُن وُلی ⊙
اَدِ شاہ[6] دین و دُنی یہسی مُرادی بخشس اکھ ٹھیلی ⊙
گو بیدارٕ وُ اَچھس برابر دِپار گنٛزرِن وارٕ کاشہ نہٕ فرقا ⊙

علے

---

[1] وُہِ زُم [2] یہِ دوسندار موکلاوی وُن یاعلی[3] وُلی (نسخہ) [3] مُہرٕ ٹھیلی

غلقولیس شاہ اوس قرض محبن ہشد کرِ تھ قضانہٕ اداکران۔
تس بھوٗر مالِ دُنی با ہے ہے بلاے دِیارن۔
کوٗر واڑان فوٗ درتنک غزیبہٕ دارو ٹیرزِ دِنہو دِیارو (۲)
یِس شاہ حُسینس مہرنیو تس بیٹھ پاے لدن اوس شان۔
تس مہرُ چھنہٕ روسیاہ کربلا بہہِ ضربہ رٔکھ ہارن۔
بدلاوی تھٔ دِین سعدٔ خیمن دِیہ نارو ؤٹہ دِینارو (۳)
تمہٕ نار کرِ جوشہ گیہٕ کینہٕ آب زٔ ہین سپنی تنزامے (۴)
زٔرلد اوس غش کران گلان معصوم خامے (۵)
کٔڈان شورِہن آس زینبہ کُرا زٔٹان نالہ مامے۔
ہہنہٕ ہہنہٕ دِوان بھو کھ زٔھو کھ لوٗگھ ما (۶)
تانی دُوٹھ بھینان زھرکھ دِوان گلی دِنان کھور رُٹی
اکی اڈٕ کلی (۷)
دوٗبینس نوم روٗبہ ہشدی دسوانہٕ کڈتم نتزرٕ سنتی پوٗپھ دِیدک
دُرم گلی (۸)
بہٕ ہنزرٕ کڈتم وارٕ وارٕ گومُت چھُ وارٕ نارٕ بزاہ (۱۰)

علی

دوٗبینس پوٗترو وُچھان چاٹی ارٕ سرزرٕ زرٕ چھُم مئے گنزھان۔
زٕ وُکھونہٕ اسی دوم ٹاٹھی کینھہ پاٹھی زٕچھمو سپہٕ اکھن۔
کرٕ موکیا چھسہ مو تا دارو بکان چھینہٕ زارو (۹)
کأتشاہ اسیر پائن جگر بندو بند ستھا دِتھ مو کلاوِ دِیان
رانس پانہٕ اوس پور ساران بھوٗر سارا ن سنتھ؟

اَز تٕرِ بن دوٚہن توٚ ہہ مِیاہنو روزٕ دارو بنیٖو ہٕ افطار وٚ
ساٖتی یا بن تہلیلا اللہ ناری مٔنز گجاے
اَز زٕ وُسنکھ حلال آسہٕ نار ڈُین ہٕ آب ڈیُن حرامے
رٕوٕ دُمِنہٕ شیٖچھ سوٚمب نہٕ کوٚنٹہ ھازٕ لدہِس پاغامے
بابو چھوٚ تُے بیٖنہٕ کر نہٕ رفاقتھا آسہٕ گوٚڈہٕ ہٕ مالے ۔ وَنہٕ بیٖٹھ
موٚکلاوٕ نہٕ فی سبیل اللہ
ژٕ تیٚ دوٚ بابہٕ ینیٖن پان کٕنبائے تھ راہ خدا بیٚلہٕ دوٚ پے سائلی
کیٚنشنٕ ھادی نوم کوٚر نکھہٕ واٖلی توم ہے نوم ٹُلی
اَز جانہٕ مہر یٔبنہٕ بنیٖو دوٚ ہازِ اُمِس کیٚنبت ورَدن پہانٕز میلی
ہوکورِ مالیٖن ہنٕد غم خارسوٚن کرنہٕ چار ۔ اُسی موٚکھی کیا

## علے

کیا سَنا دِیہ نا کاثہ قرضِ حسنا ہیٖنہٕ نامولی سوٚن جان ۔
مہر یٔبنی شاہ قاسمی[۱] نوٚ شِش شاہ حسینی[۲] موٚکلاوہن
گنڈٕ ھہٕ ہس سٕتی توٚتے بقیع مزار و بیٚنہٕ چھُ نامدار وٚ
دَ بہٕ ہَس بابہٕ بہ کَرِ جانہ درٕ بہ اَکھہٕ ہاوان ہیٖوٚسس ناوان
ہوٚرہٕس چوٚن حسدا اَمِس نہٕ یٖنٕدی ننس ہٕ پٔرن ۔
زٕرہٕ زرٕ زرٕ زیور رٹِنس دارو کوٚفکی دِینٕدارو
ہو بابہٕ ژٕتے درٕ آ تھ قرضِ حسن نہٕ آسہٕ بٔچ[۲] واے
ہینہٕ حسنا کرنہٕ کُنہٕ دٕنہٕ قرض ۔ واے
موٚکلاونٕ عابدین شاہ دوٚ نُس بنٕڈ نٕز کالے ۔ چھس لایان
دِیو دبار آسو پادشاہ

---

[۱] گنڈٕ ھہٕ ہس سینٕدٕ توٚتے (نسخہٕ) لواے (نسخہٕ)

بالو چھسے نحالی دست میانہِ آتھہٕ کیتھہٕ پاٚٹھی موکلی ⊖
یوٚدوَے ژٕتے واتی دست گوڈٕ مٕژرا و تس گنڈٕی ہنی گلی ⊖
کھوٚژان چھس نہندِ آزار گژھہِ مامار سرِ راہ ⊖

علی

خلقو دادٕی خبر بوزان ضربن بیتھ ضرب چھِم لگان ڈٕیِ توم زرِ کوہ بتا گو لتس دوٚ کھہ نار کی زٕرن۔

بوٚزم بیٚلہ مدین پھیرِ وت بانہ ڈن ہنٛد سردار و ہیتھ بیبہٕ ناچار و
ہاران اوٚشہ ہیتہٕ وَنہِ خلقن دِیان اوس وَنہِ پکان۔

ہیٚتھہ بیمار فاطمسٕ وَنہِ کونٛژھا تس پانٛ گژھہِ نمن
میٛون بابہٕ کربلا گو مارہ مرسو بیمار و ⊖

اَدٕ پکان گوڈٕ ژاو روضۂ رسولس منٛز اماے ⊖
سلام کٔرِ ستہٕ فٔری یاد کرہ یا خیر الانامؐ ⊖
وَنے کیٛا بیلا دِ منے یٔنی ستہٕ کیٛا آمے ⊖
تھاوان استادِ ٔیزی دس لٔشہِ ابن سعدؓ اوسُم صبح وشامے ⊖
دِوان یمے فٔری یاد یارسول اللہؐ رٔتھ قبر ناے،
یُڈی بابہٕ بہٕ سون احوال کأشہِ وٚونوٚ نا ⊖
وٚنہ شورِ محشر بیٚو ودنس گٔنڈی بیٚلہ ہلی ⊖
زوٚنکھہ زٕ زٕبین پھیر ڈبہٕ روضۂ رسولسؐ گئے قبہٕ ہلی ⊖
بوٚزکھ بیٚلہ بیب زینبؑ آیہٕ ہاشمی بابہٕ دٔرابہٕ شور ٹلی ملی ⊖
بہٕکے کٔرٕ نکھ اُس جابہٕ جابہٕ واحسینؑ واحسینؑ[۱]
علیؑ علیؑ ⊖

---

[۱] واحسینؑ شاہ حسینؑ (امہ کوٚل)

بوزِ ہیمے ودنکی صدا وارِ گِٹہ آوار فاطمہؑ صغرا ⊕

علے

دۆپُن ام سلمسؓ بجُدیٔدی بَیتھ کیا چھِٹے ونَن یِم کیا صدا کَنِن چھِم گژھان۔
رۆح ٹھاریوٗ خاطرٕ چھا ساننِن مُسافرن۔

کھوژان چھس زِ میٔون بایہ نامدارو گوما مارو ⊖

دۆ ہینس لگے فورِ بان یہ ہَتہٕ انتہٕ برزبان۔ یہ کیا بنی چھکھ
یَتژھان، مُسافر سانی اَنت السّدین از پگاہ گژن۔ بجُدیدی لیجیے
ہنتم قرارو چھیہم بے قرارو ⊖

لو کرے باپ سرِ زِ ژھو یہ ہنتہٕ تاوے ⊖

بی وَنان وژا یہ گیہ رۆصنس تامے ⊖

ڈیکہ کھٹِن عالماہ گوٗمُت جمع کران سماع ژھٹان نامے۔

سرِ نیٚہ یپران وُچھِہ عابدینؑ شاہ ⊙

بیٚہ کیَہ بیب زینبہؑ ڈیھٹِن ودان اَس تزِ تُلی تُلی ⊖

زوٗنِن کیا تام چھُ ماتم سُاری سیاہ جامہ چھُ ڈلی ڈلی ⊖

ڈیکہ کھٹِن نہٕ بیلہِ شاہ حسینؑ جگر پارِ جگرس پارِ گوس یکدفع ⊕

علے

بیمار نہ بیب زینبہؑ ام سلمسؓ وُچھنہٕ بژوشہ آے لاران۔
دو نوَے دَرِ مَنتہٕ دِلہٕ نالہٕ منتہٕ بجُدیدِ رَٹُن۔

تتہٕ ہوٗے وُسی تھِہ پیٚلے ودان زار زارو تتی گژنارو ⊖

اُسکھ ام سلمہؓ اکہ اکہ شہیدن مُہند حال گاران۔ اد دۆ پنکھ
مور کھے نوٗرِ عینِ میٔون حسینؑ کیا شاہ بنیٔو سس نَرمِن) ٹیٹمن

---

سہ نسخہ صحیحہ بیمار دلہ روح ٹھاران منتے (امیہ کوٗل)

وُنی توم ہیب شہر بانہِ ہُند حال وارو، کوّت لجِ سہٕ لارو ۞

سو اُس پننہِ کرِہانہِ وزانہِ بوزی تھٕ ساٹی ناوے ۞

سو ماوتہِ بیٹھ آسہ موٚنزہے ہے روزِ پاوے ۞

نتہٕ ماالیُن آسہِ گتھز گھرڈ بکُن آمے ۞

چھسے آسمانہٕ ہیمز زن نہ کاشہ زامے ۞

ہے ہے مریم فاطمہٕ صغراؑ بوزی تھٕ پہ حالے ۔

سو چھے پرزان بائس وونی بہٕ دِیس کیا ۞

نس یانی بہ باکھ کتن گیہ وسی تھٕ ہیپہ منے کرہاس تسلی ۞

ژے یا یہ پوری ہیی کوری پانہٕ نور ٹھی ہُن چھلی ۞

سہٕ بانی ژ سے کو چھ ہتھ میٹھ دِپی یاری لگے ژہے ہنی بیماری زلی ۞

کتھہ منے یاری دِل دِیہ کیا دیس تہ سے بائس زٹی ہے گلی ۞

کنہ دیس بائس کو چھہِ بیٹھ نزیشہ پرزھی دیُت جان اصغرؑ کلی ۞

سو بانہ امار گزھہِ ماما کرہ کیا ۞

علے

ام سلمہؓ کور ہنز مایہ پھیری تھٕ آ بہ برزایہ اوش وو نفران ۔

دوٚ ہینس ژ خاطر تھاوتہ ہنی جمع اکھ دما پوری ساری وانن ۔

آمُت چھُے روضس اندر لوے بیمارو منے گوٚرسہ دیدارو ۞

نوش روز بیتی غم مہ بر بابہ تہ پوری آسی پوان بوزی تھٕ خیر یا اگوس زوا ہیوٚر وزہ دفتن

اوشس نہ رفتارو نشان اُسلہ بیمار رٹان دیوار اوشس نہ رفتارو ۞

دوٚ پنس زِ بجدیدی ہر کھے بابہٕ مبون آمے ۞

سو کنہِ زِ پوانہِ شکر وٚنہ تمنّا دزامے ۞

اَما چھس منٛد چھان باٹس بو کیاہ ٹمس سلامے (۵)
کیاہ کرہ میٚے بیٚیم نہٕ طاقت کرہ ہس استقبالے۔ برہ اَژِوکن
کرہٕ ہس نالہ موٚتاہ (۵)
وونی بجدہ ہدی میٚنٛز تھاوہ بیٚنہٕ کرہ چھرِ کاوہ میٚلے دِل شیہلی (۵)
جاپہٕ جاپہٕ گوو لاب چھکہٕ ناو باٹس، سپاٹس میٚنٛز دِل پھولی (۵)
بینہٕ باٹس کیٚتھ مشہد دَ کھراو معصوم تنٛز شیر منزلی (۵)
ییٚتھ بجدہ ہدی کس ہم کاشہ گزراو خبر چھاوان ژہری کینہٕ سٔلی (۵)
اَژہ بینی کاژ آم وارہ کارہ پھیرتھ دُبارہ بابہٕ پادشاہ (+)



---

ماخذات:

۱۔ بیاض مملوکہ حکیم طاہر حسین کتبہ منشی احمد علی غازی ۱۳۲۵
۲۔ بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد سال تحریر ۱۲۹۱
۳۔ بیاض مملوکہ ذاکر خواجہ احمد علی کتبہ اَمہٕ کوٚل ۱۳۰۸
۴۔ کتاب البکا جلد ژٕ دارالاشاعت مراثی حبہ کدل

وُنی توم پیب شہر بانہِ ہُند حال وارو، کوت ژُھ سہ لارو ⊜

سو اُس پننہِ کرٛانہِ دراںمژ. بوزی تمہ ساںنی نامے ⊝

سو ماوَنہِ بیٹھ آسہ موٗمژ ہے ہے روز پامے ⊝

نتہ بالیُن آسہ گٔژھن کھرٛڈ بکُن آمے ⊝

ژھسے آسمانہ پیمژ زن نہ کانہہ زامے ⊝

ہے ہے مرکم فاطمہ صغراؑ بوزی تمہ پیہ حالے۔

سو ژھسے پیٛران بابس وونی یہ دپس کیاہ ⊙

نس بابہ یہ باکھ کتن گییہ وسی تمہ پیپیہ منے کرٛتا ہس تسلی ⊝

ژٕ ہے بابہ پوٗری بیی کوٗری پانہ نوٗر تُہندی ہُن چھلی ⊝

شہ بابا ژٕ سے کوچھہ ہیتھ میٹھ دِی پاری لگے ژٕ ہے ہنی بیمارِ ژلی ⊝

کیتھہ منے یاری دِل دِیہ کیاہ دیس تہ سے بابس ژٕ ٹی ہے گلی ⊝

کینہ دپس بابس کوچھہ ہیتھ نتر لیشہ پرٛژھ دپتہ جان اصغرؑ کلی ⊝

سو بابہ امار گژھہ ماماہ کرِ کیاہ ⊕

علے

ام سلمہؓ کور ہنز مایہ پھیری تمہ آیہ برٛژ ایہ اوش وہران۔

دوٗ ہینس ژٕ خاطر تھاونہ ہنی جمع اکھ دوا پوری ساری وانن۔

آمُت ژھُسے روشن اندر لوے بیمار و منے کوٗر سہ دیدارو ⊜

نُوش روز بیٚنی غم میہ بہ بابہ تہ پوٗری آسی پوان بوزی تمہ خیر پادگوس ژ دا ہیوٗ وُتھ دفعتن

اوشن نہ رفتار و نشان اُسلم بیمار رٹان دیوار اوشن نہ رفتارو ⊜

دوٗ پنس زٕ بجدیدی ہر کھسے بابہ ہبوٗن آمے ⊝

سو کنہ زلوانہ شکرو نہ تمنا دراامے ⊝

اَما چھس منٛد چھان بالس بوٚ کباہ مس سلامے ⊝
کباہ کرہ میٚے بسیم نہٕ طاقت کرہ ہس استقبالے ـ بر اژ وُن
کرہٕ ہس نالہ موٚتاہ ⊙
وۄنی بجد بدی میٚے منتھ تھاو بینہ کر چھرِ کاو میٚے دِل شیہلی ⊝
جاپہ جاپہ گو لاب چھکہ ناو بالس میاینس منٛتھ دِل پھولی ⊝
بینہ بالس کیٚت مشہد دٔ کفراو معصوٚمن کتٕنہ شبیر منزلی ⊝
ہیٚفہ بجد بدی کرہٕ ہم کاشہ گژھاو غبر چھاو اتن ژہ پری کینہ سلی ⊝
اژہ بہٕنی کاڈ آم وارِ کار پھیرِ تھ دُباہ باپہ پادشاہ ⊕



---

ماخذات:


۱۔ بیاض مملوکہ حکیم طاہر حسین کتبہ منشی احمد علی غازی ۱۳۲۵

۲۔ بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد سال تحریر ۱۲۹۱

۳۔ بیاض مملوکہ ذاکر خواجہ احمد علی
کتبہ اَمہٕ کوٚل ۱۳۰۸

۴۔ کتاب البکا جلد ژہٕ دارالاشاعت مراثی حبہ کدل

# وزن روان صرافی

ویلا ویلا ویلا واویلا ویلا ویلا

واویلا ویلا واویلا الوداع صد واویلا

یوٗزِتھ ام سلمسؓ کیتھ رۄدہٕ تابے لُج کرنہٕ واویلا

اُس نشان زن سیمابے الوداع صد واویلا

تمے سانتہٕ سوٗد مُت زن اوس جنابے خاک لٔدِتھ ترآون باکھاہ

بجدٔ بدٔ ہُشد وُچھتھ اضطرابے گیٔ حیران فاطمہؓ صغریٰ

دوٗ ہنس چھُی شفیع رسالتمآبے بجدٔ یدرٕ یے ونتم مانے چھُ کیاہ

مے بیتی کالی اَز آم بابے ژٕ کیاز چھکھ کران واویلا

چھا شادِ بدل ودن چون دابے پوٗز باوتم سوٗد مُت چھُ ماکانہٕ

چھکھ یٔڈ مژ غمہٕ گردابے اَتھ سرس ستے تہٕ کرنہٕ آگاہ

دوٗ ہنس بجد بد لُجی دپے کیاہ جوابے پاژ سینم تہٕ بہٕ پان مارنا

ژنے باٹے بند ہتھ مور ہے بابے کربلا منز کوٗرکھ دربلا

ژٕ چھکھ ژھانڈان تس کتی گلابے شیری تھ تھاوان چھِس فرشا

تس میوٗ ے نہٕ مرنن آبے سٹیکہ بیتھ ڈولان اوس پادشاہ

نار ہیوٚ ننم کوٚر تھم کبابے — اصغرسؑ کیوٚت ژھونڈ تھ منزٕ لا

ژٕلی تھٕ ترٛاوہے سُہ گُلِ آفتاب — نیٚنز منٛزٕل کرٕ نس بے حیا

سُہ ہینٛز عباس علیؑ چون چیٚنجہ یا بے — کوٚرمُت اوس بابن جائی سفا

نس آبِ شمشیر کرٕ سیبر آبے — فرات بٕھ بٕھ کٔرِ نس چھیٚلکی جُدا

نس شاہ قاسمسؑ تمہِ شبابے — سیٚہرِ گوٚندِ سان کوٚر ہس سر جُدا

چھٹوٚ نہٕ دارِ کوٚر ہس خضابے — رنہٕ پٮ۪ٹھ نے ژٕنگی ہس دست و پا

اوس شٕبن رتنٕ کرٕ تھٕ طنابے — قاؑد خانس منٛز عابدین شاہؑ

چھس گنٛڈ سینہٕ متی بندن بےحسابے — زٕنجرن ہٕندی نشانہٕ جابجا

پھیرِ وہے وَننہ وَننہ پوہ پھد بے نقابے — ام کلثومہؑ تہٕ زینب کبریٰؑ

آیہٕ پھیری تھٕ آیہٕ حجابے — منٛز روضس کران الوداع

بوٚزِ تھٕ تمہِ ظٕلمک سٕہلابے — بجٕد بدٕ ستی سو دٕرا پہٕ برملا

یانٛ ماران کران بابہٕ بابے — روضس منٛز گیٚیہٕ یکجا

وُچھن ذوالجناح بٕر تھٕ نوٚنابے — چھوکھ لگی متی آسس سرو پا

گیٚیہِ لاران روٚٹنس رِکابے — ہو گرٕ یوٚو وَنتم خبراہ

کمی بابہٕ مورنم کرٕ نس خرابے — کمی گرٕ ترٛاوٕم سُہ پادشاہ

کوٚرنم دیدار بابن خابے — اَدٕ شہیدن ترٛاوِن وانہ

# وان مضمون صرافی

دِوان فریاد بیمار کورِ ہنہٕ نادلو ہنو    ہومیانہٕ بالیو یہِ کیٛاہ گوم یہِ کیٛاہ گوم
مےٚ گیٚم بادژ نےٚ زانہٕ میٛون یاد آوے نو    کورِ مالِہ بالیو یہِ کیٛاہ گوم یہِ کیٛاہ گوم
بالیو مےٚ یوے وُچھام خوابوژ نےٚ ماران بالیو    ژےٚ جماژ اکِہ رو ژمٹ آبوہو میانہٕ بالیو
ماری میتی یا آے ینہ تہٕ اصحابوژ بیکس میانہٕ بالیو

-•-

بینہِ وُچھم لاران آو اکھ ستمگار خیمن نار گوٚنڈ نو
مےٚ لوٚدمہٕ نخا کھاہ یہِ کیٛاہ گوم یہِ کیٛاہ گوم
بینہٕ اکی عابدین شاہ بیمار گوٚنڈ نو
ژےٚ جمہٕ نیر کھ باکھاہ یہِ کیٛاہ گوم کیٛاہ گوم
بینہِ وُچھم بیکی ژٹھ جینیچہٕ بالیو آے رستہٕ میانہٕ بالیو
زرانہٕ روٚ دمٹ تس مشکِہ آبو ترشہِ ہتہٕ میانہِ بالیو
گرا وان سکینہٕ جینیچہٕ بالیو گراہ میانہٕ بالیو

-•-

# مضموٗن تسبیح

یا سبوٗح[1] ذکرِ چانہٕ تفسیح[2] کرٕ تسبیحہٕ گرداٗنی کرٕ ورد دمہٕ دمہٕ
چاٗنس نا مسے صُبحس تہٕ شامسے ۞
چاٗنی ثنا بے شیار دانا مُقر[3] بناداٗنی آسہٕ بنٛد بنٛد نٹان
بنیہتھہٕ قربہٕ کس تسبیح خوانسے ۱۷ حصلی خانسے ۞
یُران سبحان اللہ قدسی تسبیح و تہلیلو[4] ۞
عجزٕ چ تسبیح پھران گیگھ زندگی تحلیلو[5] ۞
امہِ جایہِ ہر عاٗلا یرٛان اذکار رٔدکھیٕنہٕ قوت کھیٚوکھ ہول گے
از کار ۞
پیپر دوران پھران پھری پھری سبحہٕ ایامے ۞
کران گرٛ نٛد چانٛین قو درٛ ژن لوٚبن نہٕ انجامے ۞
چھُ گومُت نسرگر دان اَنٛد چھُنہٕ لبان زاشہٕ ۞



---

(نوٹ) یہٕ مرثی چھُ مرحوٗم علی محمد فقیر (ادل) صاٗبُن وَننہٕ آمُت۔

[1] حد کھوتہٕ پاک [2] تسبیح پھرٕنی [3] اقرار کرن وول۔
[4] لا اِلٰہ اِلا اللہ ورد کرُن [5] حل گژھن، گلُن۔

ووفی کرٕ نعتِ ختمِ انبیاؑ محبوٗب سبحانی ۔ شہ کعبۂ دین قبلۂ نما عالمس پیشوا آدمس ؏

تہندی دست آویز سنگریزٕ کرٕن تسبیح خوانی ۔ تس بیبہ بیلِہ کلمہٕ پرٕ کرٕ عقیق اقرار دپنس لایق گو لایق نگینس ؏

نِگہچہ تارٕ ستی چشمہٕ کین لعلن کرٕ مالو ؏

کرٕس نثارِ قدمن تہندِ لولہ جہسٕ[1] مالا مالو ؏

رٕوٗد کفر ژھایہ یکدفع بیلِہ کوٗرُن دین آشکار ۔ رٕٹہٕ بیناہ تسبیح رِشتۂ زُنار[2] ؏

چھ پنج وقت پٔرٕتھ مُلکس وظیفہٕ تہندی نامی ؏

کران اِستخارٕ پٔرِ پٔرِ درٗودِ خیر الانامی ؏

بو تہنُدی خاکِ راہ اولوالعزمن سجدٕ گاہ ؏



چھُم مدحِ شاہ مقصوٗدِ دوجہانی تورم تہنُد رشتۂ مہر و محبت مہرٕ جانس دِلہٕ کِس مہرٕ جانس ؏

پھِر تہندِ اخلاقچ تسبیح سلیمانی کرِ تسخیرِ جن سپنس تابع فرمانس

کرٕس مو ہربیلِہ فرمانس ؏

تہنُد رضا پٔرٕتھ بندس عقدٕ کُشا سِے حِل مشکلو ؏

---

[1] جہس مالالو (نسخہ) [2] یوٗنی

گَنڈٕنے تھہٕنٛد رزٕ روزِ شُمار بے حِساب موکلو ○
بخشتہٕ تَس حضرت تسبیح زہراؑ سیٚنِ حبل المتینؑ دِین استوار
تھہندے خاکِ پاسِتی آبدار سیٚنؐ ابرار ○
شہ دُر دانۂ سِلکِ اوصیاء مرسلن امامے ○
کوٚرنظم سِلسلۂ اولیاء تمیٚ مقتدانؑ تمامے ○
چھُ تھہٕنٛدُے علاقۂ بندٕگی اَسہِ الحمد اللہ ○



تعلقو پھیرِتو تَس اِمامسؑ پیش آیہٕ کِشراہ سرگردأنی
اوس اَنِتا بُتھہِ لڈٕ ستھ خاک کربلا لِیل کران پھیران میدانسے
لرِ لرِ پھِران زوٗ دانسے ○

بیٚیہ کسنہٕ آس فاطمہٕ زہراؑ کان مٕنس بدنس کڈأنی ووٚدنس ما
پھِران تسبیحِ زہرا کمی گگُ ژٕٹی نماز گُذارسے
لِلہٕ وٚے نارسہٕ رسے ○

گأم سوٗراخ جگرس کمیُ با تسبیح کڈٕیہٕ نالو ○
لوٗ ڈٕیہے اَڈٕ کلی دوٗر پھُلی نیہٕ ہے مہرِ بینہٕ موخنہٕ مالو ○
چھُی تسبیح کلیٚن گنڈِکرِ تھٕ عابدین شاہ ترٕ وشہٕ ترٕ وشہٕ امام وألِتھہٕ دستار
چھُس بینہٕ بینہٕ اسکے رزِ گنڈِتھہٕ بنٛدٕ قطار ○

---

لہ مضبوط رز ۲ نیک بختن ہنٛز تسبیح ۳ پیشوا ۴ وتھ ۵ رزِ گنڈِتھ (نسخہ)

کریتھ نا با استغفار بیٚنہٕ ہیتھ گرٛ ھا کوفس تا مے ⊝

راہِ نعوذا درایاو ہمے بٕسنتھ کیٚاہ یہٕ آمے ⊝

گرِ اُنتھہٕ نا کرِتھہٕ مشورٕ بیٚنہٕ واٗلی سرانجامے ⊝

یی آیو یہٕ باصلاح اُنتھہٕ باٗے ہشنزٕ وصیتھ سرانجامے ⊝

اللہ اکبر سۭجدٕس بیہٕ ٹھ کوٗرہے سَر جُدا ⊕

علی

بیش اُذ کم کم عقد زینب کبراس ۲ دُنیاس یٔم آسمائی

اُس پرِ مٕنماز بیہٕ ٹھ وظیفہٕ کینہٕ لبِل کران مَنز قید خانسے

باٗے ہشدِس الالخا تسے ⊜

یوٗتروٗ ژنے چھے ہتہٕ پھِر دوہس تہٕ راتس مُرزان تہٕ گنڈ آئی

منے رز کرِتھہٕ حلقس پھرِوان صُبحس نہٕ شا مسے پاٗنڈی وانہٕ

بانٛدوان شا مسے ⊜

ژنے چھی مژھن اَنٛذٕ وَنٛذ شُنیمتی گنڈ بیمارس کھسان چھُی نہٕ آلو ⊖

اُلگی متی چھی بند بند زٕنجیر بند کرِ مٕتیٛن وٗتے یُیتز کالو ⊖

یوٗتروٗ چھُی اکھ کدُ مٕن یہٕ سیاہ چاہ بیٚیہٕ تُلُن زنجرک بار

دوہس روزان روزٕ دار راتس بیدار ⊖

بہ لوسہ سے کران چاپہ خاطر باشد راُچھن سلامے
کھاُری تون گرٗاہ سُبھاہ وُچھہس لول ہو مےٚ آمے
گے یُژھ دوہ بوزنس وو تُم اَسُند کلامے
اوس بیمار موٗدُم ماُنی توم پیغامے
بوزی توم براےٚ نحو داکرٗی توس زُنجیر جدا



پوترو چون پژتھ نماز وقتہاہ سخت چھُم مےٚ گزراُنی
سرَوندرے نُھٹھ چھےَ لگان بندِس بندسے سروالان سجدسے
مشیم نہٕ مےٚ زانہہ چاُنی آہ جگرس مےٚ تیر زَن تراُنی کران
اِرسر سر چھیہم تالان رسہٕ رسے تہٕ بتا زنجرن اچھی لگان ذرسے
پوترو مےٚ تہٕ چھی گندٕ کُلِین وُچھان جُبکہ میثون حالو
نتہٕ یم تہٕ نینین زنجرن بیٹھ ہیمہ ہاڑ نےٚ کڈہے جیلؔ نالو
پاُری لگےٚ بخش زیم یتھ نیارٕ ہم کینہہٕ ملالو
دپیمکہ اَسہٕ گندٕ مُزر توساتھاہ پی تنو مورد سُند عار
ادٕ کیچ زنجرد سان مُلہ ہون ساد ہون مزار
تہٕ ہبا دیتام گرا زنجرد روٗتھ کر کھنا آرامے
دوٗ ہینم زنجرٕ مُزرن توسہٕ موردن دیٖن مزار حرامے
بوزتہٕ با اَسی تہٕ بیلہٕ زنجرنے تل کرو قضا ظالم ادٕ گژھن رضا



اُو زنجیر (نسخہ)

خلقو گیَم عمر کوتاہ داد چھِ تسبیح پھِرآئی[۱]

کرِزِ کیاہ شکایت آسمانسے یتھ بےوفا زمانسے

دُنیاس سو کھ مُہم کَڈتھ آخر سأری چھ مرآئی

اَما دِیتن نہ راحت اکھ کرِا یتھ یتھ جہانسے رتھس رسولِ سبحانسے

بوزم مسجدِ منز دوہ اکھ حضرتؐ بیہتھ اوس خوشحالو

ہتھ دُچھنہ کنہ کو چھِ بیٹھ نورِ عین حسنینؑ اُچھن ہند لالو

بیبہ کنہ ہتھ شاہزادہ ابراہیمس ہتھ سہ خلیل اللہ لیُس اوس سہ پننِ جگرِ پارہ

دُچھن تہ کھووِری گندان عرشکی گوشوارو دُر شہوارو

تانی بر ژاو حضرت جبرائیل کرِ سلامے

دپہ یا رسول اللہ یمن دون منز چھُو اکس اعلامے

اَما دون منز اختیار تھاوِ لو خدائِس خوش کرِ یو سہ گژھ ہو جُدا

علی

یہ بوزِ تھ اوس حضرتؐ نورِ چشمو اَشہ مو ختہ ہرائی

اوس اُچھن میٹھی دِوان گرا پننِس نورِ عینسے پھِرِ پھِرِ وچھان حسینسے

دہیس یا اکھ دِنے کنتھاہ سیٹھاہ چھُمہِ بھیرآئی

دمن کتھِ حسینؑ ہکہ نہ بیہتھ اشدِس ماتمسے پی برٛھا بو فاطمسے

یہ کتھ ہے بوزِم پونتر موج جان دِیم فلحالو

بٔڑانتھ اَسنزے چھُم دلوگرِ روزم مے بحالو

کران حسینؑ حسینؑ مرہم اَدِ میأنی زندگی تہ چھےِ محالو

[۱] گیَم کوتاہ زندگی دادِ چ ... (نسخہ)

بہ بیٚنہٕ زام تنہٕ کوٗرُم نہٕ زانٛہہ جُدا چھمُنہٕ اُمِس سِوا قرار
چھُس نندرِ وو نھان نہٕ کران استدُے دیدار ○

شاہ حسینسؑ فِدا میثون ابراہیمؑ یی صلاح مےٚ آمے (=)

علی مرتضیٰؑ تہٕ کرہم قضا حسینؑ بوزہم یا مے (=)

مےٚ چھُنہٕ زانٛہہ دِل بھضرِ مت شاہؑ شُند ازتامے (=)

مرثیا حُسینؑ ابراہیمؑ زِندِ روزِ یاہ بہ دِل دِیَم نہٕ یارٕی زانٛہہ (+)

## علیؑ

کیٛاہ سنا ڈیلشہ ہے سہ حضرتؑ تسُی شاہ حُسینؑ مارٲنی
کالُو کینہ روزِ ہس ہیٚنِس جانسے رتم ہیٚٹہ ہے پانسے (=)
نتےٚ سرس وُچھہٕس خول نیزِ نارٲنی
اَکھہ موٗران گرِ گرِ نزرٹہِ ہے نیزِ دارسے متولد تن نیزِ دارسے (=)
نالہٕ موٗت کرِ ہس یدنس روزِ ہس وُلِتھہٕ نالو (-)
سوٗر مُنتھہِ اَژِ ہس توٗندرس مےٚ ہبا آم لولو (-)
فقیٖری بیٚتھہٕ روزِ ہس نُتھی برس بیٚٹہِ اوس گُنڈٕی نھہٕ کوکلو (-)
نتےٚ وُچھہے سہ یا آندی وان کیٛاہ سنا روزِ ہس نے اختیار
نُتھی سیاہ چھس وو ڈ لا یہ ہے بیٚٹہِ اوس بیمار ○
کیٚنھہٕ وو ڈ نوٗن تھاوِ ہس دِبہِ ہس یُن عمامے (-)
بجیل حلقس کڈِ ہس چھُھم خلقس اِمامے (-)
بیٖب سکینسؑ کفنہٕ کینہ ولِہ ہے یُن جامے (-)

اِم کلثومسٕ تہٕ بیب زینبسٕ موٗ کلاوِ ہے نا (+)

# علیؑ

اَدٕ آو دوٗہی نارٕ عزرائیل ہیتھ حکمِ ربانی
سلام کرٕتھ عرض کرِ حضرتسٕ چھُو وعدٕ یُس بوٗ آس (=)
حضرتؐ زِ گژھِ نے قبوٗلِ درگاہ یہ چھم مہربانی
روز با فاطمہِ زہراؑ سُس بوٗ ازمرِ لیسے دیدارا پتم کرِ بسے (=)
ادٕ یو تِرِ مابہِ حضرتؐ گو تُوٗ تے بیتہٕ اوس سبق یران ژاٹہٕ ہالو (–)
وُچھ بانی شاہزادٕ سُند بِتھے گوٗ برٕ مول یُزٕ گو بے حالو (–)
اوس کلہٕ دیوارس دِ تھے وَدان وَدان کڈان اوس آہ و نالو (–)
پِہائے وَنہٕ غیر شہزادس شاگرد، چھُ وَدان زار زار
رسوٗلِ خداؐ بابہٕ چون رُٹتھ دیوار (=)
بوزِ بابہٕ سُند بانی معصوم لاران آو تلے (=)
وَدان مشابہِ پانو بابس چھُم بنیوُ مُت کیاہ ہنا مے (=)
رٹھس جیرِ نالہٕ متہِ رسوٗلِ خداؐ گژھ ہم ہیا جُدا (+)

●

---

لہ حضرتِ ابراہیمسٕ متعلق یہ روایت چھے صحیح مگر سبق یرنگ واقعہ چھنہٕ درُس تہِ کیازِ سُہ گذریوٗ دوٗ ڈٕ وارِ شُن بَس ــــ (م۔س)

# وزن دوٚیم

میٹھی دِوان بُتھہٕ بُتھہٕ دوٚ بیسہ حضرت نے رو خصت ہیہ اوخنس
فرصت جھینہ کنھہٕ نے راہِ خدا ہیا زٕ ئے کر تھ فدا
سیُنکھ قبوٗل درگاہ یأری کرٕ ئے ڈیکنے بوٗدیہٕ شنز نافرمأنی نا شہ
ہیکنے گژھ ژاۂ یاجن ہینن کر با وداع
اِد گو دوان ئمی ہینی کتابہ ہن وُشنے ییوٚن ہیوٚن ژاۂ یاج
نالہٕ منہٕ رُ شنے بخشش ہیوان تمنٕ اوس جُداہ جُداہ ۔
نہ ڈیشتھ لیٖج شٕراکھ یاکھ وُژھ تِمنے شہزادس اَنڈی اَنڈی
سأری سیمنے اُسی کنھہٕ نٕراوو تھ جان کروے فدا [1]
اَدِ تس سأری گرٕ تانٕ ستی ستی یکنے چاکھ دِتھ جامن سوٗر لدِ تھ مو کھنے
دوان ابراہیما ابراہیما
یہأے یاکھ بوٗز دیٖد فأطمنے یٖر ژھ حسینن یہٕ کیاہ بنیوو ییمنے
نہٕہ ندس مامہٕ صأبس ابرأہیمس خأر چھا
لارے یہ بابس نشہٕ ہینہٕ نوٗر عیننے بابو یأے سُند کیاہ ووٚن یہ
شاہ حُسیننے ابرأہیم مرٕ شاوُنی توم بأے رُژھ بوٗ گرٕ ھا۔
بابو یأے سُند تو بوٗدِ ڈیشتھ بے ہیکنے اسُند مرٕنک
بوزا بوٗ کنٕے متے چھا بو یا کانہہ اَمس سِوا
اَدِ دوان بأے جان نالہٕ منہٕ روٚ شنے وُنہٕ دو کھ دیٖد ہُند سٕے
دوبا موٚ کھٹنے بابو دیٖدٕ رٕژھہ بیٖنہ بوے روشناہ۔

[1] خاک ملی نٕھہ (نسخہ)

نوٗے دوٗپ وٕدان بیٚنہٕ دیٚدا براٰہیمنے
میٚنے ووہ ژٕ مرٛنٛس چارا ژھٔم نے
میٚنے چاٰنِس حُسینس یان کوٗرمہٕ قدا

بیٚنہٕ دیٚدی مینت چاٰنی ژھم زمیاٰنی یژٕری وُدی زینے
بوٗ مرٛی تھٕہ میاٰنی تن حُسینس وٚنٛدی زینے
آمی ہیے ستی زان موٗدسہ بوٗ نہٕ کربلا

•

یہ مرثی ترتیب دِنس دوران رٕوٗدی میٚنے نوٗم نسخہٕ پیشِ نظر:-

۱- نسخۂ خوبہ جعفر مرحوم مملوکہ ذاکرِ خواجہ احمد علی سالِ تحریر سنہ ۱۲۷۶ ھ
۲- بیاض مملوکہ منشی نذیر احمد سال تحریر سنہ ۱۲۹۱ ھ
۳- نسخۂ مرحوم علی محمد (فقیر) مملوکہ ذاکرہ محمد شفیع (بمنہ)

(م-س)

# مضمون مار

یا حیّ[1] گیم زندگی صرفِ عصیان سمیم خطا بے شمارے
کنۂ اَتہٕ دہن زبان استغفار کرٕ گویا دیم مارِ لکنت[2] نیشے (۱)
وَنہٕ کیشاہ چھُم نہٕ شاہ کڈہٕ دِوان شہمارِ نفسِ امارے
ظاہر کرِ کیشاہ زہر چھم ہوان گویا ژھنیم زہر[3] اُشندے ویشے (۲)
اُمی بہشتہٕ منز کوٗڈ آدمے یِیلہِ[4] آس سرُپھ لاگِتھ شیطانے (۳)
اِدٕ مے بُچھہِ نابہِ اژدہا دے کرِ مہٕ صرفِ دُشمنِ جلنے (۴)
بہٕ ہوٗمی نفسَن مورنَس اوسُس[5] مورتہٕ سینم[6] مارا لسہٕ اشدِ چھوکے (۵)
بہٕ چھُ پرِتھ وَنہٕ کلہٕ کڈان چھُس کران افسونِ[7] افسانو (۶)
چھُم راتھ دوہ نال وُلتھہٕ اُمس نشہِ مو کلہٕ آسانو (۷)
ہیہات[8] وانہٕ اُمس ستہٕ لسہٕ ریبات یا اللہ دِتم نجاتھاہ (۸)

## تعلیٰ

---

۱ حیٌ گو زِندٕ نہٕ حیٌ چھِ سرپھَس دَپان ۲ کجر ۳ تلہٕ پوٗت
۴ ریٖنے ۵ سرپھ ۶ مطلب مانھر دِتھ چھُ نفس کنڈ تیلی
زَن بناوان ۷ افسوس۔

نوٹ:۔ ذاکر اَمہٕ کلہٕ نہٕ لیکھنہٕ مطابق چھنے یہ مرثی خوجہ جعفرَس دِینہٕ آمتہٕ۔ مےٚ تہٕ گیہٕ یہ تیشنرے بیاضہِ بیٹھہٕ حاصل۔ مگر منشی نذیر احمدَن چھنے قاسم صفوفس کُن منسوب کرِمژ۔ (م ۔ س)

چھُم مارِ موت کرِ ہا نعتِ اشرفِ انبیاءٔ بوٗ بنی ین اُمہ کے ابارے
موساس[۴] تھندے دمہ عصاس سیٖن اژدہا ژوٗل سہ سرفن نہ
سأحرن ہنٛد اندیشے ؎
بوٗ کلام حضرت معنیٔ وحیٔ یوٗحیٰ دِیہ تھنٛزِ رسالژ گواہی سوسمارے
دِیہ وٚنتہِ سمسارک زابہِ نوشاہ تاجدار صبرک درویشے ؎

خلقو ہمیشہِ دُنی پھک یوٗجاکم کم ونیہی ہا وانے ؎
اُمہ کے وبہ حضرتِ عیساس[۴] نہ کھٔن بیو آسمانے ؎
اُس یاتژن یٚتن وأنسہِ امت پریشان گومت گٔژ کارتہ مار دارا
نبی نہ آسنکہِ موکھے ؎
اوس نزدیک ذی حیاتن بدم بنہ ہے عدمک تعبانو[۵] ؎
دنیاس جنابہ شدِ پاد بینہ سینی پاد زہرِ[۶] جیوانو ؎
ٹکان ییہ ہینے در وجودسہ پاک ذات لسہ ہے نہ کانہ ذوذا تھا ؎



چھُ[۱] تریاق[۲] مدح فاروق اعظم علی ایلیاٗ دِوان افعیٔ گو نہس مارے
کران گزندافعیٔ عصیان دفعی دفع لکان طومارِ خطان پھیشے ؎
بخشان زہرس مہرِ شاہ اولیاءٔ خواص مہر مارے
نعوذ باللہ قہرِ شاہ تیٚتھ زہرا اثر درس نہ کرِ ریشہِ ریشے ؎

---

۱ تریاق ۲ تماشہِ، رنگ ۳ اژدہا ۴ زہرِ موہر ۵ تریاق فاروق چھُ اکھ دوا
یُس گنٛزِ ہِ ٹوٗ بیہِ لدس دِنہِ چھُ یوان ۔ ۶ سرِ پھ

بۆزُم اوس ژُھوس شاہ تہٕ دوہ اکہِ دوہ ڈمُوج اُسِس دوہ دِ چاوانے ⊖
آیس تہِنز کھوہ مِنز ذوالاہ مَنز بَس ساوانے ⊖
تنانی گو کو ہٕ کینہِ یا دِ اڑ دہا تس نیر اَن دہانہ دُہا دزان خشک وتر
نہٕ ہند چھُو کے ⊙
سہ کڈان بیٛلہِ زبان نارِ غضبان دوان زُبانو ⊖
تیر نِگاہ تہِنہٕ شُد زن تیز مارمارانو ⊖
ژُلی مُلکی لُوکی ہُڈی سیُن عرصات قیامژ ہُند ساتھاہ ⊕



آد سہ شہمار پیچ دِوان تو تُے ییتہ اوس سہ سُند گہوارے
رُود ہٕ شاہ ہٕنز دوہ دِ ماجہِ کانہ ہوشاہ بیٛلہِ تَس اژدرس ڈیشے ⊖
کران بانس مسمار اُس وہ کھوان ہے ہے گرٔ ھیم شاہ مارے
ڈیشتھ دوہ دِ ماجہِ ہُند جزع فزع کرِ شاہ حیدرٔ طِشے ⊖
ہے کڑی تھہ شیر خارس بیٛھ اڑدہا ہن مَنز یانی دہانے ⊖
تانی کڈِ اَتھہ ہنا یدالله ید بیضا زن گہانے ⊖
تھاوِ نس زٕ انگشت مبارک مَنز دہانس کوزِنس چاریکبار
دِ پار پیٛیئے رکھُو پارہ زن گہوارس نکھے ⊙
لُوکھ معصوم سُند یہ اعجاز ڈیشنہٕ گئے حارانو ⊖
زُو وندان مَنز بس اُندی اُندی اُسی پھیرانو ⊖
ہُو ماصُومن کراماتھ نتہٕ لسہٕ پنج اُس ہٕنہ برانتھا ⊕

---

۵ رحبہ

تسی شہس پھوٚر زمین ماٚری یتھ چھ کربلا دپان ییٚتہٕ گاٚس دُستنتھ مارے
پھرٕس شاہ حُسینس کوٗفی بے حیا ماٚری ہس پاٚے یٔنڈ دردل نہٕ نیو لیشے (=)
اوس وُچھتھ وہنی دب دِوان چھِتھ گوس نیوٗلی سٔنڈ نیزٕک سیاہ مارے
ییٚتہٕ اوس دِوان گرِ گرِ زبیرِ ظاٲلم روٗسیاہ لگان سرٕس شاہ حسینس نیشے (=)
تہٕ ڈیشتھ یوان آسہٕ ہر طرف ییٚتہٕ پان مارانے (-)
روزان نیزٕس اُنڈی اُنڈی صف گنڈِتھ دامن دارانے (-)
دپان ہاٚے سٔندِ پیٚتھر ییٚتہٕ ماٲمس توٗل دب دِیہٕ ییٚس نہہٕ نوٗزموکھے (ء)
اَتھ سرٕس بُڈی بابہٕ سرور نکھہٕ زانہٕ اوس نہٕ تُراوانو (=)
یے زمینس ییٚتھ زٕن ییٚتہٕ آسہٕ ییٚتہٕ آسمانو (-)
اوس ییٚتھ بُڈی بابہٕ مسیٚتھی دِوان یِران صلوات تتھ نیوٗل گرٲبہٕ دِوان
زانان درجا کتھا (+)



تمہٕ ساتہٕ حال ییٚب زینبہٕ سُنڈ زانہٕ نیو داگیہٕ کمن کمن غمن گرِفتارے
کنتھ خانہٕ وادس گیاہ بٔنیوٗس روز تنہا گس شاہ سٔنز کوٚر
گیاہ آس ییٚشے (=)
وُچھان اَکہٕ کنہٕ نیزٕن لٔدِتھ ہاٚے ارداہ ییٚتہٕ کنہٕ زنجیر کرِتھ بیمارے
ییٚتہٕ کنہٕ اڈِ کُج دپان پوٗ ہیٚد بُڈی چھنا آبا بوٗ مرے کرٲن ترٕ لیشہٕ
ترٕ تیشے (=)
ییٚتہٕ کنہٕ سہر بٔنی دِوان فریاد بُڈی بابہٕ شاہم دانے (-)
بوٗ نوٗش شاہ حسینٕنی چھس تا کوٗرٕ شاہ حسینٕنی زوٗ دانے (-)

ا؎ زمین مارِیہ یعنی کربلا

ژٕ دوہ یہ وَنہٕ یِزمن چھُ کیٛاہ ییٚنہٕ وُچھِنہٕ میٖیون سامانے ۝

مٮ۪ے از دوٚشنہٕ ٹھُکُر ڈوٚلی یِیِزِ ہاشُوبہٕ ہیٚم نازانیانے ۝

اُسٕ سور وُچھان تہٕ بوزان زیٖنب کبریٰؑ سیٖنان اٚہ سِس پٔژھ
گرٛا محشرا اوٚشِس لیوٚ کھٕمت کیٛاہ ڈیٚکے ۝

نیٖرِ ییٚھِہ ییٚلہٕ شاہِ حُسینسؑ گرٛاے ییہٕ ہے زانہٕ اُسٕ مرانو ۝

ضافہٕ ورِز ییمارس زٕ نجرَن اُس ٹھَف کرانو ۝

للوان ییب سکینسؑ اُسٕ دیٚدِ ہنٛدی یاٚ کھٹی لول برانو ۝

اُسٕ میہ ییٚنہٕ اُسہِ ٹھوٚپ دِوان اوٚشِس وہ ٹھرانو ۝

اٚسِس دوہ ہَس گُزران یمےٚ حارٕی تاکھ اَدٕ ییٚلہٕ ییہٕ ہے راتھاہ ۝

## علی

اُسپر لوٚکٕ ٹیٚڈی ٹھکی تھِہ اُسی ییوان ورِ ہے اَدٕ لوٚٹ لوٚٹ ناچارے

باٚنو سر کھٔنے تہٕ اَرٕ سَرٕ ژلہٕ نے نہٕ زانہٕ ییٚم دوہ کھہٕ تہٕ داٚدی للونی ہمیشے ۝

گُذرے میٖیون ہیوٚ طوٗفان دوہ ہَن کرِ راتھ کوہ ہَن پار پارے

کس دوہ کھہٕ لَدِ زنجیر کرٕ تھِہ چھ پھران لڈتھ نیٖرِس بوے سفید ریشے ۝

بہٕ ییٚنہٕ دیٚدِ مُنٛد توٚرٕ سہٕ میراث چھم محکمن پھرِوانے ۝

نسَ تہٕ باکھ دِنس مَنع کرٕ نہٕ آسٕ مٮ۪ے نہٕ چھمِ تہٕ وَدنہٕ دِوانے ۝

کوٚڈ کھہٕ بابہٕ ماٚری تھِہ رز کرٕ تھِہ عابدینؑ شاہ ییٚتھِہ کیاکھ بابہٕ بادشاہ
ٹیٚڈی بابہٕ بنہٕ دوہ کھے ۝

اما دیٚدِ میٚبانہٕ بوزا اوٚ خدا اے، باٚبس ییٚتہٕ نیٖن ٹکانو ۝

تتھے بوز ہیم نیہ ہیم دو نی یم اَر سر ہیکہ ہا نو ○

یینہ زالیس نیٛنہ دو کھ ہیم دو ہے آیس نھکانو ○

چھم گژھان دو ہس قیامتھا ہر ساتھ پژھ راتھاہ سکراتھاہ ○

## علی

خلقو دِوان پژھ کانسہ بنیش دُنیھک مارِ سیاہ کرِن کنتیاہ گداتہ شاہ مارے

کس دزاو سمسار سور، ییہ بے وفا کران تلخ عیشے ○

لیکھان چھُ روا ییتھاہ راو یاہ روزی تو کن داری کھ کرمو اظہارے

اوس آسان منز مدین صاحبِ دیناشاہ سُندا خلاص گیشے ○

تس محبس کوراکنی آس در جہانے ○

ییٛمہ دو ہیہ کرِ ہیس سرواہ بوزی تو کیاہ بنیوس وکانے ○

مہر ییٛنہ تُو بہ دِتھ مارِس سر ہیاہ ییٛنہ والِہ سو کھ منز حیفا دو کھ ییٛو کھ سو کھ ہو کھے ○

وَنو ینہ کینہ آسی مہر ییٛنہ لیل کرانو ○

اُدو رَب ستھتہ مانزاکھ آسہ مورانو ○

غش کرِ کورِ مول زُونکھ کورُن وفات کلے یس زبو پھور بس ینہ کنتھ باتھاہ ○



ادکورِ مول مہر ییٛنہ ڈولہ لدِ تھ آو دوان امام حسینؑ[۲] دربارے

وُچھینہ مجلسہ بہیتھ اوس حجت خو دا آندی آندی ساری قریٛشے ○

---

[۱] خاندر [۲] سالہ ژیہ

زاد کورِ مول درواز فریاد دِوان یا امام بوٗ لگہٕ مو نِثارے
بیٚینہِ والہِ بیش آم سخت مُہا کورِ ہشدی مرگن کوٗرسہٕ دِل ریشے
یا امام مو یم کوٗر مہر بیٚنی مآنز لاگ کَتھہٕ ڈوٗلی چھم ڈولانے
مہرازِ سوالہِ لوٗکھ ہیتھ گرِ چھم بیٚرانے
کمہِ ہتھہِ بوٗ کرس رو خصت کورِ مول چھُس مند چھانے
ہاوتہٕ بابہٕ سنٛدی پاٹھی اعجازاہ ژےٚ زانکھ میثون دردا ژٕتہٕ پانہٕ
کورِ مول چھکھے
بوٗ زِتھ کورِ ہشد امامس اوٚش بُتھہِ بیٚیٹھی اوس بیٚرانو
نہٕ تہٕ بنا تس بیٚنہِ کورِ ہشد اوس پھیرانو
تس نتہِ یی بنیم بیٚینہِ والہِ یانی آسہٕ تس نیرانو
تانی مہرازٕ مارِ تس وَتہِ بیٹھ گژھہِ عیرانو
آسہِ وَردہٕ کینہٕ باتَدی نیر نِکی ساما نہٕ شیرانو
اِدٕ تلہِ قبلس کنٛ اتھہٕ قبلۂ حاجات موٗمنٔہ مہر بیٚنہ دُبارٕ دیہِ
حیاتھاہ



اِدٕ تس کورِ لاگہِ ژیٚرمن پانہٕ سیّدالشہدا[ا] ڈولہِ لُدِتھ وآرِ وگڈن وارٕ کارے
تہٕنزے کورِ مآنز لاگی تھہٕ افسوساہ وآرِی وِکنہِ پھرِ وکھ دلیشہٕ دیشے
اُس بابس نیٚبرٕ تلہِ دِوان صدا لگیو بابہٕ سرٛ مدارے
بوٗ چھسے مُندٕ[ا] وُنِ تھہٕ ہیکا کوٗر وانہٕ شاہ حُسینس[ا] سےٚ کوشہٕ
کرِ سیشے

---

ا عاجز۔ پچھمر۔

مےٚ اوس تو ہہ ستی کتھ کرنس یوان حیا خبر چھو یانے ○
زانہٕ ہے مےٚ کُن کرٕ ہو نگاہ مرٕ کتھ اُسس گرٕ ھانے ○
ییٚمہِ زِندگی کھو تہٕ مےٚ اوس مرگ جان دپان چھس زِندے قبرٕ وسہ ہا
بو نہٕ صا آبہ ٹیکی کتھ بُرقعہٕ زرٕ ہیکے ○
گرٕھان اُسس نہٕ کانسہِ ہُند کو نہٕ ہے سوالس اوس یوانو ○
اَز گرٕھا گرٕ ییٚزِ یدٕن وو نی کھسا روزِ دیوانو ○
نتہِ نہٕ کُو نزٕھا ینٕن آسن وُ چھان بیگانو ○

•

نوٹ :۔ یہٕ چھیرِ چھُہٕ کنہِ نہٕ دستیاب نُسخس پیٹھٕ نشست لیکھت
عتیٰ اکہِ مرحوم و مغفور ذاکر خو جہِ جعفرن نہٕ چھُہٕ لیو کھُمت (م س)

ماخذ نسخہٕ خواجہ جعفر ۱۲۶۶ھ مملوکہ ذاکر خواجہ احمد علی

# وزن وان مار

نانی اکھ بیبا نادالا ئے شاہجہینہٕ لگیو ہو چانِس نادس بایہ وۄلو
اَسہِ باکھ دِنِس چھُ منع باییے باکھ لاینہٕ لاینو ہو رۄدُم ہوٚس دردِلو
ونتم باونہٕ کس غوصے مالنے مالنے مرگژھ کرِ مہ تھزسے مالنے مالنے
روزم چھنے دۄسے مالنے مالنے بۄدوبا دیدِ بابہٕ رُژھ چھےمالنے مالنے
محکمن کھاٚرمژ چھسے مالنے ملالنے ژاٚرِ نہٕ بۄ کڈٕس مرگنے مالنے ہے

آسہِ ہہم لرِ بھیران کورِ ہنٛدِ نیاییے پانہٕ مہرازٕ ۄ چھتمو سٕری رۄژھ ونٛدے کلو
یہ چاپانہٕ مرنہٕ بڑو تہٕ بھیرِ تھ آییے شرمہِ ناکہٕ لگیو ہو اُمس چھے لگان ڈکو
تنہٕ یکھنا شاہجسنٕے مالنے مالِ نے روزٕے ویگہٕ کھسنے ملنے مالنے
چھُی کفن مہرازس نے مالنے مالنے ولیس ناکو تہٕ کفن قرض حسنے مالنے ہے

چھ بیٚتہٕ نیٚزدار نیٚرہٕ ہیتھ باٚیے بڈووینہٕ لاینو ہو کنھہٕ پاٚٹھی کروے لیلو
یُس ہیٚنہٕ دُنیاس رآوی باٚیے رائے گرٚژھ مزار بلہٕ نو کینہٕ نے چھاوِ کلو
رٹھس نالہِ متہٕ قبرے مالنے مالنے دبیس نیٚر تہٕ نیٚبرے مالنے مالنے
گنڑھبس باٚئے متہٕ زیرو زبرے مالنے مالنے ادیُس ہٕہ باٚ لیس بٚنہ
مزار کنُے سو ہیٚنہٕ مرنا مالنے ہے



# مضمونِ خاک

یا اللّٰہ ژٕ باسط الارضین[۱] رافع الافلاک[۲]
قوٕ دُرژ جانہٕ ثریٰ وثریا سفلی[۳] وعالی
گو بایا ذالمعالی ⊜

مظہرِ صنعت کوٚر ژھ بسیطِ خاک
ہو وُنتھ قسم والارض شرفِ خاک سیُٹھ حالی ارباب فہمن حالی ⊜
عدیم المثل کوٚر ژھ ادہم خاک[۴] بخشتھس رُتباہ زونتھ قابلے ⊜
ژےٚ خاکہ ہیٚنزِ ہُند تنزوٚ وُتھ آدمس[۵] سیُٹھ ملکن مسجوٗد و قبلے ⊜
دیُت نہٕ سجدٕ خاکہ سے عزازیلن کوٚر اِبا[۶] ہوٚ آسمانہٕ لوٚگس ژٕہیسہٕ دبان ⊙
کرٕ ملکو ہیٚنزِ بیٹھ جبہ سائی[۷] تمے ستی گے فلک پایے ⊙
کرٕ دِتھ ہیکی ژٕ ثنا ژٕ بیٚنچ مدح سرائی اتھ بیٹھ چھ کعبہ خانہٕ خودایے ⊙
آسہِ کو نہٕ زٕ مینِ بطحک رشک آسمانن تمتے دراو اشرفِ انبیاء ⊕

علی

سُے پاک طینت مُدعائے لولاک
دپہ کُنتُ نبیاً وَّ آدمُ بَینَ الماءِ والطّین[۸] دپنک والی
سأری لوٚب ژھہندی موالی ⊜

---

۱ زٕ مین وہرادن وول ۲ آسمانن بلندی دِنہٕ وول ۳ وُسی پایہ
۴ ژٕ م۔ تہٕ ۵ انکار ۶ ڈیکہ گھن۔ سجدٕ دیُن۔ ۷ یعنی یہ اوسُس
تمہِ ساتہٕ نہٕ بنی بیٚلہِ آدم ہیٚنزِ تہٕ آبسے منزٕ اوس ۸ غولام۔
نوٹ:۔ یہ مرثی چھیے مرحوم علی محمد (فقیر س) ونیہٕ آہتر۔

سیُن آسمان گرد[1] تھٔندِ ے کفِ[2] پایُک گردِ پاک
غُبارِ نعلینٕ[3] سو رمہ کوٚر آفتابَن کرِتھ نظرا اقبالی تمہِ کے نَقشک
گرِہ دِ تُل ہلالی ⊜
آسمان دوہ تہٕ راتھ اوس بدرگاہِ الٰہی کران عرض تہٕ گلے ⊖
کران چھِسے بُنہٕ اتھ فخر مےٚ بیٚٹھ بخشتھس کیاہ شرف حضرتِ رسولؐ ⊖
گوس میٚثرٕ کھو تہٕ لرزھہٕ آسی تھٕہ والاؐ بوزکھ مےٚ زٕ ے دادنے
گژھیم تہہ و بالا ⊙
آسمانس دُعا گو مقبوٗل مشکوٗر سپُنس سعیہ ⊙
لوٚبُن پائے معراج یِژودُن سرِتاج عصر تہٕ[4] سُند سلیہ ⊙
روٗٹ نوٗرکُے سایہ برسرِ فلکن نوٗرے گوٗ زٕمینہ تِتھہٕ ناپیدا ⊕

## علی

اَدِ بیٚلہِ گوٚ بیٚٹمہِ خاک دابہٕ حضرتؐ زٕمین کرِ سینہٕ چاک
لِئہٕ ن رَب زِ ربِّیؐ[5] موٗدم مرّبی اَنہِس سیٹھاہ بے حالی
ہے ہَے فرشِ نبوّت گو خالی ⊜
ودان بیٚتیم کرِ دِ یتیمی آس غم ناک
نِدا گوس سیُن جانشین ابو تراب علیؑ متغالی غم مہ برکرِ خوشحالی ⊜
یوٚدوے آسمانن نوٗر و ضیائی ماہ خورشید کران چھِ روشن دِلے ⊖
جائی زیب و زینت شاہؐ سُندی نوٗرِ عینِ حسنینؑ سُنو بہٕ یو زٕ
زٕ عرشس قندِلے ⊖

---

[1] یعنی آسمانَن چھیوٚر اُندی[2] تَلہٕ پیٚتن ہنٕز لرزھ [3] کھوٚرن ہنٕز لرزھ۔ [4] سقوٗد [5] میثابہٕ خودایا[6] رچھن وول موٗدم

چھے بُرجن ہُند فلکن رُتباہ ژ ےٓ چھی بُرج امامنکی ریتھ باہ ○
سوری یَہ سَتھ زاشہٕ فاطمس عطا سپنس سَتھ زٕمینہ تا بے ○
یُتھ درجا اَنن کُتہ سَتھ فلک ژ ےٓ ستی سپنن ہمتائے ○
کیتھہٕ پاٹھی بَر پا افلاک روزن آسہٕ نے ژ ےٓ پتہٕ غلبفاہ ○

**علی**

غلقویس دیدِ فاطمس سور زٕمین مِلک بخشا کھ
ڈولِ مینزِ بیٹھ شہندی خانہٕ مالی کاشہٕ یہٕ قبرِ والی ○
رٕ وٹھکھ میراث بنہٕ مزار اَکھہٕ نہ زٕ آکھ
دوٚ پکھ اوٚنو شاحسن ئڈی یا بنہٕ مرگدار کمہٕ خبالی یتیہٕ چھسہٕ
میراث تھوومُت مالی
ڈیتکھہٕ برباد خاک مدین کربلا شاہ حسین کوٚرکھ دفن کانن نلے ○
دُسنتھ شہید دُستھن جاین ترا وِکھ کوٚ تژہانہٕ کاشہٕ تکھہٕ نلے ○
کربٹاوِیس شاحسین ئڈی یا بن کھو نہٕ منزٕ لاہ تس کیتھہٕ سپچھنے
مینزِ بیٹھ بیٹہٕ ذوہ لاہ ○
ساری زٕمین آسی تھٕ مالی میراث دِژ ہَس یہٕ قبر سوٚمب تہٕ جایے ○
اَرِ ہاٹھ شہید کُنے قبرِ وُڈرِ نہٕ آس یہ کُس بنیوو دُنیاس خود ابیے ○
تس سَرِ تیزس لدن زِ گلی کِلس گنڈن مینزِ بیٹھ نن
خاک لدِی زِنا ○

**علی**

---

ٹ باے بُند نہٕ یار کُنے قبرِ وُڈر نہٕ آس ... (نسخہ)

